

# سول میر: نادر سخن گو

(ڈاکٹر) نذیر آزاد

# رسول میرؔ:

# نادر سخن گو

(ڈاکٹر) نذیر آزاد

ایجوکیشنل پبلشنگ ہاؤس، دہلی ۶

# انتساب

پننہٕ نِس ٹاٹھِس دوست

ڈاکٹر شَفق سوپوری

سٕنٛدِ ناوٕ

ییٚمی میانِس پرٛ ٲتھ کُنہِ آوریرِس عستی

پٔژن پان آوٕ روو

☆

# ROSUL MIR: NADIR SUKHAN GO

by

*DR. NAZIR AZAD*

Year of Edition 2011
ISBN 978-81-8223-833-6
Price Rs. 400/- (Library Edition)
Price Rs. 200/- (Student Edition)

کتابہِ ہُنْد ناو : رسول میر: نادر سخن گو

مصنف : ڈاکٹر نذیر آزاد

چھپِن وُری : ۲۰۱۱ء

تعداد : ۵۰۰ ہتھ

قیمت : (لائبریری ایڈیشن) ۴۰۰ روپیہ (ژور ہتھ روپیہ)

(عام ایڈیشن) ۲۰۰ روپیہ

کمپیوٹر کمپوزنگ : اُلفت آزاد

مطبع : عفیف آفسیٹ پرنٹرس، دہلی۔۶

اہتمام : منیر آزاد، سجاد احمد بٹ

سرِورق : شبیہہ رسول میر۔ عمل: موہن رینہ

ڈیزائن : جاوید اقبال

*Published by*

**EDUCATIONAL PUBLISHING HOUSE**

3108, Vakil Street, Kucha Pandit, Lal Kuan, Delhi-6 (INDIA)
Ph: 23214465, 23216162, Fax: 0091-11-23211540
E-mail: info@ephbooks.com,ephdelhi@yahoo.com
Website: www.ephbooks.com

# فہرست



☆

نقش حیراں را خبر از حالتِ نقاش نیست
معنی پوشیدہ را از صورتِ دیبا مپرس
(صائبؔ)

# گوڈ کتھ

''رسول میر اوس رند مزاج تہٕ رنگین طبیعت تھاون وول''

''رسول میر اوس تغزُّل خاطرٕ بہترین دل و دماغ ہیتھ دُنیاہس آمت''

''رسول میر۔ پاسہٕ فنکار تہٕ باشعور زبان دان''

''رسول میر چھُ کأشرس منز اَمہِ صنعتُک (تجنیسُک) بادشاہ''

''سُہ اوس آہنگس منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق''

''رسول میرٕنس کلامس منز چھےٚ سوےٚ بے ناو مأنتھر یتھ حافظن قبول خاطر ولطفِ سخن وٚومُت چھُ''

''صنعتِ تجنیس تہٕ صوتی تکرارٕ کِس استعمالس منز چھُنہٕ کأشرِ شأعری منز رسول میرس کانٛہہ مقابلہٕ''

''سُہ اوس جسمانی خدو خال کِس بیانس منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق''

یم یا یِتھی ہوی خیالات ہیکن رسول میرس تہٕ تہنزِ شأعری متعلق ظاہر کرنہٕ، مگر یہ تہٕ چھ پزر زِ یمو متضاد رایو باوجود ہیکہِ نہٕ رسول میر نظر انداز کرنہٕ یِتھ۔ وجہ چھُ یہ زِ رسول میر چھُ کأشرِ شأعری (خصوصاً غزلیہ شأعری) ہُندسُہ پڑاو یۄسہٕ واریاہ وتہٕ رلان چھےٚ۔ مگر یِتی چھُ یہٕ تہٕ پزر زِ رسول میرن مطالعہٕ کرنہٕ وِزِ چھُ کینژن غلط فہمین ہُند ازالہٕ کرُن ضروری۔

در جہانی و از جہاں بیشی
ہم چو معنی کہ در بیاں باشد

(انوریؔ)

اسدؔ اُٹھنا قیامت قامتوں کا وقتِ آرائش
لباسِ نظم میں بالیدنِ مضمونِ عالی ہے

(غالبؔ)

رسول میر سٕنٛز شاعری اگر صرف تہنٛدٕن جذبن تہٕ ذأتی عشقیہ وارداتن ہُنٛد اِظہار مانو تیٚلہِ چھےٚ اَکِس رِنٛدٕ ہوسناک تہٕ لذّت پرست شخصہٕ سٕنٛز شبیہہ بروٚنٛہہ کُن یوان۔ مگر ییٚلہِ اَتھ شاعری منٛز موجود فنّی صلاحیتن پیٹھ غور کرنہٕ ییہِ، یہِ زأنتھ زِ شاعری چھےٚ نہٕ شخصیتُک اظہار بلکہِ اخفاء (ژورِتھاوٕنی) تیٚلہِ چھُ نَنان زِ سُہ اوس پزی اکھ باشعور زبان دان۔

سون تنقید رُٔد وارِیاہس کالس شاعرٕ سٕنٛدِس کلامس منٛز تہنٛز شخصیت تہٕ تہنٛدِ دورٕکی حالات تلاش کران۔ تہنٛزِ سوانح عمری کُن واو توجہ دِنہٕ تہٕ تمہِ دورٕ کیٚن سیاسی کیٚو سماجی حالاتن ہُنٛد اثر آو اَتھ سوانح عمری منٛز وُچھنہٕ۔ نتیجہ درٛاو یہ زِ شاعرٕ سٕنٛز شخصیت (پزٕ یا قیاسی) آیہِ بروٚنٛہہ کُن مگر شاعری روز پردن ژھایہِ۔ سیاسی حالات آے بیان کرنہٕ مگر تہنٛدِ دورٕ کیٚن ادبی تہٕ شعری رُٔوین متعلق آیہِ خاموشی اختیار کرنہٕ۔ حد چھُ یہِ زِ مرزا غالبہٕ سٕنٛدِس کلامس منٛز آے غدرٕکی نشانہٕ ژھانڈنہٕ تہٕ آو بہ یک زبان وننہٕ زِ چھُ غالبؔ صأبُن یہ شعر چھُ اَتھ تباہی پیٹھ مرثیہ۔

ظلمت کدے میں میرے شبِ غم کا جوش ہے
اک شمع ہے دلیل سحر سو خموش ہے

پتہٕ ییٚلہِ یہ ثابت سپُد زِ یہِ غزل اَس غالبن غدرٕ بروٚنٛہہ تقریباً پانژترٛہ وُٕری وُٕنی ہٕژ، سانٛی تنقیدن دیُت لرِ پھرُن تہٕ آو وننہٕ زِ شاعرس چھُ آسان آگاہ موکُل تہٕ غالب سٕنٛدی بصیرتن اَس بروٚنٛہے یہ تباہی وُچھمٕژ

تکیا زِ سہ اوس ''عندلیبِ گُلشنِ نا آفریدہ''۔

اَمہِ قسمکی تنقیدن تژو و شعرس پیٹھ زبردست منفی اثر۔ شعرس متعلق آیہ تأویلہٕ کرنہٕ، دور از کار روایتہٕ آیہ تلاش کرنہٕ، قیاسن آیہ کأم ہیٚنہٕ، گامہِ گوم پھیرتھ آیہِ شہادتہٕ وُچھنہٕ مگر یتھ چیزس کُن توجہ دیُن پزٕ ہے تتھ آو نہٕ ژھوٚرتہِ پرٛژھنہٕ۔ سہ بے کس تہٕ لاچار وجود اوس جانِ شعر۔ رسول میرنہِ شأعری ستیٚ تہِ روٗد یوٗ ہے معاملہٕ۔ سہ آو ہکٹ تہِ کرناونہٕ تہٕ گامہِ گوم آو گبون پارٹی ییٚتھ ہٹرِ ہٹرِ پھِرناونہٕ مگر اُہندِ کلاہِکی محاسن آے نہٕ وُچھنہٕ۔ سانہِ ترقی پسند بزرگو واتہٕ نو وامہِ قسمُک طرزِ تنقید یتھ حدس تام زِ تِمو ژھانڈی پننیٚ مُفید مطلب موضوع کلاسیکی شأعری منز تہِ۔ حدچھُ یہِ زِ ترقی پسندی ہٕنٛدِس زمانس منز آو سُہ شاعر تہٕ ادیب تسلیم کرنہِ یُمی اَتھ تحریکہِ ستیٚ پننہِ وابستگی ہٕنٛدِ باقاعدہ اظہار آسہِ ہے کوٚرمُت۔

وُہمہِ صَدی عیسوی منز آے تنقیدس منز انقلابات۔ رچرڈس، ایمپسن تہٕ ایلیٹ ہیوٚ تنقید نگارو دیٚت موضوع علاوہ متنس کُن تہِ توجہ۔ اَمہِ کِسی اثرس تحت آیہ مشرقس منز (خصوصاً اُردوس منز) نٔوی تنقیدی دبستان وجودس منز۔ یِمو متنس (Text) منز موجود لفظن تہٕ پرن وألی ہٕنٛدِس قرأتس کن توجہ دیُت۔ اَتھ سلسلس منز چھِ محمد حسن عسکری، وزیر آغا، وارث علوی، شمس الرحمان فاروقی تہٕ گوپی چند نارنگ کینٛہہ قابلِ ذِکر ناو یِمو سانہِ طرزِ تنقیدک رُخ یکسر تبدیل کوٚر۔

سانہِ کأشرِ تنقیدُک حال تہِ چھُ یوہے ۔عبدالاحد آزاد صأبنٕ کتاب ''کشمیری زبان اور شاعری'' چھےٚ سانہِ تنقیدٕچ کنہِ کنۍ مگر یہ کتاب چھےٚ بہر حال تذکرہ تہٕ اَتھ منٛز چھِ تنقیدٕ کھوتہٕ زیادٕ سوانح پیٹھ زور دِنہٕ آمُت ۔مگر سأنۍ نقاد دڑاے نہٕ اَمہِ کھوٚ حدونبر ۔ یہ چھُ پزر زِ سانیو کینژٕ و نقادو کوٚر جدید مغربی تنقیدُک مطالعہ تہِ مگر یِیلہِ پانہٕ تنقیدٕ لیکھنہٕ لگۍ تمہِ وقتہٕ گٔرِ کھ یِم نٔوۍ اصول نظر انداز تہٕ لگۍ شأعرن ہٕندِس کلامس منٛز تہٕندۍ شب و روز (تِم تہِ قیاسی) ژھانڈنہِ ۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وُچھکھ شأعرہ ہٕندۍ موضوعات تہٕ کڈِکھ جلد بأزی منٛز طفلانہٕ نتیجہٕ ۔ اَتھ طرزِ تنقیدس منٛز ، یمہِ مطأبق شاعرہ ہٕندۍ موضوع زیرِ بحث آےٚ انہٕ ، آے شاعر ''اسراری'' (صوفی) تہٕ تاشوقہٕ (تعشوقہٕ) طبقن منٛز تقسیم کرنہٕ ۔ یہ طبقہٕ بندی وُچھِتھ لوٚگ باسنہِ زِ یِم زٕ (فرضی) جماژ چھےٚ یاتہِ اکھ أکِس نِشہِ بے خبر نتہٕ لاتعلق ۔ حالانکہِ یہ چھُ ناممکن زِ کانٛہہ تہِ جینون شاعر آسہِ پننہِ روایتہٕ یا پٔانس أندۍ پکۍ کیو شعری رجحانو نِشہِ بے خبر ۔ شأعرن ہٕندٕن موضوعن آوللہِ کھوٚل کرنہٕ تہٕ تہٕنٛد کلام آو نہٕ لسانیأتی تہٕ جمالیأتی تناظرس منٛز پرکھاونہٕ ۔ یہ چھُ پزر زِ جناب امین کامل ، پروفیسر رحمان راہی تہٕ جناب محمد یوسف ٹینگ ہِوٕ نقادو دیُت شاعرٕ ہٕندِس کلامس کُن توجہ مگر یہ تہِ چھُ پزر زِ سأنۍ اکثر نقاد رُودۍ رسول میرس تہٕ نام نہاد کوٚنگی تامی محدود ۔

چونکہ میٚے چھُ رسول میرنہِ شاعری ہٕتۍ واریاہ کالہٕ پیٹھ شغف ۔

گوڑ گوڑ رۄدی مےٚ تہٕ أہندی اندرونی قافیہ، تجنیسکی ول، حرفن ہنٛز تکرار تہٕ أہنز سراپا نگأری پانس کُن رأغب کران۔ مگر وارٕ وارٕ گوٚو مےٚ یمہٕ کتھِ ہُنٛد اندازٕ زِ رسول میر چھُ سانہِ کأشرِ شأعری تہٕ اُردو/ فارسی روایتس درمیانی اکہِ کڈٕلچ حیثیت تھاوان۔ ءتی گوٚو مےٚ یہ تہِ احساس زِ أہنز شأعری چھےٚ بہ ظاہر ذاتگ اظہار مگر یہ چھےٚ تہنٛز ذأتی شخصیتس پتھ پرٕد۔ بقول میر تقی میر ؎

کیا تھا ریختہ پردہ سخن کا      وہی آخر کو ٹھہرا فن ہمارا

مےٚ وُچھ زِ رسول میر سُنٛد شعر چھُ امکاناتن تہٕ انسلاکاتن ہُنٛد دُنیا آباد کران۔ میر چھُ لفظ مینٛز مینٛز تہٕ تولی تولی استعمال کران تہٕ اکھ اکھ شعر چھُ بہ یک وقت مختلف حقیقتن کُن اشارٕ کران۔ مےٚ وُچھ یہ تہِ زِ سأنی اکثر نقاد ہیکی نہٕ رسول میرنہِ شأعری منٛز ہوسناکی تہٕ افرودایتی علاوہ کینٛہہ تہِ وُچھِتھ۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وٚونکھ زِ أمی چھِ زبأنی ہُنٛد منٛز بدلاونہٕ خأطرٕ قرأنی اصطلاحاتہٕ ورتاوِمژٕ تہٕ نارِپتان بیان کران کران چھِہن اسمانہٕ معرفت وچھٕ تشبیہہ استعمال کٔرمژ۔

مےٚ کوٚر واریاہن نقادن استدعا زِ نہ صرف رسول میر بلکہِ سانٛہن اہم شأعرن مثلاً شمس فقیر، رحمان ڈار، صمد میر، احد زرگر ہنٛدِس کلامہٕ کِس متنس کُن گوٚژھ توجہ دِنہٕ یُن۔ مگر میأنی آواز گےٚ آخرس پتھ صدا بہ صحرا ثأبت۔ مےٚ باسیوو زِ اَتھ سلسلس منٛز چھُ اکہِ سنجیدٕ بحثُک آغاز

کرن ضروری۔

قرعہ فال بنامِ منِ دیوانہ زدند

کتابہِ ہُنْد مسودٕ تیار کران باسیوٚ میےٚ زِ یتھ کتابہِ متعلق ووتھن ترٛے اعتراض۔

۱۔ یم معنی میےٚ رسول میرٕنین شعرن یایمن منٛز موجود لفظن ہنٛدی بیان کری رسول میرس تہٕ اوساتی منشا؟۔

۲۔ میأنس تحریرس منٛز موجود فارسی تہٕ اُردو لفظن ہنٛز بہتات۔

۳۔ صوتی بنیادن پیٹھ بناونہٕ آمتہِ کأشرِ رسمِ خطہٕ نشہِ کُنہِ حدس تام میون انحراف۔

چنانچہ چھُ منشائے مصنفس متعلق بحث یُس مشرق و مغربس منٛز پرٛانہِ وقتہٕ پیٹھ چلان چھُ۔ افلاطون چھُ منشائے مصنفس یٔمہِ موکھہِ انکار کران زِ تہنٛدِ مطأبق چھِ شأعر دیوتاہن ہنٛدِس اثرس تل آسان تہٕ تمن چھےٚ نہٕ خبرے آسان زِ أسی کیا چھِ ونان۔ أزی کہِ زمانٕکی لاتشکیل وألی چھِ امہِ نشہِ اِو موکھہِ منکر زِ بقول ژاک دریدا مصنفس چھےٚ نہٕ پننہِ عندیہ ہچ خبر آسان تہٕ بقول رولان بارت زبان چھےٚ فاشسٹ تہِ یہ چھےٚ پرٛن وألِس جبر کران زِ "مےٚ پرٕیمہٕ آیہ"۔ مشرِقی شعریاتس منٛز چھُ شأعرن تلامذہ رحمٰن (خدایہِ ہنٛدی شاگرد) وننہٕ یوان تہٕ شعرک الہأمی تصوٗر چھُ یتہِ موجود۔ یٔمہِ مطأبق غالب تام چھُ ونان زِ "آتے ہیں غیب سے یہ

مضامین خیال میں''۔اتھ سلسلس منز چھُ ایلیٹ سُند یہ قول قولِ فیصلک درجہ تھاوان زِ ''یوسہٕ نظم نہٕ مےٚ وُنہِ وُنی نہٕ بہٕ کیا ہیکہٕ وَنِتھ سو کیا پھےٚ۔ تکیا زِ یمہِ چیزُک ترسیل کرُن چھُ سو چھےٚ پانہٕ نظم۔ سُہ تجربہٕ تہٕ سو فکر چھےٚ ضمنی ییمُک اظہار نظمہِ منز چھُ سپدان''۔

اَتھ سلسلس منز چھُ میون اکھ ذاتی تجربہٕ پیش۔

میأنس والد مرحوم عبدالرحمان آزاد صأبن بأتھ چھُ۔

والہٕ برٕی زلفِ خم بألیے | تابداماں ستم بألیے

یہ چھُ مشہور گلوکار عبدالرحیم بٹ صأبن گیوٚمُت۔ خبر بٹ صأبن کتہِ اوٚن یا تھُرُن یہ شعر تہٕ گیوٚن باقی شعرن ستی۔

توٚرِ یمہٕ ہا چھٕیم نہ ہمت | خرچ کرٕ ہا پدم بالیے

بأتھ گو ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ نشر تہٕ سپُد سٹھاہ مشہور۔ مرحوم آزاد صأبن لیچھ درجنہٕ واد چِٹھِ ریڈیو کشمیر کین حأکمن مگر بأتھ چھُ وُنہِ تہِ بٹ صأبن الحاقی شعر ہیتھ نشر گژھان۔ وِنی چھا یہ منشائے آزاد، کِنہٕ منشائے بٹ کِنہٕ منشائے ریڈیو کشمیر سرینگر؟ وُچھتو ووٚنی رسول میرُن یہ شعر۔

وُچھتن سُہ کمٕی کوٚر اوستاد ابرو دونوں چشم دوصاد
لوحِ جبیں بنی قلم کن تھاو رُخ ہاو اَے صنم

ٹینگ صأبن چھُ نہٕ لفظ ''دونوں'' چھیوٚڑمُتے تہٕ باسان چھُ یہ چھُ اردو ''دونوں'' بمعنی دونوے۔ پروفیسر غ۔م شاد صأبن چھےٚ اَتھ تصحیح

کُرِتھ یہ ''دوگوں'' بنووُمت تہٕ گوں لفظ فرض کٔرِتھ اَمیُک معنی کمأنیٚ لیوٗ کھمُت ۔ دراصل چھُ یہ ''دونون'' بمعنی زٕ نون (حرف تہجی) ۔ؤنیٚ کو ہند منشاء نمو حسابس منز مُجرا؟ رسول میرٕن ہا۔یتھ متعلق نہٕ کینٛہہ تہِ خبر چھےٚ، کِنہٕ ٹینگ صأبن یُمی یہ دُل مُلِس منز تھأوِتھ گتھ گول کرمژ چھےٚ، کِنہٕ شاد صأبن یُمی اَتھ پننہِ منشاء مطأبق کٔرِنیٚ کر، کِنہٕ تس نیم خواندٕ گلوکارُن لیس اَتھ مہمل بنأوِتھ ''دُنوٗ'' پران چھُ؟

اَسہِ چھِنہٕ اکثر شأعرن ہنٛدی سنہٕ پیدأیش تہٕ وفات معلوم۔اَسہِ چھِنہٕ یِمن شأعرن ہنٛدی حالاتِ زندگی پتاہ۔ أسی چھِنہٕ وُنہِ ہیٚکان وٲنِتھ زِ رسول میر سپداہ جانہٕ مرگ کِنہٕ طویل عمرِ پتہ گوٚو رحمتِ حق۔ حد چھُ یہِ زِ أسی چھِ حبہ خاتونہِ ہنٛدِس آسنس پتھ تہِ سوال ٹُلان (یتھٕ کُنیٚ کینٛژہ محققو انگریزی لیس منز شیکسپئر ہنٛدِس وجودس شک چھُ کوٚرمُت)۔أسی کتہٕ ہیکو منشاۓ مصنف معلوم کٔرِتھ؟ زبأنیٚ روایتہٕ تہٕ من گھڑت قصہٕ ہیٚکن نہٕ سأنس تنقیدس زیادٕ کالس ڈکھِ روٗزِتھ سہارٕ دِتھ۔

پروفیسر شاد رمضان چھُ مشہور بأتھ

بالہِ ہورُمہٕ رُمے چھُم یارٕ چون تمنّا

درج کٔرِتھ عبدالاحد آزاد صأبنس (تہٕ تہنٛدِس تقلیدس منز شفیع شوق تہٕ ناجی منور ہنٛدِس) یتھ بیانس چیلنج کران زِ یہ چھُ مرزا اکمل الدین بدخشی سُنٛد۔ شاد رمضان چھُ یتھ کتھِ تہِ تردید کران زِ یہ بأتھ چھُ یاتہٕ حبہ خاتونہِ ہنٛد

یا لُکہٕ بأتھ۔ تہنز دلیل چھےٚ یہ زِ یہ چھُ اسلوٗبہٕ تہٕ لفظیاتہٕ کِنۍ محمود گامی سُنٛد۔

اگر أسی مانوٚ زِ یہِ چھُ مرزٕ کامل سُنٛد بأتھ تیٚلہِ پیٚیہِ سانین تعبیر نگارن اَمِچ روحانی تہٕ ''اسراری'' (صوفیانہ) تشریح کرٕنۍ۔ اگر یوٚہے بأتھ حبہ خاتونہِ ہُنٛد مانٕنہٕ ییہِ تیٚلہِ چھُ اَتھ منٛز ارضی لول ژھانڈُن۔ اگر یہ لُکہٕ بأتھ آسہِ تیٚلہِ چھےٚ اَمِچ سمأجی تفسیر کرٕنۍ تہٕ چھُ اَتھ منٛز اجتمأعی لاشعور تلاش کرُن۔ اگر پروفیسر شاد صأبنہٕ دٔلیل برحق مانوٚ زِ یہ چھُ محمود گامی سُنٛد تیٚلہِ چھُ بدل کانٛہہ بہانہٕ کرُن۔ دراصل چھِ أسی شاعرس تعبیر تہٕ تفسیر کران نہ زِ شعرس۔ پتہٕ کتہِ روٗد منشائے مصنف؟ یا مثلاً یہ مشہور بأتھ

خوش یِوٚن ئُنٛدِ بوٚن وٚیسی ییے میون دلبر آونے

یُس کلیاتِ رسول میرس منٛز درج چھُ، چھُ پریم ناتھ کول ارپن صأبُن پنہٕ نِس کھاتس منٛز ترٛوومُت۔ یا عبدالغنی مدہ ہوش صأبن وُنُن چھُ زِ یہ بأتھ چھُ تہنٛد۔

ہا فقیر وسانہِ جتگلچ لے چھیوٚ

تہٕ شاد رمضان ہِنٛدِ وَننہٕ مطأبق چھُ یہ لُکہٕ بأتھ۔

یِمن بأتن ہُنٛد تخلیق کارکس تہِ آسہِ مگر یِم متنازعہ آسنہٕ کِنۍ چھُ منشائے مصنفس پیٹھ سوال ووتھان۔ یِتے یوت نہٕ أسی چھِ کلامِ شیخ العالم تہٕ کلام لل دیدِ منٛز امتیاز کرنہٕ خاطرٕ زیادٕ پہٕن قیاسہٕ ہے کأم ہیوان۔ منشائے مصنف تلاش کرنہٕ خاطرٕ تہٕ روزِ قیاسہٕ کُے عمل دخل۔

منشائے مصنفس متعلق چھُ جناب شمس الرحمان فاروقی صأبن
''شعر شور انگیز'' کتابہِ منز اکھ مفصل مضموٗن قلمبند کۆرمُت ۔ سُہ دُہراوُن
چھُ غیر ضروری البتہٕ کرِ بہٕ اَمہِ مضموٗنہٕ منزٕ اکھ مثال پیش۔

''مولانا (فضل حق خیرآبادی) کے شاگردوں میں سے ایک شخص
نے ناصر علی سرہندی کے کسی شعر کے معنی مرزا صاحب (غالب)
سے جاکر پوچھے۔ انہوں نے کچھ معنی بیان کیئے۔ اُس نے وہاں
سے آکر مولانا سے کہا آپ مرزا صاحب کی سخن سنجی اور سُخن فہمی کی
اس قدر تعریف کرتے ہیں۔ آج انہوں نے ایک شعر کے معنی
بالکل غلط بیان کیئے، اور پھر وہ شعر پڑھا اور جو کچھ مرزا نے اسکے
معنی کہے تھے، بیان کیئے۔ مولانا نے فرمایا پھر اُن معنوں میں کیا
بُرائی ہے؟ اُس نے کہا بُرائی تو کچھ ہو یا نہ ہو مگر ناصر علی کا یہ
مقصود نہیں۔ مولانا نے کہا۔ اگر ناصر علی نے وہ معنی مراد نہیں
لئے جو مرزا نے سمجھے ہیں تو اُس نے سخت غلطی کی ہے''۔

میٲنہِ زیرِ نظر کتابہِ ہُند بُنیٲدی مدعا چھُ یِ زِ شعر گرٛھِ متنٕہ کِس
تناظرس منز وُچھنہٕ تہٕ پرکھاونہٕ یُن۔ مگر اَمہِ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ صحیح متن
گرٛھِ بروٗنہہ کنہِ آسُن۔

دۆیم نکتہٕ چھُ یہِ زِ اَسہِ چھُ اُچھ وُٹتھ یہ فرض کۆرمُت زِ سأنی
شأعر أسی ناخواندٕ۔ وجہ چھُ یہِ زِ اَسہِ بروٗنہہ کنہِ چھِ خواندگی تہٕ تعلیمہِ

ہنٛدۍ نٔوۍ معیار یِمو مطأبق کُنہٕ یونیورسٹی ہنٛز سند چھےٚ تعلیم یافتہٕ آسنٕک واحد معیار۔ (حالانکہِ أزۍ کہِ زمانہٕ کیٛو کینٛژٕ و دوستو چھُ یہِ ثأبت دِیٛتھمت گٔرِتھ زِ انسان ہیٚکہِ بجو ڈِگریو باوجود تہِ جأہل أسِتھ)۔ یِتھ کتھِ کُن چھُ خصوصی توجہ دیُٛن ضروری زِ برصغیرس منٛز عمومی لحاظہٕ تہٕ کشیرِ منٛز خصوصی پأٹھۍ أس پیر مُریدی اکہِ ادارِ (Institution) ہٕنٛگۍ کأم کران۔ اَتھ ضِمنس منٛز آسہٕ نہٕ گلستان بوستان کتابے یوت پرناونہٕ یِوان بلکہِ أس سلوکہٕ کیٛن مسلن ہُرے مانہٕ شعر و شاعری پیٛٹھ تہِ کتھ کرنہٕ یِوان۔ پیرو مرشد یوتاہ تھدِ پایک آسہِ ہے تیٛتاہ شعراوس سٕہ پننہٕ نِس وعظس منٛز Quote کران۔ اَمہِ علاوٕ أسۍ یِم سألک نہ صرف پننہِ شعری روایتہٕ نِشہِ باخبر بلکہِ أسکھ پننہٕ نین أندۍ پکۍ کیٛن حالاتن ہنٛز تہِ علمیت۔ یِم أسۍ اکھ أکس نِشہِ یِوان گرٛھان تہٕ ظأہر چھُ زِ اَتہِ آسہٕ ہن شأعری پیٛٹھ بحث سپدان۔ اَتھ صورتِ حالس منٛز چھےٚ یہِ کتھ ناممکن زِ یِم روزٕ ہن نو یو شعری روّیو نِشہِ بےخبر تہٕ لاعلم۔ حضرت شیخ العالمؒ یَس حضرت امیر کبیرؒ تہٕ حضرت میر محمد ہمدانیؒ ین ستی قریبی تعلقات أسۍ، ہیٚکہِ ہے نہٕ ناخواندٕ تہٕ (خدانخواستہٕ نیم مجذوب یا جنٕد موٗت) أسِتھ۔ یہِ چھُ ممکن زِ حض شیخس آسہِ ہے نبر پیٛٹھ آمتیٚن ساداتنؒ ستی تہِ علمی تہٕ شعری لین دین، تہٕ یہِ کتھ چھےٚ ناممکن زِ سٕہ اوس تمہِ وقتہٕ کیٛو علمی تہٕ ادبی رجحانو (سنسکرت کیٛو فارسی) نِشہِ بےخبر۔

حبہ خاتونہِ ہنٛدِس زمانس منٛز آسہٕ مغلن ہنٛز نظر کٔشیرِ پیٹھ تہٕ یمن دۄن دربارن ٲس اکھ ٲکی ہٕنٛد بن حالاتن پیٹھ نظر۔ یہ کتھ کتھٕ کنۍ ہیکہِ بٔنِتھ زِ یمن مملکتن آسہِ ہے نہ اکھ ٲکی ہٕنٛد بن علمی تہٕ ادبی معاملن ہنٛز بے پناہ خصوصاً ییلہِ زَن مغل دربارکی ابوالفضل تہٕ فیضی ہوۍ عالم ٲسۍ شُہرت تہٕ چھِ بلندی پیٹھ۔ حبہ خاتون ٲس کٔشیرِ ہنٛز مہارانی آسنہٕ ہُریمانہٕ کاشُر شاعری تہٕ موسیقی ہنٛز ماہر۔ مگر اَسہِ دیُت نہٕ تمِس ژندِ ہارِ چینن کوٚنگ وُڈرن پیٹھ لولہِ ویدا کھ دِنہٕ واجنہِ ناخواندِ زنانہِ ہنٛدِ کھوتہٕ کانٛہہ بوٚڈ درجہ۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری (حُبّی) تہٕ غنی کشمیری ہوۍ شاعر ٲسۍ نہ صرف تمہِ وقتہٕ ایران و ہندوستانس منٛز مشہور بلکہِ چھِ ٲزکی تنقید نگار تمن سبک ہندی کہِن بنیاد گذارن منٛز شُمار کران۔ یمن اوس فارسی ہِشہِ ترقی یافتہٕ زبانٕ منٛز بقائے دوام میوٗلمُت مگر تمہِ باوجود دیُت تمو کاشُرِ شاعری کُن توجہ۔ یہ ٲس دراصل تمہِ لسانٕی کشمکشُچ علامت یوسہٕ تتھ دورس منٛز جارٕی ٲس۔ تمو کرنہٕ ٲسک مزٕ بدلاونہٕ خاطرِ کاشرس منٛز شاعری بلکہِ ترٲوۍ تمو کاشرِ زبانٕ منٛز کرنہٕ یِنہٕ واجنہِ شاعری پیٹھ تہِ اثرات۔ یوسہٕ لفظیات تہٕ یِم شاعرانہٕ ول رحمان ڈار، شمس فقیر، نعمہ صاب، وہاب کھار تہٕ باقی (مفروضہِ صوفی) شاعرن ہنٛدِس کلامس منٛز نظرِ چھِ گژھان تم چھےٚ یہ کتھ ثابت کرنہٕ خاطرِ کافی زِ تہنٛد مطالعہٕ تہٕ مُشاہدٕ اوس سوٚن۔ مے

ییٚلہِ گوڈنچہِ لٹہِ صمد میر صأبُن یہ شعر بوز۔

کوٚرنخجل سروصنوبر منفعل سرورن سرِروانن جانن

مےٚ پیو علامہ اقبالہٕ سُند یہ شعر یاد۔

موتی سمجھ کے شانِ کریمی نے چُن لئے
قطرے جو تھے مرے عرقِ انفعال کے

ستی آو میأنس ذہنس منز جان محمد قدسی سُند یہ نعتیہ شعر۔

نسبتے خود بہ سگے کردم وبس منفعلم
زاں کہ نسبت بہ سگے کوئے تو شُد بے ادبی

مےٚ باسیوٚ زِ قدسی سِندِ پتہٕ صمد میرس تام چھےٚ رواتھ ہانکل گنڈ کرِتھ۔ علامہٕ ہن بنو منفعل (مصدرس) بابِ انفعال بہ معنی شرمندگی تہٕ صمد میرن تھوو یہِ منفعلس پتہٕ بمعنی شرمندگی۔ مگر صمد میرنس شعرس منز چھُ لفظ ''خجل'' تہِ۔ اَمیُک مطلب چھا زِ تٔمی چھِ شرمندگی خأطرٕ زٕ لفظ استعمال کٔرۍ متۍ (کأشر خجل تہٕ فارسی منفعل)؟ ۔ عام پأٹھۍ ہیکو ؤنتھ زِ یہ چھُ تکرار تہٕ صمد میرن چھُ اکھ لفظ غیر ضروٗری پأٹھۍ استعمال کوٚرمُت۔ مگر صورتِ حال چھےٚ اَتھ برعکس۔ شعرُک مضمون چھُ زِ میون معشوق چھُ سرورتہٕ أہندس قدس بروٚنٛہہ کنہِ چھُ سروتہِ صنوبر خجل گمتۍ (کمتری کنی)۔ وٕچھتو وونۍ ''منفعل''۔ اَمکۍ معنی چھِ۔

۱۔ اثر قبول کرن وول۔ ۲۔ گر بڑتہٕ۔ ۳۔ شرمندہ۔ اگر أسۍ ''خجل''

شرمندہ معنیس منز نموتیلہِ چھُ شعرک معنی یہ تہٕ نیران زِمیائِنس محبوبس نِشہِ کوٚر خجل سپدِتھ سروصنوبرن اثر قبول۔ وُچھتو یوہے لفظ کیاہ چھُ عربی گرائمر لحاظہٕ۔

لفظُک مصدر چھُ فعل، بمعنی کاٗم۔

فعَل لفظُک بابِ انفعال چھُ کُنہِ عملہِ/کامہِ ہُند نتیجہ (ردِعمل نہ بلکہِ نتیجہ عمل) تہٕ اَمی لفظہٕ منز چھُ ''منفعل'' دژامُت۔

اگر ''ع'' حرفس تلہٕ کنہِ زیر (کسرہ) آسہِ تیلہِ چھُ یہِ مُنفعلِ اسم مفعول تہٕ اگر اتھ پیٹھ زبر (فتح) آسہِ ''مُنفعَل'' تیلہِ چھُ یہِ اسم فاعِل۔

چنانچہ اگر صمد میرُن منشاء آسہِ ہے قدس مقابلہٕ سروصنوبرٕ سنز شرمندگی تیلہِ اوس لفظ ''خجل'' کاٗفی۔ مگر منفعل چھُ کُنہِ کامہِ ہُند نتیجہ تہٕ قد آسن چھےٚ نہ کاٗم۔ البتہٕ چھےٚ قدٕچ روانی (سرِ وروان) کاٗم تہٕ اَمہِ کامہِ ہُند نتیجہ چھُ انفعال یا مُنفعلِ آسُن۔ گویا کہ قدن کوٚر سروصنوبر بحیثیتِ اشیاء خجل تہٕ پکہٕ نُن کُر سروصنوبرٕچ روانی بحیثیتِ کاٗم شرمند تہٕ اَمہِ نِشہِ ژ وٹ یمو اثر۔ ستی باسیوومےٚ زِ صمد میرٕنس شعرس منز چھُ لوٚت لوٚت پکُن /س/ آواز ہِندِ تکرارٕ ستی عملاوَنہٕ آمُت (یہ معاملہٕ چھُ اسلوٗبیاتس ستی تعلق تھاوان) تہٕ ییٚہ پیٚیوو غالبہ سُند شعر یاد۔

سائے کی طرح ساتھ پھرے سرو صنوبر
تو اِس قدِ دِلکش سے جو گلزار میں آوے

اَتھ منز تہٕ پھٕے /س/ آواز خراماں خراماں پکہٕ ٹَک اشاریہ۔

پتہٕ وُچھ مےٚ حرفن ہنٛز یٔژھ تکرارٕ رسول میرنِس سأری ہے کلامس منز (یتھ متعلق الگ پاٹھی گُنہِ وقتہٕ کتھ کرنہٕ ییہِ)۔ مےٚ زون زِ جدید علم اسلوٗبیات یہِ ازکل ونان چھُ سُہ چھُ سانوٚ شأعرو کر تام عملووُمت۔ مگر افسوس چھُ یہِ زِ اَسہِ چھُ فرض کوٚرمُت زِ تم أسی ناخوانده۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ أسی گیوٗن محفلن منز قہوٕ تہٕ چایہِ چوان تہٕ پیرو مُرشدس کھورن موٚنٛڈھ دِوان۔

دراصل چھےٚ اَمہِ صورتِ حالٕچ ذمہٕ وأری تتھ سہل پسند طرزِ تحقیقس تہٕ طرزِ تنقیدس پیٹھ یمہِ مطأبق شاعره ہنٛدی سوانحی کوائف (تم تہٕ فرضی یا قیاسی) تلاش کرنہٕ خأطرٕ چھُ گامہِ گوم سفر کرنہٕ یوان مگر متنس منز موجود لفظن ہنٛدی معنی چھِنہٕ لغتن (فارسی، اُردو، ہندی) منز وُچھنہٕ یوان یمو ستی یمن ہنٛدین انسلاکاتن تہٕ شعرس منز یِہنٛز ترتیبہٕ ستی پیدٕ سپدن واجنہِ معنی آفرینی کُن توجہ ہیکہِ ہے دِنہٕ یتھ۔

رود سوال میأنِس نثرس منز استعمال سپدی متین فارسی، اُردو لفظن ہُنٛد۔ اَتھ سلسلس منز کرٕ بہٕ ژٕ ترٛے مثالہٕ گوڈٕ پیش۔

ا۔ مرکزی حکومتن بدلأوی کینٛژن سرکأری محکمن ہنٛدی انگریزی ناو تہٕ کرِکھ یہنٛدی متبادل سنسکرت آمیز ہندی ناو منظور۔ اَمہِ مطأبق بنیو محکمہٕ ڈاک دور سنچار تہٕ ٹیلی وِژن آو دوٗر درشن بناونہٕ۔ سرکأری ٹیلی وِژن چلہِ

پیٹھ چھُ ''دوٗردرشن'' لوگو (Logo) کھ۔ان اَوِ موکھ چھُ لوٗکن پتہ زِ یہِ چھُ ٹیلی وژنک متبادِل۔ مگر عام کتھ باتھِ منز چھُ پورِ ہندوستانس منز یہِ ٹیلی وژن ناوے زانِنہٕ یوان۔ مگر دوٗرسنچار (ڈاک وتار) لفظٕکی معنے چھِ نہٕ اکثر پڑی متین لوکن تہٕ پتاہ تہٕ تم چھِ اَمہِ بدلہٕ پوسٹل ڈیپارٹمنٹ ٹھیک پأٹھی سمجھان۔

۲۔ آل انڈیا ریڈیو (یتھ آکاش وانی چھُ ناو تھاونہٕ آمُت) دہلی پیٹھ اکثر تہٕ سرینگر سٹیشنہٕ پیٹھ چھِ منزی منزی تِتھی جُملہٕ نشر کرنہٕ یوان۔ ''حالات چھِ کرٹھِن/کاپہِ''۔

کرٹھِن تہٕ کاپہِ لفظ چھِ عام لوٗکن منز ووٗنی نہ صرف متروک بلکہِ چھِ مضحکہٕ خیز بنے متی۔ تم چھِ اندازٕ کران زِ اَمیُک مطلب چھُ قابوٗہس منز۔

۳۔ عام بول چال سنسکرت آمیز بناونہٕ کِس سلسلس منز بنوو مرکزی ادارو ''ماچس'' لفظ ''دھوم شلونگ''۔ شاید ما آسہِ یہ سرکأری کھوغیر سرکأری پنڈتن یاد۔ البتہٕ عام لوٗکھ چھِ بے خبر۔

۴۔ اَتھی سلسلس منز آیہِ اُردوہس منز اصطلاحاتن ہنز کینہہ فرہنگہٕ تیار کرنہٕ یمن منز عام سائنسی لفظن ہندی تِتھی اُردو مُتبادل آیہِ تجویز کرنہٕ یم بنیأدی طور یمن ہندی عربی تہٕ فارسی ترجمہٕ أسی۔ یم ناو سمجھنہٕ خأطرِ چھُ گوڈٕ یہندی معنی لُغتن منز وُچھنی پیوان تہٕ یِیلہِ ہندی انگریزی متبادل چھِ نظرِ گژھان اَدِ چھُ یہند مطلب سمجھ یوان۔ گویا کہ گوڈٕ چھُ

انگریزی اصطلاحس عربی ترجمہٕ کرُن پتہٕ چھُ اَمہِ عربی اصطلاحُک انگریزی معنی لُغتس منز وُچھن اَدِ ترِ طاَلب علمس فِکرِ زِ اصل کتھ چھےٚ نہٕ علم لوکن تام واتہٕ ناوُن بلکہِ چھُ یہِ لسأنی تعصب۔

کأشرس نثرس منز تہِ چھ مثلاً یم لفظ استعمال کرنہٕ یوان۔

ووتھِ بوو، ڈ گی جل، باؤ ژ بل، وو پدیش، پژ اوُن وغیرہ۔

تہٕ وننہٕ چھ یوان زِ یم چھِ ٹھیٹھ کأشرِ لفظ تہٕ أسی چھِ زبان عربی فارسی اثرو نِشہِ آزاد کران۔ جواباً چھُ عرض زِ یم چھنہٕ کأشرِ لفظ بلکہِ چھِ یم سنسکرت لفظ یم کأشرس منز دأخل سپدِ تھ سانہِ زبأنی ہٕندی جُزٕ بنیمتی أسی تہٕ ووِنی چھِ یم لسأنی اصولو مطأبق ترک سپدے ٕتی۔ مثلاً ووتھِ بوو چھُ سنسکرت ''اتھان'' (اُٹھنا) منز، درٛامُت۔ تِتھے کٔنی چھُ باقی لفظ تہِ کأشرس منز لسأنی تصرفاتو پتہٕ (Inflexion) شکلہِ یا معنی پیٚچ تبدیلی ہیتھ دأخل ٕمتی۔ تِتھے کٔنی یتھ کٔنی واریاہ عربی/ فارسی لفظ داخل چھِ سپدی ٕمتی تہٕ ازکل چھِ انگریزی تہٕ ہندی لفظ تِتھیٚو تصرفاتو پتہٕ داخل سپدان۔ مثلاً شیخ العالمہ ہٕندِ وقتہٕ اوس سنسکرت الاصل کأشر لفظ ''ٹبر'' استعمالس منز۔ اَمہِ پتہٕ رٔٹ اَمیٚ جاے لفظ ''خاندان'' تہٕ وٗنی چھُ انگریزی لفظ Familyاَمیٚ جاے رٹان۔ جدید لسانیاتہٕ مطأبق چھِ لفظ اکہِ زبأنی پیٹھ دٚویمہِ زبأنی منز دأخل سپدان تہِ اَمکی جُز بنان۔ کینژ کالہٕ پتہٕ چھُ بدل لفظوٕ ستی یم Replace گژھان۔ تکیازِ اصل زبان چھےٚ نہٕ لفظن پیٹھ

مشتمل بلکہِ چھےٚ یہ گرائمرس تہٕ صوتیاتس پٮ۪ٹھ ۔ میانہِ خاطرٕ چھُ نہٕ یہِ اہم زِ یہٕ اَنہٕ متروک لفظ تلاش کٔری کٔری تہٕ بناوَن پٔنُن نثر سنسکرت یا فارسی آمیز ۔ بلکہِ چھُ میانہِ خاطرٕ یہِ اہم زِ میأنٛی کتھ واتہِ تمہِ زبأنٛی ہٕنٛدِ ذریعہِ قأریس تام یتھ پٮ۪ٹھ بہٕ تہٕ سُہ متفق آسو ۔ اگر میون لفظ مثلاً ’’ باوژ بل‘‘ تٔمس کأشرِ ڈکشنری منٛز تہٕ میلہِ نہٕ تیٚلہِ چھُس بہٕ تٔمس پٮ۪ٹھ اصطلاحو تہٕ لفظوٕ ستی رعب ترٛاوان نہ کہِ پننہِ کتھِ ہُنٛد ترسیٖل کران ۔ مےٚ ییٚلہِ باسہِ زِ میأنٛس قأریس ییہِ ’’ترسیٖل‘‘ کھوتہٕ سہل پأٹھۍ ’’Communicate‘‘ کرُن سمجھ مےٚ باسہِ نہٕ یہِ استعمال کرنس منٛز کانٛہہ شرمندگی ۔

٦ ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ اُستاد محمد ابراہیم ذوقؔ صأبس آو کمہِ تام لفظُک تلفظ پرٛژھنہٕ ۔ تٔمۍ وٚنُکھ زِ گرٛھو جامع مسجد ہٕنٛزن ہیٚرن پٮ۪ٹھ یتھ کٔنۍ چھِ لوٗکھ یہ بولان چھُ سُے چھُ اَمیُک صحیح تلفظ ۔

میون مدعا چھُ یوہے زِ لفظ چھُ زبانن ہُنٛد سفر طے کران ۔ اکہِ زبأنٛی ہٕنٛدی لفظ چھِ دٔیمہِ زبأنٛی منٛز استعمالس منٛز یتھ اَمِکۍ جُز بنان ۔ کُنہِ تہِ لفظس یتھ عوام سمجھِتھ ہیٚکن ونُنہٕ ووپرٕ تکیاز زبان چھےٚ لوکن ہٕنٛز میراث ۔ یونیورسٹی ین یا کالجن ہٕنٛدٚن اُستادن ہنٛز نہٕ کیٛنٛہہ یِم یاتہٕ ژھانڈی ژھأنڈی متروک لفظ استعمال کرن یا تھٕرن پننہِ آیہِ نٔوۍ لفظ ۔ اگر مثلاً ٹی ۔ ایس ۔ ایلیٹن چاسر تہٕ شیکسپیئر ہٕنٛدی لفظ پننہِ نِس تنقیدس منٛز استعمال کٔری متۍ آسہ ہن جدید یتھ نظریہِ آسہِ ہے نہٕ تہنٛدِ دماغہِ منٛز نبر

نیر تھےٚ ہیوٚ کمُت۔ سُہ ہیکہِ ہے یونٲنی تہٕ لاطینی زبٲنی ہٕنٛدی یاپڑلنہِ انگریزی یِکی لفظ استعمال کٔرِتھ پرن والین پیٹھ رعب ترٲوِتھ مگرسو آسہِ ہے بحیثیتِ نثر نگارتھٕنز ناکامی۔ پتھ رٔود شاعری منٛز استعمال سپدن والین تِتھین لفظن ہٕنز نوعیت سوچھےٚ الگ تہٕ تتھ پیٹھ ہیکہِ بدل گژھِتھ وقتہٕ کتھ کرنہٕ۔(مےٚ کوٚر لفظ الگ استعمال نہ کہ "وکھر" الگ تر قارِیس فکرِ وکھرنہٕ کینٛہہ تکیازِ یہ چھنہٕ ازکل استعمالس منٛز )۔

یوہے چھُ وجہ زِ مےٚ کٔری نہٕ تم عربی یا فارسی آمیز اُردو لفظ استعمال یِم نہٕ میانین پرن والین فِکرِ ترن۔بلکہِ وُچھوتھ تِتھی لفظ استعمال سپدیمتی یِم عام فہم چھِ تہٕ کاشُر سماجُک جمہور چھُ یِمن استعمال کران۔چاہے(نہ زِ بامے) تم فارسی یا اُردو پیٹھ آسن آمتی یا ہندی یا انگریزی پیٹھ۔ بہ چھُس نہٕ یژھان زِ کانٛہہ تہِ لفظ بنہِ مےٚ تہٕ میٲنس قٲرِیس درمیان رکاوٹ۔میانہِ رایہِ مطابق چھےٚ نثرس تہٕ نظمس منٛز یُہے فرق زِ نثر چھُ قطعی آسان تہٕ نظم چھےٚ غیر قطعیتس پیٹھ مبنی آسان۔ نثر گژھِ تی Communicate کرُن یہ مصنف سُنٛد منشاء آسہِ تہِ اَتھ منٛز گژھِ نہٕ لفظن یا استعارن ہُنٛد ابہام آسُن یِیلہِ زَن استعارٕ تہٕ ابہام چھِ نظمہِ ہٕنٛدی اوصاف۔ وونی اگر اَسی نظم سادہ تہٕ سلیس تھاوو تہٕ نثرس منٛز کرو ابہام پیدٕ سو آسہِ نظمہٕ تہٕ نثرچ (دونوٚنہٕ وٕنی ہٕنز) ناکامی۔یوہے چھُ وجہ زِ غالب چھُ ابہام، معنی آفرینی تہٕ غیر قطعیت کِنی تظمک بادشاہ تہٕ غیر مبہم

تہٕ ساد بیانہٕ کِنۍ اُردو نثرک گوڈنیُک معمار۔

کأشر رسمِ خط چھُ پرٛیون بحث۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُس بہٕ پروفیسر مرغوب بانہالی صأبس تہٕ برادرم منیب الرحمانس سٍتۍ اتفاق کران۔ ازکل یُس رسم خط رسالہٕ ''نیبس'' منٛز استعمال سپدان چھُ سُہ چھُ نہ صرف قأبلِ قبول بلکہِ قأبلِ عمل۔ یُس رسم خط سأنۍ اکثر لیکھن وألۍ استعمال کران چھِ تہٕ اَمہِ کہِ سائنسی (نام نہاد) مزاجٕچ وکالت کران تھکان چھنہٕ سُہ چھُ واریاہس حدس تام ناقص تہٕ ناقابلِ عمل۔ چنانچہ یہ چھنہٕ سائنسی مزاجہِ وول بلکہِ چھُ یہ صوتیاتی بنیادن پیٹھ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ اَتھ سلسلس منٛز کربہٕ پیٚش اکھ ذأتی واقعہٕ پیش۔

میون اکھ دوست اوس تازٕ تازے ایم۔ اے (کشمیری) کٔرِتھ فارغ سپُد مُت تہٕ اوس کأشرِ رسم خط کس سائنسی مزاجس پیٹھ بحث کران زِ کتھ کِنۍ یہ بولنہٕ ییہِ تی چھ لیکھنہٕ یوان تہٕ اَتھ ضمنس منٛز اوس انگریزی Put تہٕ But ہشہِ مثالہٕ دِتھ یہ ثأبت کرُن یژھان زِ انگریزی زبان چھےٚ کأشرس مقابلہٕ ناقص تہٕ اَسۍ چھِ واریاہ عألم۔ مےٚ کوٚر عرض زِ ''عبدالغنی قاضی'' لیکھی تو۔ تمو یہ تحریر کوٚر سُہ اوس۔

''اوبدُل گنی کازی''

مےٚ کوٚر عرض زِ حضرت اتہِ چھُ ''عبد'' پننہِ بندگی پیٹھ شرمندٕ۔ ''غنی'' چھُ پننہِ نِسں ''غنیٚ'' ہس پیٹھ واویلا کران تہٕ ''قاضی'' چھُ قضاو

قدر ترأوِتھ ڈیکس ژنجہِ دِوان تہٕ بحیثیتِ مجموعی عبدالغنی قاضی تہِ چھُ پانس پڑ زٕناونہٕ نِشہِ انکار کران۔ تِمو فرموو زِ کیاہ تہِ أسی تن ناوآو صحیح تلفظٕ سان لیکھنہٕ تکیازِ سائنسی مزاج چھُ یی۔

پتہٕ ییٚلہِ مےٚ وُچھ زِ سانیو اُستادو چھےٚ "تعلیم" "تألیم" بناوٕمژ مےٚ باسے یہِ اسکولس تہٕ قالین وانس روزِ نہٕ وٕنی کانٛہہ فرق۔ تِتھے کٕنی ییٚلہِ "وقت" گوڈٕ "وکھ" تہٕ پتہٕ لحاظہِ موجب آو "وق" بناونہٕ مےٚ باسیوو زِ "وقت" چھُ تھامہِ گومُت تہٕ بہ چھُس ستٕمہِ صٔدی عیسوی منز۔

چنانچہ اکہِ وقتہٕ چلیے یہِ اُردو زبأنی منز تہِ یہِ مہم زِ ش ،ف ،ع ،غ، ہوئ عربی تہٕ فارسی الاصل حرف گژھن اُردو رسم خطہٕ منز نبر کڈنہٕ ینی۔ مسعود حسین خان صأبن فرموو زِ یِم چھےٚ مُردہ لاشہِ تہٕ سون (اُردو) رسم خط چھُ یِمن شانن پتھ اِو موکھہِ ٹُلتھ یُتھ زَن اَسہِ تہِ عربی تہٕ فارسی ییس درمیان رشتہٕ روزِ ثأبت۔ پتہٕ ییٚلہِ غُل (بمعنی شور) تہٕ گُل (بمعنی پھول)، عہد تہٕ احد، قبر تہِ کبر، فوارہ تہٕ پھوار ہوبن لفظن ہٕنٛدِس معنیس منز انتشار پیدٕ سپُد ردِ عملچ مُہم ژھوکے یہِ پانے تہٕ قلم کار وٕرِٹی بییہٕ یِم حرف نالہٕ متہِ۔ کأشرِس منز "تعلیم" "تألیم" تہٕ "تعجب" "تأجب" بناونس پتہٕ کنہ تہِ پھُ أکس حدس تام تِتھے سوچ کأم کران۔

بنیأدی طور چھِ رسم خط تہٕ تلفظ زٕ الگ الگ چیز۔ جدید لسانیاتس منز چھ یِمن Grapheme تہٕ Phoneme ونان۔ گرافیم گو تحریری

لفظ تہٕ فونیم گو ملفوظی لفظ۔ یہِ چھُنہٕ ضروٗری زِ یُس لفظ ییٚمہِ آیہِ بولنہٕ ییہِ سُہ کیا گژھِ تمی آیہِ لیکھنہٕ یُن۔ مےٚ کوٚر گوڈٕ تہِ عرض زِ لفظ چھِ اکہِ زبأنہِ پیٹھ دوٚیمہِ زبأنہِ منٛز دأخل سپدان۔ منٛزی چھِ لسأنی تصرفات گژھان (شکلہِ ہٕنٛدی یا معنیکی)۔ مثلاً لفظ چقماق آو کأشرِ زبأنہِ منٛز شکل بدلأوِتھ تہٕ بنیوو ''زٕھمَکھ'' تہٕ ''رود'' آو فارسی پیٹھٕ معنی بدلأوِتھ تہٕ بنیوو ندی بدلہٕ بارش۔ کینٛہہ لفظ چھِ نہٕ شکل بدلاوان تہٕ نہ معنی بدلاوان۔ مثلاً انگریزی یَس منٛز آے واریاہ لفظ یونأنی تہٕ لاطینی پیٹھ مگر انگریزی سماجن کٔری یم پرانی شکلہِ یا معنیس منٛز تسلیم۔ وونی اگر کانٛہہ افلاطونِ دہر Knife بدلہٕ nife یا Knowledge بدلہٕ Nawlege یا Psycology بدلہٕ sykology لیکھنس پیٹھ اصرار کرِتھ کیاہ وَنو؟ تُہی کرو تہِ پانہٕ فیصلہٕ۔ تِتھے کٔنہٕ اگر أسی فیصلہٕ بدلہٕ فأصلہٕ لیکھو تیٚلہِ کتھ نیرِ معنی Judegement تہٕ کتھ وَنو Distence۔ تِتھے کٔنہٕ چھُ برطانوی colour تہٕ امریکی color اکی آیہٕ پرنہٕ یوان۔ فارسی ''چوں'' چھُ ''چُن'' پرنہٕ یوان تہٕ اُردو والہٕ بنووِنہٕ اولوالعزم اولُل عزم یا اَزم۔

دراصل چھُ تحریری لفظ Grapheme أچھن ہٕنٛدِس پہچانس ستہٕ تعلق تھاوان ہیجہِ کڈنس ستہٕ نہ کینٛہہ تہٕ صوتی لفظ چھُ آوازِ ستہٕ تعلق تھاوان زِ اَتھ منٛز کوسہٕ کوسہٕ آواز چھےٚ کأم کران۔ تِتھٕ کٔنہٕ نہٕ اَسہِ Knife پرنس منٛز کانٛہہ دقت چھےٚ یوان تِتھے کٔنہٕ چھُ نہٕ اَسہِ تعجب (صوتی لحاظہٕ تأجب)

پرنس منز کانہہ مُشکل بُتھہِ یوان ۔ ووٚنی اگر اَسہِ اتھ nife بنووسوٗرٕے علمی معاشرٕ گژھہِ انتشارُک شکار ییتھٕ کٔنی سانیو عالمو Graphics تہٕ Phonotics خط ملط کٔرتھ انتشار پیدٕ کوٚر ۔ تہٕ اُخرس پیٹھ واٗتی ییتھ نتیجس پیٹھ زِ خوداتہٕ قوران بدلہٕ گژھہِ خداتہٕ قرآن لیکھنہٕ یِن ۔ سوال چھُ زِ ییٚلہِ نہٕ ییمن ہٕنز اصلی شکلہِ ستی کانہہ انقلاب آوتیٚلہِ کُس آسمان وسہِ زمینس پیٹھ اُگر اٗسی تعلیم ، تعجب ، تناظر ، پیغام تہٕ خواہش یا خواب لیکھو ۔

مرحوم اُستاد محمد عبداللہ تبت بقال ( گلوکار تہٕ موسیقار ، اللہ تعالیٰ کٔری نکھ غریق رحمت ) اٗسی زانہٕ پاٗٹھی فارسی زانان ۔ تہنٛد گیومُت خسرو سُنٛد نعتیہ کلام چھُ سٮ۪ٹھاہ مشہور ۔

خطِ سبز و لبِ لعل و رُخِ زیباداری

حُسنِ یوسف ، دَمِ عیسیٰؑ ، یدِ بیضاداری

مگر مرحومن چھُ یہِ صوتیاتہٕ حسابہٕ ییٚمہِ آیہِ گیوٚمُت ۔

/ختِ/سبز/والبِ/لالو/روخِ/زیبا/دأ ری/

حوسنِ/یوسف/دَمِ/اِیسا/یدِ/بأضا/دأری/

گویا کہِ سأنی بڈی اُستاد چھِ فارسی تہٕ کأشرِس تلفظس منز پران ۔ سانین پالیسی سازن کیازِ چھُ اندیشہِ زِ اگر نہٕ اٗسی ''روخ'' لیکھو طألب علم ماپرِ غلطی کٔنی ( یا کُنہِ سأزشہِ تحت ) یہِ اصل فارسی تلفظس منز ۔ سأنی پالیسی ساز گژھنا تیٚلہِ خوش ییلہ مرازٕ کی ادیب ''ڈوٚنی '' لیکھن تہٕ سرینگرٕ کی لیکھن

''ڈۄن'' تہٕ دونوے طبقہٕ آسن پننہٕ پننہٕ جایہِ صیح۔ نی تو یوہے لفظ ''صحیح''
اگر یہِ نۄفیشنہٕ مطابق ''سہی'' لیکھنہٕ ییہِ (یتھٕ کٔنی اَمہِ رسم خطہٕ کِبن ابتدأیی
دوہن منز شفیع بدلہ ''شفی'' آولیکھنہٕ) تیٚلہِ کیا روزِ ''صحیح'' بمعنی درست تہٕ
''سہی'' بمعنی سرو لفظن منز کانٛہہ فرق یم نہٕ صرف معنی بلکہِ مصدر لحاظہٕ تہِ
الگ چھِ۔ یتھ رود سوال تِمن لفظن ہُنٛد یم کأشرِ چھِ (چاہے تِم سنسکرتہٕ
پیٹھہٕ سفر کٔرِتھ کأشراونہٕ آمٕتۍ چھِ یا عربی فارسی پیٹھٕ) تہٕ یِمن ہُنٛد املاوُنہِ
مشخص سپدِ مُت چھُنہٕ تمہِ خأطرِ ہیٚکو یہِ نوو رسمِ خط استعمال کٔرِتھ۔ تازٕ وار
عربی فارسی لفظن پیٹھ اعرابن ہُنٛد بار کھالنہٕ سٟتۍ تہٕ یہنٛز شکل بگاڑنہٕ سٟتۍ
سپدِ نہِ وقتہٕ کہِ نقصانہٕ علاوٕ کینٛہہ تہٕ حأصل۔ یہِ صوتیات ہیٚکہِ ڈکشنرین منز
تہِ بطور Key بکار یتھ یتھ زَن پرٕ بتھ کُنہِ مکتوبی (لیکھنہٕ آمتس)
اندراجس پتہٕ اَمیُک تلفظ اَمہِ صوتیاتہٕ سٟتۍ ظأہر کرنہٕ ییہِ۔ وونی اگر اَسہِ تہِ
ش، ق، ع، غ، تہٕ ف ہوی حرف پننہٕ حروفِ تہجی منز نبر کڈی سانٛہن لغت
نگارن ین لفظن ہٕندی ماخذ Etymology ژھانڈنس منز مُشکلات
درپیش۔

یوہے چھُ وجہ زِ مے تھأوی تِم لفظ غیر ضروری اعرابو نِشہِ مُچھِ یِمن
سٟتۍ اَسہِ فارسی تہٕ اُردو زبانن منز پہچان سپزٕ مٕژ چھےٚ۔
أخرس پیٹھ چھُس بہٕ کیٚنژن بُزرگن تہٕ دوستن ہُنٛد شکریہ ادا کرُن
یژھان۔

۱۔ بہٕ چھُس ہا کر عبدالاحد بخشی صأبُن، محمد یوسف ٹینگ صأبن تہٕ پروفیسر غلام محمد شاؔد صأبُن شُکر گذار۔ اگر نہٕ یمو بزرگو پنٕنہِ پنٕنہِ تحقیقہٕ مطأبق کلیاتِ رسول میر ترتیب آسہِ ہے دِژہمژ میانہِ خأطرٕ اُس اَتھ پٕٹھ کتھ کرٕنی ناممکن۔

۲۔ جناب ناجؔی منور، جناب غلام نبی آتؔش تہٕ جناب فرحتؔ گیلانی سُنٛد شکریہ چھُ لأزم یمو مےٛ یہ کتاب لیکھٕنس دوران کینٛہہ صحیح متن فراہم کٔری تہٕ واریاہن کتھن کٔڈ کھ فُٹھ۔

۳۔ جناب شبیر احمد شبیؔر، پروفیسر یاسین سیؔار، پروفیسر محمد سعید، پروفیسر سید رضاؔ تہٕ ڈاکٹر شبیب رضوی سُنٛد چھُس بہٕ ممنونٕ یمو مےٛ عربی تہٕ فارسی شعرن ہٕنٛدِس تفہیمس منٛز رہنمایی کٔر۔

۴۔ برادرم منیب الرحمان (نیب) تہٕ برادرم ڈاکٹر حیات عامر حسینی سُنٛد شکریہ کرُن چھُ مےٛ پٕٹھ فرض یموٛ مےٛ نہ صرف رسول میرس پٕٹھ لیکھنٕچ تحریک دِژ بلکہِ رٕوٛدی مےٛ اَتھ سلسلس منٛز وگراے تہٕ کران۔

۵۔ ڈاکٹر شفق سوپوری سُنٛد شکریہ تہِ چھُ واجب۔ مےٛ اوس ارادہ زِ بہٕ لیکھہٕ اکھ لوٚکُٹ موٚکٹ مضمون۔ مگر شفقؔ صأبن کوٚر یمہِ کتابہِ ہٕنٛدِ خأطرٕ خابکہٕ تیار تہٕ مےٛ دیُتُن اتھ پٕٹھ کأم کرنٕک حوصلہٕ۔

۶۔ فرزندم منیر آزاؔد سُنٛد شکریہ تہِ چھُ کرن ضروری تیٚمی بہٕ اَتھ دوران گھریلو ذمہٕ دأریو نِشہِ دور تھوٚوُس تہٕ یٚمہِ کتابہِ ہٕنٛدِس اشاعتس

منز رُؤ دسر گرم۔

۷۔ اختر آزاد چھےٚ میانٛی گوڈنچ قاری تہٕ ستی روز مےٚ سو اَتھ مُدتس دوران قلم کاغذ تہٕ چاپہ پیش تھاونس منز محبتُک اہتمام کران۔ تسُند شکریہ ادا کرنس چھِ نہٕ مےٚ نِشہِ لفظے۔

مےٚ چھےٚ اُمید زِ میانٛی یہ حقیر کوشش یِیہِ نہٕ نظر انداز کرنہٕ۔ مےٚ روزِ موافق کیو مخالف رایِن ہُنٛد انتظار۔

آزاد منزل

ہمہ ہامہ سرینگر (ڈاکٹر) نذیر آزاد

۸؍ستمبر ۲۰۱۰ء

(۱)

رسول میر سُند مشہور مقطع چھُ ۔

رسولؔ مشتاق مشہور آفاق
نادر سخن گو سبحان اللہ

یہوے مقطع نظرِ تَل تھأوِتھ چھُ شفیع شوقؔ صابن "نادر سخن گو۔ رسول میر" عنوانس تحت میرؔ سٕنز شاعری پیٹھ مضمون قلمبند کرِتھ شیرازِ (ستمبر، اکتوبر ۱۹۸۹ء) رسالس منز شایع کرنووُمت۔ مضمونس منز چھُ میرِ سٕنزِ نغماتی شاعری، میرِ سٕندِس طرزِ تخاطبس تہٕ اَتھ شاعری منز ویڑھناونہٕ آمتِس نسوانی حُسنس متعلق وارِیاہ کینٛہہ پرنس میلان۔ باسان چھُ زِ شوق صابن چھُ "نادر سخن گو" بوٚڈ شاعر، نغمأتی شاعر یا غیر صوفی شاعر معنیس منز ورتووُمت ۔البتہٕ چھُ مضمون پرنہٕ پتہٕ تہِ یہ سوال باقی روزان زِ رسول میرن کیاز چھےٚ کاشرِس شعری توارتخس منز گوڈنچہِ لٹہِ "نادر سخن گو" اصطلاح استعمال کرمٕژ تہٕ سو تہِ پننہِ خأطرِ ۔ مانو زِ یہ چھےٚ شاعرانہٕ تعلّی تہٕ اتھ اندر چھُ شاعرن پٔنن بجر ہووُمت یتھٕ کنٛی اکثر شاعرو کوٚرمُت چھُ۔ مگر یہ چھےٚ اکھ حقیقت زِ شاعرانہٕ تعلّی پتہٕ کنہِ چھےٚ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ دلیل (منطق) آسان ۔ مثلاً اُردو میرِ سٕندِس شعرس منز چھُ اسلوب بجرچ دلیل ملنہٕ آمٕژ ۔

میر شاعر بھی زور کوئی تھا
دیکھتے ہو نہ بات کا اسلوب

یاشاکرناجی چھُ تعلّی ہنز بنیاد روانی پیٹھ تھاوان ۔

روانی طبع کی دریا سِتی کچھ کم نہیں ناجی
بھریں پانی ہم ایسی جو کوئی لاوے غزل کہہ کے

یا غالبہٕ سندس شعرس منز چھُ اندازِ بیان بجرک وجہ مانہٕ آمُت ۔

ہیں اور بھی دُنیا میں سخن ور بہت اچھے
کہتے ہیں کہ غالب کا ہے اندازِ بیان اور

پانہٕ رسول میرن چھُ پننہِ شاعری نارِ کتاب وۄنمُت ۔ نارِ کتابہِ منز چھِ بلندیٔ خیال، بلند آہنگی، سوختگی تہٕ غمکی عناصر موجود۔

شوق صاب چھُنہٕ ''نادرسخن گو'' کِس تناظرس منز رسول میرہٕنزِ تعلّی ہُند کانٛہہ منطقی جواز پیش کٔرِتھ ہیکان۔ البتہٕ چھِہن مضمونہٕ کِس آخرس پیٹھ یہِ خواہش ظاہر کٔرمٕژ زِ میرسٕ پزِ ہے مرزا غالبہٕ سٕندی پأٹھی منظر نگاری کرٕنی ۔ (حالانکہ شوق صابن یِمہِ غزلہِ ہُنٛد حوالہٕ دیُتمُت چھُ تتھ منز تہٕ چھےٚ نہٕ منظر نگاری) ۔ کُنہِ چیزس متعلق خواہش کرنس چھُنہٕ ٹھاک مگر یِلہِ خواہش ہدایت نامہ کِس مرحلس منز داخل چھےٚ سپدان دِلس توس ووتھُن چھُ لازمی ۔ شوق صأبُن فرماون چھُ زِ میرس پزِ ہے بصری شبیہن کام ہیٚنٛز حالانکہ میر ہٕنزٕ شاعری چھےٚ نہٕ صرف بصری شبیہو بلکہِ تمام حِسی پیکرو (تم تہٕ مُتحرک پیکرو) سِتی عبارت ۔ پروفیسر غلام رسول ملک صأبن تہٕ چھُ ساہتیہ اکیڈمی ہنزِ فرمأیشہِ پیٹھ رسول میرس پیٹھ لیکھنہٕ آمتِس مونو

گرافس منز رسول میر ہنٛدِ حوالہٕ کینژٕن خواہشن ہُند اظہار کوٚرمُت۔ بلکہٕ چھن میرٕ ہنٛدِ خاطرٕ حافظ تہٕ سعدیؔ ہندی کینٛہہ شعر ہدایت نامہٕ رٔنگی درج کٔری متی۔ حافظ تہٕ سعدی ہنٛد بن شعرن منٛز موجود مضمون ورتاوِنچ ہدایت کران چھُ ملک صابن میرس مشورہ دِتھمُت زِ تِتھو مضمونو ستی واتہِ سُہ جسم یارٕ کین نشیب وفرازن منز اسیر گژھنہٕ بجایہٕ عشقہٕ کِس تتھ مٔنزلس یُس جسمہٕ چہٕ ظاہری کششہِ ماوراچھُ۔[1]

تِتھین صاحبن ہندِس خدمتس منز چھُ عرض زِ جناب تُہی چھو مالک تہٕ بڑٕ اُستاد۔ مگر اَتھ ماوَنو انصاف زِ تہی تھایو ہتھ سواد ہتھ وٕری برونٛہہ گذرے متس شاعرس برونٛہہ کنہِ ماڈل پیپر(Model paper) تہٕ تھاوِ وٕن امتحانی ہالس منز تہٕ ہدایت کری وُس زِامی آیہ لیکھ جوابِ مضموٗن۔ توہہِ آسہِ خبر زِ کٲنسہِ شاعرٕ ہنٛزٕ مولہٕ آنکون کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ استدلالٕچ ضروٗرت۔ اَمہِ خاطرٕ چھےٚ نہٕ شاعرٕ ہندن موضوعاتن تہٕ مضمونن تنقید سپدان بلکہِ چھےٚ فن پارس منز موجود لسانی تہٕ جمالیاتی کارکردگی نظرِ تل تھاونہٕ یوان۔ جناب تُہی چھِو حکمران (نعوذ باللہ) پیغمبر چھوٕ نہٕ زِ کٲنسہِ متعلق دِیو فتویٰ زِ سُہ چھُ جسمانی حُسنس منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق[2]۔ حالانکہ پیغمبر نازنینؐ تہِ یوٚ دوَے امراء القیس ہوس رندٕ

---

[1] غلام رسول ملک۔ رسول میر۔ [2] ایضاً ص ۱۷

شاہد باز ہندی موضوعات وُچھِتھ فرموو زِ ئہ چھ لوکن نارس کُن نِوان مگر تہندِ فنی صلاحیتن پیٹھ تنقید کران فرموُ کھ زِ ئہ چھُ ''اشعر الشعرا'' تہٕ یتھ ہٕنز تھاوکھ تنقیدٕچ کنہِ کُنز زِ موضوع تہٕ مضمون چھُنہٕ شاعری بلکہِ چھ فن تہٕ اسلوب اصل شاعری ۔ اُتھ کارکردگی چھ امیر خسرو مقامِ ہوائیہ پیٹھ بہ مرتبہ ماہیئت (ہوا کہ رتبہٕ پیٹھٕ آبہٕ کِس رتبس پیٹھ واتن) ونان تہٕ اُتھی چھُ حافظ روانی ونان ۔

آں راکہ خوانی اُستاد گربنگری بہ تحقیق
صنعت گراست اما شعرِ رواں نہ دارد

تہٕ اُتھی متعلق چھُ شاہ حاتم ونان ۔

مُتفق باللفظ والمعنی کہیں ہیں خوش خیال
مصرعِ برجستہ و دِلچسپ سرتا پا تجھے

حالانکہ پروفیسر ملک صابن چھ میر پنہٕ نِس ادبی روایتہٕ کِس تناظرس منز پرکھاوٕنچ کوٗشش کرمٕژ ۔ مگر اَمہِ روایتہٕ کِس مولس تَل واتنہٕ بجایہ چھِ ملک صأبس اَتھ منز متصوفانہ تہٕ اخلاقی مضموٗنے یوت لبنہٕ یوان ۔ وجہ چھُ یہِ زِ ملک صأبی یوت نہ بلکہ سأنی اکثر نقاد چھِ فن پارس پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ معلمانہٕ عینک لاگان ۔ (یہوے وجہ چھُ زِ اقبالس ہوِس بٔڈس شاعرٕ سٕنز شاعری پیٹھ چھے وُنس تام سبٹھاہ کم تنقید لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ امہِ بجایہِ چھُ سورُے زور تہنٛدٕ ہن مضو عاعن پیٹھ صرف کرنہٕ آمُت ) ۔

سأنس مشرقی ادبی روایتس منز چھِ نہٕ صرف متصوفانہٕ تہٕ اخلاقی خیالات گنڈنہٕ آمتی بلکہِ چھ اتھ منز زندگی ہندی سأری عکس لبنہٕ یوان۔ اَتھ منز چھِ روحانی تجربو ہُرے مانہٕ عاشقانہٕ، رندانہٕ حتیٰ کہِ فاجرانہ تہٕ فاسقانہٕ موضوعات تہٕ امرد پرستی ہوی مضمون تہِ جایہِ جایہِ در ینٹھی گژھان۔ انصافُک تقاضہٕ چھُ یہِ زِ انشاء، مصحفی تہٕ جرآت ہوِبن شاہد بازی تہٕ معاملہِ بندی ہندی موضوع نظم کرن والین شاعرن ہُند کلامس منز ییٖن نہ عطار تہٕ رومؔی ہنز فلسفیانہٕ موشگافیہ ژھانڈنہٕ۔ البتہٕ چھُ یہِ ضرٛوری زِ یمن سارِنے شاعرن (بشمولِ عطار رومی تہٕ حافظ وغیرہ) ہندِبن فن پارن پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ ین تم معیار تہٕ رسومیات (Convention) نظرِ تل تھاونہٕ یم سأرسی مشرقی شعریاتس منز جأری چھِ۔ چنانچہ سأنس شعری روایتس منز چھُ حقیقت تہٕ مجاز اکھأ کس منز مدغم تہٕ بہ ظاہر جسمِ یارِ کین نشیب و فرازن ہندِس پردس منز چھےٚ عظیم روحانی تجربن ہنز باوَتھ تہِ کرنہٕ یوان۔ اَتھ سلسلس منز ہیکو مثنوی معنوی رومؔی مثالہِ رنگی پیش کرِتھ۔ وُچھتو مولانا رومؔی کتھ کٕنی چھُ اعلیٰ متصوفانہٕ تہٕ روحانی مضمون ہوس ناکی ہندس اندازس منز بیان کران۔

زَن بدست مرد در وقت لقا

چوں خمیر آمد بدست نانبا

بسر شُد گاہیش نرم و گہ درشت

زو بر آرد چاق چاقے زیرِ مشت

گاہ پہنش وا گُشد بر تختۂ

در ہمیش آرد گہے یک لختۂ

گاہ دردے ریزد آب و گہ نمک

از تنور و آتش سازد محک

ایں چُنیں پیچند مطلوب و طلوب

اندریں لعب اند مغلوب و غلوب

ایں لعب تنہا نہ شورا بازن است

ہر عشیق و عاشقے را ایں فن است

چنانچہ مثنوی منز چھ واریاہ تِتھۍ شعر موجود یم سانین معلم نقادن ''فحش'' باسن مگر یہِ چھُ پزر زِ مولانا رومین چھِ یمو منز عارفانہٕ نتیجہٕ کڈۍ متی۔ شمس الرحمان فاروقی چھ محمد حسن عسکری نہِ اکہِ خطُک حوالہٕ دِوان یتھ منز عسکری صاب لیکھان چھُ زِ یُس قصہ بیان کرن چھُم سُہ چھُ فحش مگر یہِ چھُ مولانا اشرف علی تھانوی صابن بیان کوٚرمُت تہٕ اَتھ منز چھےٚ سبق آموزی اسلئے چھس درج کران[۱]۔ اگر سانین نقادن ہنز معلمانہٕ عینک لاگتھ یم چیز وُچھنہٕ ین تیلہِ چھِ اَسہِ نعوذ باللہ عسکری صابس پٹھ

---

[۱] شمس الرحمٰن فاروقی۔ شعر شور انگیز جلد اوّل ص ۱۷۱

مولانائے رومس تام فحش گو قرار دِنی مگر یہِ آسہِ نہ صرف سائنس ادبی روایتس بلکہِ کُلھم تہذیبی روایتس برعکس۔

رود سوال یہِ زِ میرنؔ کمن بنیادن پٹھ چھ پانس "نادر سخن گو" وۄنمت۔ تمۍ چھا فارسی/اُردو شعری روایتس منز ورتاونہٕ آمژ یہِ اصطلاح اُنی کھلہِ تہٕ نہ زانئنے یا حافظ یا سعدی وغیرہ شاعرن ہٕندِس "غلامانہٕ تقلیدس[1]" منز استعمال گرہژ تہٕ بہ زِعم خود پانس بۄڈ شاعر وننہٕ کِس ضمنس منز ورتاوٕژ (یتھٕ کنۍ پروفیسر شوق صابن اَتھ صطلاحس ستۍ معاملہٕ چھُ رواتھوومُت) کنہٕ تمۍ اُس سو شعری روایت شعوری طور سمجھِتھ "نادر سخن گو" تہٕ "سخندان" ہشہِ اصطلاحہ پننہِ خاطرِ استعمال کرِمژٕ یمیُک نہ صرف سُہ پانہٕ بلکہِ سون پوٗرٕ ادبی معاشرٕ اکھ اہم حِصہٕ چھُ۔

رسول میر ہنزِ شاعری چھے سو ادبی روایت ڈُکھس یوسہٕ کینژن نقادن ہند مطابق "ہنداسلامی کلچرن" تہٕ کینژَن ہندِ مطابق "ہندعرب ایرانی کلچرن" پھانپھلاوٕمژ چھے۔ اَتھ روایتس ترقی دِنس منز چھُ سنسکرت زبانۍ ہندین اچارین ستۍ ستۍ فارسی تہٕ اُردو زبانن ہٕندین بہلہِ پایہِ شاعرن ہُند زبردست عمل دخل۔ یہ وَنُن زِ رسول میرس اوس گلستان بوستان، کریما ہشن تمہِ وقتہٕ چلن مروجہ کتابن ہُند سرسری مطالعہٕ تہٕ تمۍ کوٗریمن کتابن منز استعمال کرنہٕ آمژِ لفظہٕ راش ہُند استعمال یا یہ وَنُن زِمیرٕ ہندین

---

[1] ملک۔ رسول میر۔ ص ۲۳

کأشرِ بن پیٚش رَوَن ہنٛد مرغوب موضوع اوس تصوّف تہٕ رسول میراوس امی روایتُک پرورد ( یتھ ستۍ نہٕ میرن بقول نقادان انصاف کرِتھ ہیوٚک ) چھُ نہٕ صرف ہٹہٕ نہ وسہٕ نس لایق بلکہٕ چھُ گُمراہ کُن۔

چنانچہ کانٛہہ تہٕ ادبی روایت چھےٚ مختلف زبانن ہنٛد ہو مشترکہٕ معیارو ستۍ تعمیر سپدان۔ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ چھُ کلاسیکُک تعریف کران دماغچ پختگی ، زبأنۍ ہنٛز پختگی تہٕ مشترک اسلوبس اہم عنصر گنٛزراوان۔ ہُہ چھُ کلاسیک شاعرن ژھانڈ دِوان یتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ لاطینی زبأنۍ ہنٛد ورجِل چھُ یورپی ادبی روایتُک نقطۂ عروج یتھ أندۍ أندۍ انگلستانکۍ شیکسپیئر ، ٹیلر ، ملٹن ، فرانسکۍ راسین ، موَلیر تہٕ پاسکل نژان چھِ۔ یہ ادبی سماج چھُ انگریزی ، یونانی ، لاطینی فرانسیسی تہٕ باقی یورپی زبانن ہنٛد گوٚنٛد (Cluster)۔[۱] یتھےٚ کنۍ ہیکو أسۍ مشرقی ادبی روایتس منٛز عربی ، فارسی ، سنسکرت تہٕ اُردو/ہندی زبانن شأمِل کرِتھ یوسہٕ کھیمندر ، فردوسی ، حافظ سنٛدِ پیٹھ سفر شروع کران میرس تہٕ غألبس تام اکہِ انٛدٕ واتان چھےٚ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ للِ دیدِ پیٹھ سفر شروع کرِتھ رسول میرس نِشہِ واتان چھےٚ۔ یتھۍ کنۍ چھِ سأنس ادبی روایتس تہِ موضوع تہٕ اسلوٗبہٕ رنٛگۍ مختلف جہژ۔ کُنہِ تہِ طرزِ فکر یا تا طرزِ بیانس ہیکو نہٕ کُلی طور معیار مأنِتھ۔ اکہِ وقتہٕ أس ابہام گوئی فیشن تہٕ بیٚیس زمانس منٛز آوشستہ بیان رُت مانٛنہٕ۔ اکہِ وقتہٕ أس ترقی پسندی

---

[۱] ایلیٹ کے مضامین۔ جمیل جالبی۔ ص ۳۰۷ تا ۳۰۹

مرغوب موضوع تہٕ بیٚیہِ وقتہٕ ہیوٚت أدیبو اَمہِ نِشہِ پوٚت ۔ گویا کہ کانٛہہ تہٕ موضوع یا اسلوٗب چھُنہٕ حتمی تہٕ نقادس چھُنہٕ یہ حق زِ سُہ کرِ کنہِ موضوعٕچ یا اسلوٗبٕچ سفارش ۔ البتہٕ چھُ نقادس یہ لازمی زِ سُہ وُچھِ زِ مشترکہٕ اسلوٗبۍ عناصر کیٛاہ چھہ یتھ پٹھ تمہِ روایتُک پرورد شعری سماج متفق آسہِ ۔ تہٕ یمہٕ نےٚ مشترکہ عناصرن ہندس پوٚت منظرس منٛز وُچھ زِ شاعر چھا اَتھ ستۍ انصاف کران کنہٕ نہ ۔ دراصل چھُ پرٛتھ کانٛہہ جنیون شاعر پننۍ مشترکہ ادبی روایت پانس منٛز شرٛ پراوان تہٕ اَمہِ منٛز پننہِ خأطر مفید مطلب اسلوٗبۍ تہٕ طرزِ بیانٕچ رسومیات منتخب کران ۔

سائنس مشرقی ادبی روایتس منٛز چھےٚ غزل سو صِنف سخن یتھ منٛز وارِیاہ وتہِ أکی ہےٚ جایہِ جمع گژھان تہٕ الگ الگ رُخ اختیار کران چھےٚ ۔ (میانہِ خیالہٕ چھےٚ نہٕ وژنس تہٕ غزلہِ منٛز کانٛہہ خاص فرق ۔ اگر أسۍ ٹیپک مصرعہ زیوٚٹھ ردیف مانو ۔ وژنس منٛز موجود تسلسلِ خیالہٕ کنۍ وَنہٕ ہو اَتھ نظم مگر وژنُک پرٛ یتھ کانٛہہ شعر چھُ اکثر حالتن منٛز اکھ مکمل اکأیی ۔ یتھۍ کنۍ چھُ وژنس تہٕ غزلِ مسلسلس منٛز اکھ حیرت انگیز ہشر ) ۔ غزل چھےٚ اکہِ قسمُک ہتہٕ وٚت (Junction) تہٕ یَم وتہٕ چھےٚ اکھ أکِس ژٕٹتھ نیران ۔ حافظ ، سعدی ، رومی تہٕ غنی چھِ اکہِ زبأنۍ ہندۍ شأعر آسنہٕ باوجود خیالو تہٕ اسلوبہٕ رنگۍ الگ ۔ میر تقی میر ، مصحفی تہٕ سودا چھِ تقریباً ہم عصر آسنہِ باوجود تہٕ اَکھ أکِس نِشہِ بدون ۔ تہٕ میر ، غالب تہٕ ناصر کاظمی

چھِ الگ الگ زمانن منز روزنہٕ باوجود واریاہس حدس تام اَکھ أکس نزدیک ۔ یِم سأری شاعر چھِ اَکھ أکس نِشہِ دوری تہٕ نزدیکی باوجود اکس رسومیاتس تابع ۔ یہنٛدی محبوب چھِ ہوی، ستم پیشہِ، ہرجایی، باغس کُن سیر کرنہِ نیران تہٕ گُل کتران، ارضی تہٕ مارواییٔ حسنچ آمیزش ہتھ تہٕ نازک بدن یمٕ سُنٛد کمر تام موہوم چُھ بیترِ ۔ یہُنٛد عاشق (متکلم یا غائب) چھُ لاغر، معشوقہٕ ہِندِس برس پیٹھ بِہتھ یمس نہٕ دربان اندر اژنک اجازت دِوان، رند، شاہد بازتہٕ اَمہ ہُرے مانہٕ درویشانہٕ استغنیٰ ہتھ زنتہٕ صوفی تہٕ عارف باللہ ۔ اَتھ رسومیاتس منز چھ مضمون مشترک ۔ وچھتو قرآنِ مجیدٕچ آیت چھے ۔ اِنا عرضنا الامانۃ علیٰ السمٰوٰت والارض والجبال فابین ان یّحملنھا واشفقن مِنھا وحملھا الانسان ط انہٗ کان ظلوماً جھولا ۔ (الاحزاب ۔ ۷۲)

أتھی آیہٕ مبارکس بُنیاد بناوِتھ کتھٕ کٔنؠ چھِ شأعر شعرونان ۔

حافظ:

آسماں بارِ امانت نہ توانست کشید
قرعۂ فال بنامِ من دیوانہ زدند

قائم چاند پوری:

نہ سنبھلا آسماں سے عشق کا بوجھ
ہمیں ہیں جو یہ مگدر بھانتے ہیں

عبدالاحد آزاد:

ژُل میأنی پانٕن سارِ سمیُک بور کلس پېٹھ
ملکن تہٕ فلکن لرزٕ وۄتھ ڈېشتھ یہ جگر میون

حالانکہِ یِمن شعرن منٛز چھُ الگ الگ اسلوٗب نمایاں۔ وُ چھتو وونی یِم شعر یِمن متعلق چھُ بظاہر یہ باسان زِ أکی شأعرن چھُ بێیس سرِقہ کۄرمُت۔ مضمون چھُ زمینہِ منٛز انسانن ہُنٛد پھۄلتھ یُن۔

میر تقی میر:

ہیں مستحیل خاک میں اجزائے نو خطاں
کیا سہل ہے زمیں سے نکلنا نبات کا

ناسخ:

ہوگئے دفن ہزاروں ہی گُل اندام
اس لئے خاک سے ہوتے ہیں گلستاں پیدا

غالب:

سب کہاں کچھ لالہ وگل میں نمایاں ہوگئیں
خاک میں کیا صورتیں ہوں گی کہ پنہاں ہوگئیں

یا

سعدی:

دوستاں منع کنندم کہ چرا دِل بہ تو دادم
باید اول بہ تو گفتن کہ چنیں خوب چرائی

میر تقی میرؔ:

پیار کرنے کا جو خوباں ہم پہ رکھتے ہیں گناہ
اُن سے بھی پوچھتے کیوں اتنے تم پیارے ہوئے

یا

بیدلؔ:

ہمت چہ قدر زیرِ فلک بال کشاید
پست از بہ حدے کہ دریں خانہ ہوا نیست

میر تقی میرؔ:

زیرِ فلک رکا ہے اب جی بہت ہمارا
اس بے فضا قفس میں مطلق ہوا نہیں

اَتھ پۆت منظرس منز اگر رسول میرن حافظ شیرازی سُند مضموٗن مستعار نِتھ اَتھ ترقی دِژٕمُت گُس گناہ کوٚر[1]۔

حافظؔ چھُ ونان:

سروِ چمانِ من چرا          سیلِ چمن نمی کُند

تہٕ رسولؔ میر چھ ونان:

سربہ ونددے اے سروچمن
طرف چمن چمن ولو

---

[1] ملک (رسول میر ص۲۲) ہٕند مطاُبق چھےٚ رسول میرن فارسی استادن ہٕنز غلامانہٕ تقلید کرٕمٕژ۔

اَتھ ضمنس منز چھ رسول اللہ صلعم ہِندِس مداح شاعر کعب ابن زہیر سُنٛد یہ شعر قولِ فیصلک درجہ تھاوان۔

## مــا اُرانــا نــقــولُ الامُــعــارا

## او مــعــاداً مِن قــولنـا سکرورا

یعنی یہِ اَسی ونان چھِ سُہ چھِ اَسی یاتہٕ باقین نِشہِ مستعار نِتھ ونان نتہٕ چھِ اَسی پنہٕ نُے کلام وِزِ وِزِ دہراوان۔

اَتھ ادبی روایتس منز چھُ خیالن ہُنٛد تضادٕ باوجود اقبالؔ غالبہٕ ہِندِس "لبِ اعجازس" داد دِوان تہٕ اَتھی منز چھُ پنہٕ نوٕ مارکسی نظریو باوجود فیضؔ، اقبالہ ہنٛز "غزل خوانی" مٹہِ مٹہِ دوان۔ اَتھ ادبی سماجس منز آو نہٕ حافظسؔ محبوبہٕ ہِندِس خالس بدلہٕ سمرقند تہٕ بخارا ہُک سودا کرنس پیٹھ ٹھاک کرنہٕ تہٕ نہ آو اقبال محبوبہٕ ہِندِ بن گیسوئے تاب دارن منز شکار سپدنہٕ نِشہِ رکاونہٕ۔ اَتھ روایتس منز آئے ہیٚتکی (Form) کاتیاہ تجربہٕ کرنہٕ مگر اَمیُک مزاج بدلنچ پرٛتھ کانٛہہ کوشش گے ناکام۔ غزلن تہٕ قصیدن ناپاک دفتر وَنن واَلِس حالی ہِندِ تنقیدٕچ مثال چھےٚ بروٚنٛہہ کنہِ۔ وجہ چھُ یہِ زِ مشرقی محبوب چھُ بُنیاُدی طور اکھ خیال یُس بہ یک وقت مادی تہِ چھُ تہٕ ماورایی تہِ۔ یہوے وجہ چھُ اوہُنٛد جنس (مذکر/مونث) چھنہٕ Explicitly بیان کرنہٕ یوان تکیازِ خدا یس تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ جنس۔ عاشقہٕ سُنٛد انفعالی آسُن تہٕ معشوقہٕ سُنٛد بے نیاز آسُن چھُ تمہِ صوفیانہٕ تربیتُک نتیجہٕ

یُس سائنس ادبی میراثس منز زیری لہرٕ ہنٛدی پأٹھی موجود چھُ۔

چنانچہ تِتھس شعری روایتس منز چھُ نوو مضموٗن گاہے گاہے گنڈنہٕ یوان۔ تکیازِ اَمہِ ادبی سماجُک متفقہٕ فیصلہٕ چھُ زِ بنیادی حقیقتہٕ چھےٚ وحی، الہام، کشف وغیرہ ذریعہِ بروٗنٛہے موجود۔ البتہٕ شاعرٕ ہنٛز کأم چھےٚ یہِ حقیقتہٕ نوبن تہٕ بہتر اسلوٗبن منز بیان کرنہِ یتھ زَن باسہِ زِ یم چھےٚ سانہِ خأطرٕ انکشافُک درجہ تھاوان۔ اَمہِ روایتُک بُنیأدی مدعا چھُ کانٛہہ تہِ مضموٗن، چاہے سُہ ہتہٕ بدٕو شأعرو ورتوومُت آسہِ، کتھٕ کنٛی یہِ نٔوِس لسأنی تہٕ جمالیأتی اسلوٗبس منز استعمال کرنہٕ یتھ زَن اتھ منز تازگی باسہِ۔ وُچھتو اکوےٚ خیال کتھٕ کنٛی چھُ فارسی پیٹھٕ اُردوٗہس تام لفظن ہنٛز تبدیلی باوجود سفر کران۔

ابوطالب کلیم چھُ ونان:

مازِ آغاز و انجام جہاں بے خبر یم
اوّل و آخر ایں کہنہ کتاب افتاد است

تہٕ شاد عظیم آبادی چھ ونان:

سُنی حکایت ہستی تو درمیاں سے سُنی
نہ ابتدا کی خبر ہے نہ انتہا معلوم

خیال چھُ اَکھ زِ انسانس چھےٚ نہٕ عالمِ اکبرٕچ تہٕ نہ عالمِ اصغرٕچ پتہٕ زِ یمن ہُنٛد ابتدا کیا چھُ تہٕ نہ زِ یمن ہُنٛد اند کیاہ آسہِ۔ انسانن چھُ نہٕ کأنٛاتُک ابتداوُ چھمُت نہ انتہا تہٕ نہ چھس پانس متعلق خبر زِ میون ماضی کیا

اوس تہٕ مستقبل کیا آسہِ۔ مگر کلیمن وۄن اَتھ پرٲنِس کتاب یتھ گوڈنیگ تہٕ ٲخری ورق ژھیۄنمت چھُ۔ تہٕ شاد عظیم آبادی ہنٛزِ کتھِ چھےٚ یہِ حکایت یوسہٕ منٛز باگہٕ پیٚٹھ بوزنہٕ ییہِ۔ نٕی تو کشیٖرِ پیٚٹھ ایران تام کُس خدا پرست سما جس منٛز کتھ ہٕکی چھےٚ شاعرن ہم آہنگی۔

رسول میر چھُ ونان:

رسول چھُ زانتھ دین و مذہب رُخ تہٕ زُلف چانٕی
کہٕ زانہِ کیا گو کُفر تے اسلام نگارو[1]

کاشرِس میرس کینژہہ کالہٕ بروٚنٹھہ چھُ اُردو ہکی میرن (میر تقی میر) وۄنمت آسان گوڈٕ

کافر ہوئے بتوں کی محبت میں میرؔ جی
مسجد میں آج آئے تھے قشقہ دئے ہوئے

بُتن ہٕندِس عشقس منٛز ٹیۄک گٔرِتھ مسجدِ منٛز اَژُن۔ یعنی کفر باوجود تہِ پزٕلنہِ محبتہٕ کنہٕ یا عادتہٕ کنہٕ مسجدِ اَژُن۔ مگر پتہٕ چھُ ترکِ اسلامُک اضافہٕ کران۔

میرؔ کے دین و مذہب کو کیا پوچھتے ہو اُن نے تو
قشقہ کھینچا دیر میں بیٹھا کب کا ترک اسلام کیا

تہٕ یمن میرن ہتہٕ بُدی ؤری بروٚنٹھہ چھُ فارسی تہٕ ہندوی یکہٕ سارٕوے کھوتہٕ بڈی میرن (امیر خسروؔن) وۄنمت۔

---

[1] کلیات رسول میر (مرتبہ شاد) منٛز چھہ دوٚیم مصرعہ یتھہٕ کنہٕ ع کیاہ زانہٕ کیاہ گو کفر تے اسلام نگارو۔

من چو ہندوئے سومنات بہ عشق

بُت پرستیم و دِل برہمنِ ماست

وُچھن چھُ یہِ زِ یمن شاعرن درمیان گُس ترسیلی نظام اوس۔ نہ کتابہٕ ،نہ ریڈیو ، نہ جہاز نہ ڈاک تہٕ نہ ای میل۔ اگر رسول میر تقی میر ہیتھ نسوانی حُسنس منز "مریضانہٕ حدس تام مستغرق" چھُ تہٕ چھِ کفر تہٕ اسلامہٕ چَو بُندشو نِشہِ آزاد ہیٚلہِ چھا امیر خسرو تہِ اُتھی زمرس منز تھاونس لایق ؟ دراصل چھےٚ یمن سارِنے سو شعری روایت اکھ اَکِس ستی گنڈِتھ یتہِ بقول ابوالکلام آزاد[۱] "قدم چھِ بظاہر مجاز کِس بتکدس کُن پکان آسان مگر پردٕ ووتھاٚنی چھُ حقیقتُک کعبہ نمودار سپدان۔" تہٕ یتھ منز نسوانی خدو خال تہٕ روحانی تہٕ مابعد الطبیعاتی عناصر اکھ اَکِس منز مدغم چھِ سپدان۔ اَتھ باہمی ادغامس چھُ بنیاٚدی طور استعارٕ پائیدار تہٕ مستحکم بناوان۔ اَتھ ضمنس منز چھُ غالبہٕ سُند یہ شعر قول فیصلُک درجہ تھاوان۔

ہر چند کہ ہو مشاہدۂ حق کی گفتگو

بنتی نہیں ہے بادہ و ساغر کہے بغیر

رسول میرس متعلق چھُ اکثر نقاد وکوتاہ بینی ہُند مظاہرہ کرِتھ یہ فیصلہ صاٰدر کوٚرمُت زِ سُہ چھُ سراپا نگار تہٕ ارضی حُسنس دیوانہٕ (اَتھ سلسلس منز چھےٚ تمو کوٚنگی ناوچ رازٕ کور تہِ معشوقہٕ ہندی رٕنگی دریافت/ ایجاد کرِ مٕژ

---

[۱] تذکرہ۔[۲] رسول میر (مرتبہ شاد) ص ۳۸

یہِ پروفیسر غلام محمد شاد صأبن دٗلیلہٕ دِتھ رد چھُ کوٚرمُت ) اگر سٕہ نسوانی حُسنہٕ ہِکس خدو خالس منز مستغرق چھُ تیٚلہِ کیا چھُ یمن نقادن ہُنٛد فیصلہٕ امیر خسروس متعلق ۔ وُچھتو خسروٗ سُنٛد لا مثال شعر۔

آیت رحمت از حرم ہست برائے حاجیاں
خسروٗ بُت پرست راجُز خط و خال کے رسد

☆

(۲)

ہندوستانہٕ کیٛن واریاہن حصن ہِتی ہِتی سپُد "ہند اسلامی کلچر" کشمیر منز تہٕ مبلغن تہٕ حکمرانن ہنٛدِ ذریعہٕ داخل۔ کٲشرِ ہنٛدِس گوڈنکِس مسلمان بادشاہ سلطان صدر الدین (۷۲۵ھ)، یمیٚ حضرتِ بُلبُل شاہؒ سٕنٛدِس دستِ حق پرستس ہِتی بیعت کٔر، پیٚٹھٕ آخری افغان ناظم سردار جبار خانس (۱۲۳۴ھ) تام کٔر مسلمانو کٲشرِ پیٚٹھ تقریباً پانژن ہتن ؤرین حکومت۔ اَتھ وقتس دوران آے نہٕ صرف بیرونِ ریاستہٕ پیٚٹھٕ فارسی شاعر تہٕ نثرنگار (خصوصاً تاریخ نویس) کٲشرِ بلکہِ کوٗر ییٚتہِ کیٚو شاعرو تہٕ اُدیبو تہِ اَمہِ زبٲنۍ ہنٛدِس ادبی سرمایس منز اضافہٕ۔ یمن منز چھِ حضرت شاہ ہمدان (صاحبِ چہل اسرار) ملا احمد کشمیری، خواجہ حبیب اللہ نوشہری حُبّی، ملا احسن سلیم، ملا محسن فانی، ملا طاہر غنیؔ، ملا محمد زمان نافعؔ (برادرِ غنی کاشمیری) یم شہمیری دورٕ پیٚٹھٕ مغل دورس تام کٲشرِ منز فارسی شاعری منز ہُر برکران رؤدی۔ اَمہِ علاوٕ چھِ ملا محمد توفیق، عبدالوہاب شائق، دیارام خوشدلؔ تہٕ میر سعد اللہ سعادت شاہبادی افغان دورٕکۍ اہم شاعر۔ مسلمانن ہنٛدِس طویل عہدِ حکومتس منز اگر فارسی زبان ییٚتہِ مذہبی، درباری تہٕ ثقافتی زبان اُس مگر اَمہِ باوجود رؤدی سنسکرت زبٲنۍ ہنٛدی باقیات تہِ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگہٕ موجود۔ یوسہٕ مسلمانن ہنٛدِ دورٕ برونٛہہ کٲشرِ ہنٛز تہذیبی زبان اُس۔ ڈاکٹر محمد منور مسعودی سٕنٛدِ مطابق چھُ حضرتِ بہاؤ الدینؒ سٕنٛدِس مقبرٕ کِس صحنس منز سنسکرت زبٲنۍ منز لیکھنہٕ

آمُت اکھ کتبہٕ نصب یس کٲشیرِ منٛز شہمیری دورِ کس بادشاہ سلطان محمد شاہ سٕندِ زمانٕک (۱۴۸۴ء یک) چھُ[1]۔ یِتھے کٔنۍ چھِ اسٹائنن راج ترنگنی ہٕندِس مقدمس منٛز سنسکرت زبانی منٛز واریاہن کتبن ہنٛز نشاندہی کرمٕژ یم سرینگر تہٕ اَمہِ کِس مضافاتی قبرستانن منٛز موجود آسۍ تہٕ یِمن ہند تاریخی پے چھُنہٕ[2]۔

کٲشیرِ منٛز مغل (۱۵۸۶ء-۱۷۵۲ء) دورِ کین اہم فارسی شاعرن منٛز چھِ خواجہ حبیب اللہ حبّی نوشہری تہٕ ملا محمد طاہر غنی کشمیری یِمو فارسی زبٲنۍ ہُرے مانہٕ کٲشرِس منٛز تہِ کم کینٛژھا لیوکھ۔ حبّی سٕند یہ شعر چھُ از تام زبان زدِ خاص و عام۔

ژٕنۍ پوشہِ رنگہٕ ہے مےٚ ڈٮ۪ٹھمس تَن
ہا ژٕ نوٚن نو دٔرِ زبس بوزِ عالم

یِتھے کٔنۍ چھِ غنی کشمیری سٕندۍ یِتھۍ ہوۍ شعر تہٕ

یارِ سٕنزِ وتے ڈکہٕ کٔنۍ پکِو زے
ڈکہٕ نے پکی تہٕ گرِ زے کیاہ

کٲشیرِ منٛز چھےٚ فارسی ادبی روایت پھاپھلنس منٛز مغل دورس زبردست اہمیت۔ اتھ دورس منٛز آسۍ یتہِ ہتہٕ بٔڈۍ فارسی اُستاد (کٲشرۍ کیو غیر کٲشرۍ) یِمو دیوانن ہٕندۍ دیوان یادگار ترٛاوۍ۔ ہتہٕ بٔد یو تاریخ دانو لیچھ تاریخی کتابہٕ۔ اتھ دورس منٛز کٔر فنِ مصوّری، نقاشی، خطاطی تہٕ خوش نویسی تہِ زبردست ترقی۔

---

[1] ڈاکٹر۔م۔م۔مسعودی۔کشمیر کے فارسی ادب کی تاریخ ص ۱۴۔ [2] ایضاً۔ص ۱۴۔

مغل دورِ پتہٕ یوٚ دوَے زَن کٲشیرِ منٛز سیاسی افراتفری ہُند دورِ دورِ

روٗد مگر افغان حکومتہٕ کس ناظم سکھ جیون مل ہٕندِس زمانس (۱۱۶۷ھ

مطابق ۱۷۵۴ء) پیٹھٕ آو کٲشیرِ منٛز فارسی شعر و ادبس کُن بیٛیہ توجہ دِنہٕ۔

حالانکہِ سُکھ جیون مل سنٛد دور تہِ روٗد سیاسی افراتفری ہُند دور مگر اَتھ

دورس منٛز روٗدی عبدالوہاب شائق، ملا محمد توفیق، ٹیکا رام، دیا رام خوشدل

تہٕ میر سعد اللہ شاہبادی ہوی شاعر فارسی ادبُچ آبیاری کران۔ اَمہِ دورِ

کِس ادبی احوالس متعلق چھ ڈاکٹر مسعودی لیکھان۔

''سُکھ جیون مل خود بھی ایک شاعر تھا اور اِس اعتبار سے اہلِ علم وسخن کی بڑی قدر کرتا تھا۔ جیسا کہ ذکر ہوا ہے وہ ہر ہفتہ اپنے دربار میں مجلس مشاعرہ منعقد کرتا تھا۔ اُس نے کشمیر کی منظوم فارسی تاریخ شاہنامہ فردوسی کی طرز پر لکھوانے کا انتظام کیا اور اس کے لئے جن سات شاعروں کا انتخاب کیا اُن میں سے ہر ایک شاعر کے ساتھ دس دس معاون شاعر یا ادیب و مورخ مقرر کئے تھے۔ اس اعتبار سے راجہ سکھ جیون مل کے درباری شعرا کی تعداد ستّر اسی کے قریب تھی'' [1]

---

[1] ڈاکٹر مسعودی۔ ایضاً۔ ص ۱۴۱۔

خواجہ حبّی نوشہری تہٕ غنی کشمیری ہِندؠ پأٹھی لیوکھ افغان دورِک فارسی شاعر تہٕ مورخ میر سعد اللہ شاہ آبادین (سعادت) کأشرِ پأٹھی تہٕ۔ ناجی منّور صابہٕ نہٕ مطأبق چھُ سُہ یعنی میر سعد اللہ سعادت گوڈنیُک کأشر غزل گو شاعر[1] (وفات ۱۲۰۳ھ مطابق ۱۷۸۷ء)۔ پروفیسر غلام محمد شاد صابنہِ قیاسہٕ کنِی ما آسہِ ہے میر سعادت رسول میرنۍ خاندانی بزرگو منزٕ[2]۔ میر سعد اللہ چھُ اَمہِ لحاظہِ ہند، ایرأنی تہٕ کأشرِ کلچرُک سنگم۔ اوہُند بیٚا کھ کارنامہٕ چھُ زِ تمؠ چھ پننہِ فارسی مثنوی ''باغ سلیمانس'' منز کینٛہہ کأشرِ لفظ فارساوؠ متی۔ اَتھ سلسلس منز چھُ ڈاکٹر مسعودی لیکھان:

''سعد اللہ کی مثنوی کی اہم ترین بات یہ ہے کہ اس میں
شاعر نے مفرس کشمیری لغت کا بہت کثرت کے ساتھ
استعمال کیا ہے[3]۔

گویا کہ رسول میرنہِ نوجوانی ہِندِس زمانس تام اوس نہٕ صرف کٔشیرِ منز فارسی یک زبردست چلے جاو بلکہ آسہٕ فارسی تہٕ کأشر زبانہٕ اکھ اَکِس نشہِ اخذ و قبول تہٕ کران۔

یپأرؠ اُس ہندوستانس منز فارسی نہ صرف دربارچ تہٕ اشرافن ہنز زبان بلکہِ اُس یہ بازرن منزٕ تہٕ بولنہِ یوان۔ ہندوستانس منز اَمہِ چہِ ثقافتی تہٕ تہذیبی نوعیتہٕ کنِی تہٕ اَتھ منز تخلیق سپدن والہِ ادبی سرمایہ کنِی پھاپھلو واَمہِ

---

[1] ناجی منور۔ پرُسان۔ ص ۱۰۴ [2] کلیات رسول میر (مرتبہ شاد)۔ [3] ڈاکٹر مسعودی ایضاً ص ۱۰۴

بجاطور ''ہنداسلامی کلچر''، یُس ہندوستان تہٕ ایرانس درمیان شعری رابطن منز استحکام بخشنس منز مددگار ثابت سپد یو۔ تمہِ رابطہ کہِ استحکامُک ابتدا گو تمہِ وقتہٕ یلہِ ہندوستانٕکی بادشاہن شیرازٕ کس شیخ سعدی یس ہندوستان یِنٕچ دعوت سوز تہٕ تٔمی سوزس جواب زِ تتہِ ہے خسرو چھُ میأنی کیاہ ضرورت چھےٚ[1]۔

تغلق دورس منز آیہ ہندوستانس منز نٔو فارسی شعریات بارسس۔ اَمہِ طرزِ اظہارک زور اوس یَتھ کتھِ پیٹھ زِ شاعری چھےٚ نہٕ خارجی حقیقتن دریافت کران بلکہِ چھےٚ یہ دریافت شدہ حقیقتن نوِ آیہِ بیان کران، ہندوستانس منز آوَ اَتھ رجحانس تحت نہ صرف فارسی بلکہِ اُردوٗک بٔڈ بار شعری سرمایہ تخلیق کرنہٕ یتھ منز ہندوستأنی تہٕ ایرأنی فکرِ ہنداِمتزاج چھُ۔ اَتھ منز چھےٚ استعارٕ تہٕ بیأنٕچ پیچیدگی، رعایت لفظی پیٹھ زور، مناسبتِ الفاظٕچ اہمیت تہٕ تخیل تہٕ تجریدس مادی شکلہِ پیٹھ فوقیت شأمل۔ یتھٕ کٔنی آیہِ ماورائی چیزن ہنٛز تجسیم کاری تہٕ بارسس۔ شمس الرحمٰن فاروقی سٕندِ مطابق چھُ اَمہِ طرزک ساوٕرے کھوتہٕ بٔڈ دیٛت مضمون تہٕ معنی ہُنٛد امتیاز[2]۔ اَتھ سلسلس منز چھُ فاروقی لیکھان۔

''شعر میں جو کچھ کہا گیا ہے وہ اس کے معنی Idea یا
theme یا مضمون میں شامل ہے۔ لیکن اس کو آسانی
کے لئے دو حصوں میں تقسیم کر سکتے ہیں ایک تو اِس سوال کا

---

[1] فاروقی۔ جدیدیت کل اور آج۔ [2] فاروقی۔ شعر شور انگیز جلد چہارم ص ۷۷ تا ۷۸۔

جواب ہوگا کہ کسی چیز کے بارے میں جو کہا گیا ہے اس
سے ہم کیا نتیجہ نکال سکتے ہیں۔ پہلے حصلے کو مضمون اور
دوسرے حصے کو معنی کہیں گے''۔[1]

یتھ ٕکنۍ گو سبکِ ہندی یس منز معنی آفرینی ہند چلن تہٕ أکس مضمونس (موضوعس مثلاً بے ثباتی دنیا، ہجر، وصل، عشق، صوفیانہ تصورات وغیرہ) آےٚ مختلف حسابو معنی کڈنہٕ۔ چنانچہ کانٛہہ تہِ معنی چھنہٕ لفظٕ بغیر پیدٕ ہیکان سپدِتھ۔ لہٰذا چھُ شعرس منز لفظن ہُند خلاقانہٕ استعمال نوٚبن نوٚبن (بعض اوقات متضاد) معنین زایُت دِوان۔ شعرس منز معنی آفرینی ہندِ خاطرٕ آو سبکِ ہندی یس تحت کمہٕ کھوتہٕ کم لفظن منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معنی وٚیراونس کُن توجہ دِنہٕ۔ امہِ آیہِ آےٚ زبانٕی منز لفظن ہٕندی تتھۍ امکان ژھانڈنہٕ تہٕ یِمہِ ٕکنۍ متنٛگ مضمون نبری نبری کیاہ تام ونان آسہِ تہٕ اندرٕ آسہِ اَکھ صورتِ حال بدل۔ اَتھ عملہِ وٚون میر انیسؔ ''اک پھول کے مضموں کو سو رنگ میں باندھوں'' تہٕ أتھۍ صورتِ حالس متعلق چھُ انوریؔ ونان۔

در جہانی واز جہاں بیشی
ہم چو معنی کہ در بیاں باشد

---

[1] فاروقی۔ اُردو غزل کے اہم موڑ ص ۱۳۔

سبکِ ہندی ہندِ بن اہم فارسی شاعرن منز چھ صائبس ، بیدلس تہٕ ناصر سرہندی لیس ستیٚ ستیٚ غنیؔ کاشمیری تہٕ حبیؔ اہم مقام تھاوان۔ گویا کہ رسول میرنہٕ زینہٕ بروٚنہہ اوس معنی آفرینی ہند تصوّر حُبّی نوشہری تہٕ غنی کشمیری ہند ذریعہ کٔشیرِ ووتمُت۔ اتھ متعلق چھ ڈاکٹر مسعودی لیکھان۔

''کشمیر میں شہمیریوں ، چکوں اور مغلوں کے ادوار میں جو فارسی ادب وجود میں آیا وہ سبکِ ہندی کا ہی پیرو رہا'' [۱]

بروٚنہہ کُن چھُ ڈاکٹر مسعودی کٔشیرِ ہندِ بن فارسی شاعرن دوٚن جمأژن منز تقسیم کران۔ گوڈنچ جماعت یم روایتی طرزِ بیانکی شاعر اٚسی تِم چھِ غنی ، یعقوب صرفی تہٕ خواجہ حبیب اللہ حبّی نوشہری ۔ مظہر کشمیری، بابا طالب اصفہانی تہٕ ملا محسن فانی چھِ مسعودی صأب سبک ہندی ہندی شاعر گنزراوان۔ حالانکہ خواجہ حبّی نوشہری تہٕ غنی کشمیری چھِ سبکِ ہندی ہندِ بن بنیاد گذارن منز تسلیم کرنہٕ یوان تہٕ یمن روایتی طرزٕکی شاعروٚنُن گویا تہٕ سہو نتہٕ لاعلمی۔ واللہ اعلم۔

یہ زَن گوڈَے وننہٕ آو زِ شہمیری دورِ پتہٕ مغل دورس تام کٔر مسلمانو کم و بیش پانژٕن ہتن وٕرِین کٔشیرِ پٹھ حکومت ۔ یہ طویل دور چھُ ۱۸۱۹ء لیس منز اند واتان۔ رسول میرٕنس زاسنس تہٕ سنہ وفاتس متعلق چھے مختلف رایہ وُنِس تام بروٚنہہ کُن آمژٕ۔ اگر پروفیسر غلام محمد شاد صأبن تحقیق

---

[۱] ڈاکٹر مسعودی۔ ایضاً ص ۱۹۰۔

صحیح مانوتیٚلہِ چھُ رسول میر سُنٛد زاسنہٕ ۱۷۹۵ءتہٕ سالِ وفات ۱۸۷۹ء[1]۔ گویا کہ یہ زمانہٕ اوس ہندوستانس (بشمول کشمیر) منٛز سبکِ ہندی کہ عروجُک زمانہٕ تہٕ أتھی دورس منٛز أسی کٲشرِ منٛز ہتہٕ واد فارسی شاعر، مورخ تہٕ خطاط موجود۔ چنانچہ ناجی منور صأبن تحقیق چھ یہِ زِ اَمہِ دورکی کٲشری شاعر أسی اکھ أکِس سٟتی رابطس منٛز[2] تہٕ یہِ کتھ ہیٚکہِ ممکن أستھ زِ رسول میرتہٕ تہندی پیش روتہٕ ہم کال شاعر آسہٕ ہن کٲشرِ منٛز موجود فارسی شاعرن ہنٛزِ موجودگی نِشہِ بے خبر تہٕ تہند طرزِ بیانہٕ نِشہِ لاعلم أستھ آسہٕ ہن گلستان، بوستان، پندنامہ، کریما ہشن عام تہٕ روایتی کتابہٕ نےیوت آویز۔ میر سعد اللہ شاہ آبادی (سعادت) چھُ خواجہ حُبّی نوشہریس نہ صرف خراجِ عقیدت پیش کران بلکہِ چھُ تس پٔنن پیرومرشد تہِ مانان۔

ہم بدیہور رہبر دھری

بود خواجہ حبیب نوشہری

تتھے ٔکنۍ چھُ افغان دورٕکس أکِس دربأری شاعر محمد جان بیگ سامؔی سُنٛد یہ شعر ازتہِ کٲشرِ منٛز منعقد سپدنہٕ واجنہِ ننن روحأنی مجلسن منٛز (یمن عام پأٹھۍ کہم ونان چھِ) ذوقہٕ، شوقہٕ تہٕ وجدٕ سان منٛز پرنہٕ یوان۔

---

[1] کلیاتِ رسول میر (شادؔ) ۔صفہ ۳۹۔۴۱۔ حاجنی صأبن، ٹینگ صأبن بیترٕ چھِ رسول میرن زاسنہٕ تہٕ سالِ وفات الگ الگ دِژٕمتۍ میون مطلب چھنہٕ یہِ زِ یمو منٛز چھُ کانٛہہ حرفِ آخر۔ شاد صأبن حوالہٕ چھُ تتھے ہیوٚ اکھ حوالہٕ ۔میون مُدعا چھُ یہِ زِ رسول میر اوس اَرداہمہِ صدی پٔتھ کنُوٗہمہِ صدی ہنٛدِس أخرس تام زندٕہ۔ [2] ناجی منور۔ پرٕسان۔ صفہ ۱۸۰

قادری ہستم و غوث الثقلین پیرِ من است
سگِ آں شاہیم و ایں سلسلۂ زنجیرِ من است

فارسی شعر و ادبس لرِ لوٚرگو کٲشیرِ منز اُردو شاعری ہند سلسلہ چک دورٕ پیٹھٕ شروع۔ یوسف شاہ چکس متعلق چھُ مورخ پیر غلام حسن کھوٚیہامی لیکھان زِ سُہ اوس شراہمہِ صدی عیسوی منز تخت نشین سپد نہٕ پتہٕ فارسی، ہندی (اُردو) تہٕ کٲشرس منز شعر ونان[1]۔ یتھے کٔنٛ چھُ پروفیسر سرورین یوسف چک ہندِس ہم عصر خواجہ مومن جبلؔ ہندی کینٛہہ ریختہٕ نما درج کٔرتھ یتھ کتھِ کُن اشارٕ کوٚرمُت زِ اُردو زبان اُس مغل دورٕ برونٛہی کٲشیرِ منز پنُن اثر و نفوذ ترٛاونہٕ خاطرٕ تیاری کران۔ کٲشیرِ منز سُکھ جیون مَل ہندِس دربارس ستی وابستہٕ شاعر دیا رام کاچر و خوشدل (م ۱۸۶۸ ب) اوس فارسی علاوٕ اُردوہس منز تہِ شعر ونان۔ خوشدلؔ سُند یہ شعر چھُ از تام زبان زدِ خاص و عام۔

آ گئے تھے مثلِ بلبل سیر گلشن کر چلے
لے لو مالی باغ اپنا ہم تو اپنے گھر چلے[4]

گویا کہ مغل تہٕ افغان دورن منز اُس کٲشیرِ منز ترٛین زبانن منز اکھِ قسمٕچ لِسانی کشمکش چلان تہٕ یمہٕ آسہٕ اکھأ کس نِشہِ متاثر گژھان۔ کم ترقی یافتہٕ

[1] پیر غلام حسن کھوٚیہامی۔ تاریخِ حسن (دویم) ص ۹۶۔ ۲۹۵۔ [2] عبدالقادر سروری۔ کشمیر میں اُردو (دویم) ص ۳۴۰۔ [3] سروری۔ ایضاً۔ [4] بہارِ گلشن کشمیر۔ مرتبین برج کشن بے خبر تہٕ جگموہن شوق ص ۶۹۲۔

کأشر زبان أس باقی دوِن زبانن لرِ لوٚر پکنہٕ خأطرٕ یمن نِشہِ فکری تہٕ فنی لحاظٕ فیض تُلان۔ یہوے وجہ چھُ زِ یہ عمل یُس چک دورٕ پیٹھ شروع گژھتھ رسول میرنس ابتدأیی زمانس (افغان دورٕ کس أخرس تام) تام روٗ دنوِ نوِ آیہ بروٗنہہ کُن یوان۔ گہے أسی شاعر ہندی اسطور پننہٕ نین شعرن منٛز استعمال کران تہٕ گہے لفظیات۔ رسول میر سُنٛد زمانہٕ واتاں واتاں أس کینژو شأعرو اُردوہس منٛز اڈٕ گرِ مڈٕ گرِ شعرتہٕ وٕنی ہتی۔ رسول میرن تہِ چھِ منٛزی پورٕ شعر اُردوہس منٛز وٕنی ہتی تہِ گہے چھِن کأشرِ ن شعرن منٛز اُردو تہٕ فارسی لفظ استعمال گرِ ہتی۔ میرٕ ہندی یتھی شعر وُچھِتھ چھُ باسان زِ یتھٕ کنٛز امیر خسرو ہنٛدِس وقتس منٛز اوس ہندوی تہِ فارسی یس درمیان لسانی لین دین شروع گوٚمُت تتھے کنٛز اوس میرٕ ہنٛدِس زمانس منٛز کأشر زبان تہٕ کأشر ادب تتھ لسانی کلسٹرس (Cluster) منٛز پننٛز جاے بدِ کڈان یُس فارسی، تُرکی تہٕ ہندوی ین تشکیل دِتھمُت اوس۔ یا یتھٕ کنٛز وٕلین اُردو شاعری منٛز عجمی شہرن تہِ شاعرن ہنٛدِ حوالہ دِتھ فارسی تہذیبس ستی پننٛز آشنائی ظأہر کرِ تتھے کنٛز گر رسول میرن ہندوستأنی شہرن تہٕ ہندی اسطور کہ اظہارٕ ستی اتھ تہذیبس ستی پننٛز وابستگی ظاہر۔

ولی:

ولی ایران وتوران میں ہے مشہور
اگر چہ شاعرِ ملک دکن ہے

یا

یوں شعر ترا اے ولی مشہور ہے آفاق میں
مشہور ہے جیوں کر سخن اس بُلبُل تبریز[1]

رسول میر:

گیا دن سیر بندرابن کو میرا قند گوپال
آوَ ناہور ساڑے نال امشب

رسول میرٕ ہندِس اَتھ شعرس منٛز چھُ ہندوی ، اُردو تہٕ فارسی یس ستی ستی پنجابیٖ زبانٕی ہنٛز ملہِ مِش تہِ۔ وجہ چھُ یہِ زِ کشیٖرِ تہِ باقی ہندوستانس درمیان اُس پنجاب رابطچ اہم وتھ۔

رسول میرن چھُ ہندوستانٕی کلچرُک اہم عنصر "پان" تشبیہ رٔنگی استعمال کوٚرمُت یتھٕ کٔنی یہ لفظ اُردو میرنٛ بیٚیس تناظرس منٛز ورتومُت چھُ۔

رسول میر:

وُٹھ چاٖنی دوزلی لعل یمن نتہٕ بدخشاں
یم پاٖنی پانس رتہٕ رٔنگی پان دپان چھی

میر تقی میر:

بیڑے کھاتا ہے تو آتا ہے نظر پان کا رنگ
کس قدر ہائے رے وہ جلدِ گلو نازک ہے

---

[1] صائب تبریزی۔

میر تقی میرنؔ چھُ معشوقہٕ سٕنٛز ژمہِ ہٕنٛز نزاکتہٕ کِس دعوہَس منٛز پانٛژ رنگ نظریُن دلیلہِ رنٛگی استعمال کوٚرمُت تہٕ رسول میرن لفظ پان چھُ ابہامی کیفیت ہیتھ (یتھ پٮ۪ٹھ بروٚنہہ کن کتھ ییہِ کرنہٕ تہٕ مزید معنوی ابعادین بدِ کڈنہ)

ہپاٚرِ گے ہندوستانہٕ کِمن اُردو تہذیبہٕ والین حِسن منٛز سبکِ ہندی کِس تتبعس منٛز معنی آفرینی ہندی نوی درواز یلہٕ۔ اَتھ سلسلس منٛز آیہ گوڈٕ نکہِ پڑاوٕ رٕنٛگی ایہام گوئی بارسس۔ امیُک چلن گو بیدلؔ سٕنٛز زندگی منٛزٕے شروع البتہ چھُ ۱۷۰۲ءس امیُک باقاعدٕ ابتدا ونہٕ یوان یلہِ بیدلؔ رحمت حق سپد یو۔ اَتھی زمانس منٛز آو ولی گوڈنچہِ لٹہِ دکنہٕ پٮ۪ٹھ دِلہِ تہٕ شاہ سعد اللہ گلشنؒ سٕندِس ہدایتس پٮ۪ٹھ اَنِن نہ صرف اُردوہَس منٛز فارسی پٮ۪ٹھ مضامین بلکہِ ورتاوٕن فارسی لفظن تہٕ ترکیبن سٟتی فارسی اصطلاحہ تہِ۔ مگر پتہِ چھُ پزر زِ ایہام گوئی اُس اَمہِ بروٚنہہ تہِ سنسکرتہٕ پٮ۪ٹھ ہندی لیس تام نوٕی نوٕی جلوٕ ہاوان۔ کتھ بروٚنہہ پکناونہٕ بروٚنہہ وُچھو زِ ایہام گوئی کیا گے۔

میر تقی میرؔ چھُ لیکھان۔

"معنیِ ایہام انیست کہ لفظے کہ برو بنائے بیت آں دو معنی داشتہ باشد یکے قریب و یکے بعید و بعید منظور شاعر باشد و قریب متروک او"[۱]

---

[۱] میرؔ۔ نکات الشعراء۔ مرتبہ ڈاکٹر محمود الٰہی ص ۱۶۳۔

سنسکرت زبانٔی منز چھِ اَتھ شلیش  وَنان تہٕ یہِ چھُ ہندی
النکارن منز اہم۔ ہندی لیس منز چھےٚ اَمِچ تعریف یتھٕ کنٕ کرنہٕ آمٕژ۔

''جہاں ایک شبد سے قوّتِ فنکاری کے ذریعہ دو یا دو سے
زیادہ معنی ظاہر ہوں وہاں شلیش کی صنعت ہوتی ہے''[۲]

ڈاکٹر منظر اعظمی چھِ ڈاکٹر محمد حسن سٕنٛدِ حوالہ لیکھان۔

''ان کتابوں میں فارسی کی قدیم کتاب رشید وطواط کی
''حدائق السحر فی دقائق الشعر'' جس کی تصنیف کو تقریباً سوا
آٹھ سو برس گذر چکے ہیں، اس میں ایہام کے معنی'' بہ
گمان افگن'' لکھے گئے ہیں۔اس کے بعد شمس قیس رازی
کی کتاب'' المعجم فی معائیر اشعار العجم'' ہے۔ بدیع کی
دوسری کتابوں مثلاً'' مجمع الصنائع'' مصنفہ نظام الدین احمد،
'' حدائق البلاغہ'' مصنفہ شمس الدین فقیر اور'' مختصر البدائع''
مولفہ رجب علی امانی میں بھی ایہام کے صرف اصطلاحی
معنی بتائے گئے ہیں۔فخری بن اسیری نے بھی'' صنائع
الحسن'' میں ایہام کے لغوی معنی بھی بتائے ہیں اور وہ ہیں۔
''بگمان و وہم انداختن''[۳]

---

۲۔ چھند والنکار۔ڈاکٹر سنسار چند۔ صفہٕ ۸۴۔ ۳۔ منظر اعظمی۔اُردو ادب کے ارتقاء میں ادبی تحریکوں اور رجحانوں کا حصہ۔صفہٕ ٦۹۔

گو یا اکہِ لفظِ منز ٕ زٕ معنی کڈٕنی اوس سنسکرتس منز ٕ تہِ موجود تہٕ اَمہِ ذریعہِ وأ ژ یہِ صنعت ہندوی یس/ اُردوہس منز ٕ تہٕ فارسی یس منز ٕ اَمچہِ قدامتہٕ کِنی اُس نہٕ یہِ صنعت ہندوی/اُردو والین ہندِ خأطرٕ ووپر۔ یہوے چھُ وجہ زِ سداہمہٕ صدی عیسوی ہندیو اُردوشاعرو پانہٕ نأو یہِ صنعت تکیا زِ سبکِ ہندی ہندِس اثرس تحت سپز یہِ صنعت معنی یابی خأطرٕ زبردست مددگار ثابت۔ وچھتو اَمہِ دورٕکین شأعرن ہٕندی یم شعر تہٕ یمن منز موجود ایہامی الفاظ۔ اَمہِ ستی نہٕ زِ یمو لفظو ستی کتھٕ کنی چھِ شعرٕکین معنین منز ٕ ہر بر سپدان۔

ولیؔ:

پڑھتے ہیں ولی شعر ترا عرش پہ قدسی
باہر ہے تری فکرِ رسا حدِ بشر سوں

لفظ قدسی ییک اکھ معنی چھ فرشتہٕ تہٕ ستی چھُ یہِ مشہور شاعر محمد جان سُند تخلص۔

آبروؔ:

خوباں کو جانتا تھا گرمی کریں گے مجھ سے
دل سرد ہوگیا ہے جب سے پڑا ہے پالا

''پالا پڑنا'' ہُک اکھ معنی چھ واسطہٕ پیوٚن ، کأم گژھنہٕ یتھٕ کنہِ حبہٕ خاتونہِ ہُند مشہور مصرعہ چھُ۔

زٲم ہِتی کٲم گیہِ مو

اَمی لفظُک بیٛا کھ معنیٰ چھُ ۔ شیٖن پیٚو ن ، سخت سردی

مضموٗن: ان بتوں کو ہم فقیروں سے کہو کیا کام ہے

یہ تو طالب زر کے ہیں اوریاں خدا کا نام ہے

''خدا کا نام'' چھُ بتُن مقابلہٕ اَننہٕ آمُت مگر ہِتی چھُ زرس مقابلہٕ افلاسہٕ کِس معنیس منز استعمال سپدان ۔ یِمو الگ معنیو ہِتی چھےٚ ''فقیروں'' لفظچ نوعیت تہٕ تبدیل گژھان ۔

اردٕ ہمہٕ صٔدی ہٕندِ ابتدائی ؤریو پیٹھ اَمہِ کِس وسطس تام رود یہِ فیشن زورن پیٹھ ۔ شاعری منزٕ ے یوت نہٕ بلکہِ اُسی روزمرہ تہٕ نثرس منز تہِ ایہامی لفظ استعمال کرنہٕ یوان ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ ۱۷۳۲ء مطابق ۱۱۴۷ھ یس منز ییٚلہِ خان دوراں میر بخشی مرہٹن ہٕندِ اتھٕ شکست کھٔتھ واپس آو نواب عمدۃ الملک امیر خانن وٚون یہ برجستہٕ جملہٕ ۔

''نواب آئے ہمارے بھاگ آئے''

''بھاگ''، لفظکی زٕ معنی بمعنی تقدیر، قسمت (یُن) تہٕ ژٕلتھ (یُن) چھِ توجہ طلب ۔ یہِ چھُنہٕ سنسکرت یافارسی زبانن ہُند کانٛہہ امتیاز بلکہِ چھُ پرٛبتھ گُنہِ زبانٕہ ہٕندِس مزاجس منز زِ اکثر لفظن چھِ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنی ۔ البتہٕ چھُ شاعرٕ ہٕندِس استعمالس پیٹھ دارومدار زِ سُہ کتھٕ کٔنی کرِ یمن ہٕند خلاقانہ استعمال ۔ چنانچہ ماہرین زبانن منز یہ رود یہ بحث واریاہس کالس

چلان زِ اگر اَکِس لفظس وارياه معنی آسن تَتھ ونواه اَکھ کثیر المعنی لفظ کنہٕ وَنو زِ ہیتی معنی چھِ تیتی لفظ تہٕ چھ مگر یِمن سارِنے لفظن ہنٛد تلفظ تہٕ املا چھُ اکوے۔ فاروقی چھُ بھرتری ہری سُنٛد حوالہٕ دِتھ لیکھان زِ یِیلہِ لفظُک تلفظ گُن آسہِ مگر معنی آسن وارياه اَتھ صورتس منٛز یِیہِ اولین معنیس ترجیح دِنہٕ۔ مگر یہ چھُ آسانی خاطرٕ اصل معنی چھُ سُے یُس سیاق وسباق (Text) طے کرِ[1]۔ تتھے کٕنۍ چھُ ولیم ایمپسن سُند یہ ونن صحیح زِ یتہِ تعمیرٕکی امکان آسن تتہِ چھےٚ معنی پیچ تونگری۔ بہرحال ایہام گوئی ہنٛدِ ذریعہ آوٚ یہ فائدہ زِ متنس منٛز اکھ لفظ استعمال کٕرِتھ گےٚ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنی حاصل تہٕ اَمہِ ستی میوٗل کفایتِ لفظی ہُنٛد فائدٕ یوسہٕ رتہِ شعرٕچ پہچان چھےٚ۔

اُردو زبانۍ منٛز چھُ ایہام گوئی ہُند باقاعدہ رواج ۱۷۲۰ء پتہٕ ماننہٕ یوان تہٕ یہِ فیشن چُھ ارداہمہ صدی ہنٛدِس وسطس تام زورٕ شورٕ سان چلان۔

ایہام گوئی ہنٛدی مشہور شاعر آبرو (وفات ۱۷۳۳ء)، ناجی (وفات ۱۷۴۴ء) یقین (پیدائش ۱۷۳۳ء)، قائم (پیدائش ۱۷۳۲ء) حاتم (پیدائش ۱۶۹۹ء)، سودا (پیدائش ۱۷۰۶ء)، میر (پیدائش ۱۷۳۲ء) تہٕ درد (پیدائش ۱۷۲۰ء) اَسی ارداہمہ صدی منٛز شاعری ہندِس اقلیمس پیٹھ راج کران۔ چنانچہ یتھہٕ کٕنۍ بروٗنہہ آو وننہٕ زِ رسول میرزاو ۱۷۹۵ء یس منٛز (یا اَتھ آس پاس) تہٕ اَمہِ لحاظہٕ ہیکو وٗنتھ زِ اردوہس منٛز اوس ایہام

---

[1] فاروقی۔ شعر شور انگیز۔ جلد چہارم۔ ص ۱۲۶

گوٚئ ہنٛد فیشن اٚہنٛدِ برونٛہی ژھوکیومُت۔ مگراسہِ چھُ وچھمُت زِ کٔشیرِ نام واژ واریاہ تحریکہِ تہٕ رجحان تمہِ وقتہٕ ییٚلہِ تم نبر یاتہٕ واریاہ مشہوٗر آسہٕ گمٕژ یا آسہٕ ژھوکیمٕژ۔ ترقی پسند تحریک تہٕ جدیدیت چھےٚ اَمِچہ نزدیکی مثالہٕ۔

ہندوستانس منٛز ایہام گوٚئ ہُنٛد چلن کم گژھنہٕ کِس ضمنس منٛز چھُ وننہٕ یوان زِ یقینَن کٔراَتھ خلاف تحریک شروع تہٕ مرزا مظہر جان جانانَن کٔر اَتھ سرپرستی۔ مگر یہ دعویٰ چھُ شمس الرحمان فاروقی رد کران[1] لیکھان زِ آبروٗ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ گوٚو اَمہِ فیشنُک زور کم تکیازِ خالص ایہام گوٚئ ہیٚچ نہٕ معنی آفرینی زیادس کالس مدد کٔرِتھ۔ وجہ چھُ یہ زِ ایہام گوٚئ خاطرٕ آےٚ نٔوی نٔوی لفظ ژھانڈنہِ تہٕ اَمہِ خاطرٕ پیےٚ شاعرن ووٚپرزبانن ہندی نامانوس لفظ تہِ استعمال کرِنی۔ مثلاً محمد حسین آزاد چھُ ''آبِ حیات'' کتابہ منٛز ایہام گوٚئ ہنٛدِس سلسلس منٛز تِھی شعر تہِ درج کران۔

تم دیکھو یا نہ دیکھو ہم کو سلام کرنا
یہ تو قدیم ہی سے سر پر ہمارے کر ہے

پتہٕ چھِ آزاد لیکھان زِ ''کر'' چھِ ہندی لیس منٛز محصولس تہٕ سنسکرتس منٛز ''اتھس'' ونان۔ مستس خشکی گرچھنس تہِ چھِ ''کر'' ونان۔ فاروقی چھُ ''کر'' لفظکی یِم معنی تہِ مُجرا نوان۔۱۔ کمر۔۲۔ شرط، پابندی۔ باسان چھُ زِ اَتھ شعرس منٛز چھُ شرط، پابندی ''کر'' لفظکی قریبی معنی تہٕ اگر بمعنی ''کر''

---

[1] فاروقی شعر شورانگیز۔ جلد سوئم ص ۱۳۱ تا ۱۳۳۔

مجرا ییہِ ننہِ تیلہِ چھےٚ اَتھ لفظس ''سرس'' ستی مناسبت[۱]۔

وننگ مدعا چھُ یہِ زِ ایہام گو شاعروگری وو پر زبانن ہندی نامانوس لفظ تہٕ استعمال مگر یہِ صورتِ حال ہیچ نہٕ یمن شاعرن زیادٕ کالس ساتھ دِتھ اَمہِ خاطرٕ اٗنی یمو رعایتِ لفظی تہٕ مناسبت بروئے کار یمو معنی آفرینی ہندِس ضمنس منز انقلاب اوٚن۔ رعایت تہٕ مناسبت تہِ چھِ کینٛہہ ماہر ایہام کِس زمرس منز مانان۔ ڈاکٹر محمد حسن چھ لیکھان۔

''اس دور کے شعراء نے مختلف ترکیبیں استعمال کی ہیں۔ کہیں ترتیب کلام کسی ایک لفظ کے مناسبات سے عبارت ہے۔ کسی ایک شے یا تصوّر کو کسی چیز سے تشبیہ دی گئی پھر اِس تشبیہ کی مناسبت سے پوری تصویر مرتب کی گئی ہے۔ اِس طرح تشبیہہ در تشبیہہ اور استعارہ در استعارہ سے وہ کیفیت پیدا ہوگئی ہے جسے لکھنو کے شعرا نے رعایت لفظی میں کمال تک پہنچایا''[۱]

مثلاً ولی سُنْد یہِ شعر ؎

نہ جا انکھیاں میں آمجھ دِل میں اے شوخ
کہ نیئں خلوت میں دِل کی خوف مردم

---

[۱] فاروقی اُردو غزل کے اہم موڑ۔ ص ۲۵۔

[۱] ڈاکٹر محمد حسن۔ دہلی میں اُردو شاعری کا تہذیبی اور فکری پس منظر۔ ص ۲۸۹

یتھ شعرس منٛز چھُ لفظ مردم تہٕ اَمیُک اکھ معنی چھُ گاشہٕ لال ( آنکھ کا تِل، سیاہی، مردمُک ) تہٕ ییٚتی چھُ شعرس منٛز انکھیاں لفظ تہِ آمُت۔ اِو کِنی چھےٚ یِمن دون لفظن منٛز رعایتِ۔ أسی ہیکو یہِ وٕنِتھ زِیلہِ أکس شعرس منٛز تِتھی زٕ لفظ ییٚن یِمن نہٕ بظاہر کانٛہہ تعلق آسہِ مگر کُنہ لفظِ کہ معنہٕ ییٚتی گژھِ شعرس منٛز موجود تعلق پیدہ یا گژھِ تعلقُک شک تمہٕ ییٚتی چھےٚ رعایت بنان۔

غالبہٕ سُنٛد شعر چھُ ؎

کیوں گردشِ مدام سے گھبرا نہ جائے دِل

انسان ہوں پیالہ و ساغر نہیں ہوں میں

یتھ شعرس منٛز چھُ گردش، پیالہٕ تہٕ ساغر لفظن پانہٕ وأنی تعلق تکیا زِ یِم چھ أکِس نوعس ییٚتی تعلق تھاوان ۔تہٕ یتھٕ کِنی ہیکو وٕنِتھ زِ یِمن درمیان چھےٚ مناسبت۔ مگر لفظ ''مدام'' بمعنی ہمیشہِ آسُن تہٕ نہٕ آسن چھےٚ کِنی کتھ باسان مثلاً ؎

ع      کیوں گردشِ فلک سے نہ گھبرائے گا یہ دِل

یا

ع      گردش میں ہوں سدا سے تو گھبرا ہی جائے دِل

یا تِتھُے کانٛہہ مصرعہ تہِ ہیکہِ ہے أستھ ۔ یہ کتھ اوٚک طرف ترٲوِتھ زِ ''گھبرائے گا'' ییٚتی چھےٚ گوڈنکِس مصرعس منٛز سو غیر قطعیت ختم گژھان یوٚسہٕ ''گھبرا جائے'' ییٚتی پیدہ چھےٚ گمژٕ تہٕ دوٚیمِس مصرعس منٛز چھُ سُہ ابہام

ختم گژھان یُس ''کیوں'' کہ استفہامہٕ سٟتۍ پیدہ چھُ گومُت۔ مگر اَمہِ باوجود ہیٚکہِ ہے یمو مصرعو منٛز کنہِ سٟتۍ یا تِتھی ہِوُ کُنہِ مصرعہ سٟتۍ خیال ادا سپدِتھ ۔ چونکہ ''لفظ مدام'' چھُ اَکھ معنی شراب تہِ تھاوان تہٕ اَمہِ سٟتۍ چھےٚ پیالہ و ساغرس سٟتۍ رعایت قائم سپزٕمژ۔ حالانکہِ شعرٕکس تناظرس منٛز چھُنہٕ ''مدام'' بمعنی ''شراب'' کنہِ تہِ طریقہٕ مفید مطلب۔ البتہٕ چھےٚ رعایت شعرٕکس تناظرس مزٟید معنی خیز بناوان۔ رعایتس متعلق چھ یہ وننہٕ یوان زِیلہِ سو موجود چھےٚ آسان تیٚلی چھےٚ تتھ پیٹھ نظر پوان ۔اگر نہ سو موجود آسہِ تیٚلہِ تمِچ کمی چھےٚ نہٕ محسوس گژھان۔ اَتھ مقابلہٕ چھےٚ مناسبت یہ خاصیت تھاوان زِییٚلہِ سو موجود آسہِ تیٚلہِ چھُنہٕ تتھ کُن دھیان گژھان۔ البتہٕ ییٚلہِ نہٕ موجود آسہِ تیٚلہِ چھےٚ تمِچ غیر موجودگی کھٹکان۔ وچھتو غالبہ سُند یہ شعر۔

دِل مرا سوزِ نہاں سے بے محابا جل گیا
آتشِ خاموش کے مانند گویا جل گیا

''گویا'' لفظُک قریبی معنی چھُ ''بولن وول'' تہٕ دوریُک معنی چھُ ''پأٹھۍ'' (جیسے) ایہامہِ کہِ قاعدِ مطأبق چھُ شأعرٕ سُند مطلب تہٕ یہوے یعنی (جیسے) ۔اگر یہ مصرعہ مثلاً یتھٕ کنۍ آسہِ ہے۔

آتش خاموش کے مانند سارا جل گیا        یا
آتشِ خاموش کے مانند کیسا جل گیا یا

آتشِ خاموش کے مانند دیکھا جل گیا۔ یابیٚنہٕ کیٚنہہ۔

خیال (مضمون) ہیٚکہِ ہے پوٗرٕ پاٹھۍ ادا سپدِتھ۔ خاص کٔرِتھ اگر مصرعہ اَ ورتاونہٕ ییہِ ہے تیٚلہِ ہیٚکہِ ہے سو نام نہاد سادگی تہٕ صفائی تہٕ پیدہ گٔژھتھ۔ یتھ سانٛۍ نقاد حالی ہٕنٛدِس تقلیدس منٛز دیوانہٕ چھِ۔ وجہ چھُ یہِ زِ غالب چھُ تمہِ پیچیدگی ہُند شاعر یوسہٕ رعایتو، مناسبتو، ابہامہ تہٕ تجریدٕ ستۍ پیدہ چھےٚ سپدان (مہمل یاہٹہِ تہٕ لٹہِ روٚستےٚ کتھو ستۍ نہٕ کیٚنہہ یُس کینژَن ابتدائی جدید اُدبین تہٕ شأعرن ہٕنٛدِ مرغوب مشغلہٕ اوس)۔ یتھ شعرس منٛز یتھٕ کٔنۍ گوڈَے وننہٕ آو زِ ''گویا'' لفظُک اکھ معنی چھُ ''بولن وول''۔ امۍ لفظن چھےٚ ''خاموش'' لفظس ستۍ مناسبت پیدہ کٔرمٕژ۔ یتھٕ کٔنۍ چھُ مناسبتٕ ستۍ ایہام تناسب پیدہ گومُت تہٕ ''خاموش'' تہٕ ''گویا'' رٔلِتھ چھُ ''ایہامِ تضاد'' تہِ بارسس آمُت۔

یتھٕ کٔنۍ ڈاکٹر محمد حسن چھُ مناسبتن، تشبیہ در تشبیہن تہٕ استعارٕ در استعارن رعایتہِ ہٕنٛدِس زمرس منٛز شأمل کران تتھے کٔنۍ چھُ فاروقی ایہامہ کِس سارِنٕے قسمن تہٕ باقی صنعتن رعایتن منٛز شأمل کران۔ فاروقی چھُ رعایتس متعلق لیکھان۔

''(رعایت) یعنی ایسے الفاظ جن کے درمیان بظاہر معنی کا علاقہ ہو۔ دوسرے الفاظ میں الفاظ کا استعمال ایک دوسرے کی رعایت کے ساتھ ہو اور یہ رعایت ہر طرح کی

ہوسکتی ہے بشرطیکہ معنوی نہ ہو[1]۔"

أتھی سلسلس منز چھُ برونٛہہ کُن ونان۔

"رعایت کثیر الاطلاق اصطلاح ہے۔ بہت صنعتیں خاص کر ایہام تضاد، ایہام تناسب، ایہام صوت، مراعات النظیر اور لف ونشر کی بعض صورتیں، ضلع جگت، یہ سب رعایت کی جھولی میں ہیں"[2]

یتھٕ کنٛ آے اُردو شاعری منز لفظن ہنٛدی نٔوی نٔوی Structue یا Combinations ایجاد کرنہٕ یُتھ زَن معنیکی نٔوی نٔوی پہلو ہیکن نیرتھ۔ دراصل چھُ مشرقی شعر یاتھ یہوے بنیادی اصول زِ بڈی خیالات ہیکن نثرس منز تہٕ بیان کرنہٕ یتھ۔ البتہٕ چھُ شاعری ہُند بجر یہ زِ معمولی کھوتہٕ معمولی حقیقتہٕ ہِن تتھ اندازس منز پیش کرنہٕ یتھ زَن اکہِ حقیقتکی ژور ژور پہلو ہِن بیک وقت نظرِ چاہے تم اکھ أکس متضاد تہٕ متخالف تہِ اٗسن تن۔

شمس الرحمان فاروقی چھُ شعر شور انگیز جلد سوئم کِس ابتدأیی صفحن منز امیر عنصر المعالی سُند یہ قول پیش کران:

"وسخنے کہ اندر نثر بگویند تو در نظم مگوئے کہ نثر چوں رعیت است ونظم چوں پادشاہ"[3]

---

[1] فاروقی۔ شعر شور انگیز۔ [2] فاروقی۔ ایضاً۔ [3] فاروقی۔ شعر انگیز ص ۱۴۔

گویا کہ سدأہمہٕ تہٕ اردأہمہٕ صٔدی ہٕنٛد بو اُردو شاعرو دیُت سبکِ ہندی کِس تتبعس منٛز معنی آفرینی کن خاص توجہ تہٕ اَمہٕ خأطرٕ آیہٕ ایہام گوئی تہٕ اَمہٕ چہٕ ذیلی صنعتہٕ یعنی رعایت لفظی، رعایت معنوی، مناسبت، ضلع جگت بیترٕ روا جس منٛز حالانکہٕ امیُک دس اوس وَلی ہٕنٛد بو اتھو وتھمُت۔ پرانین مضمونن نۆی نۆی پہلو تہٕ معنی کڈنُک رجحان اوس مشرقی کلاسیکی شاعری ہُنٛد خاص عنصر یُس غالبس تام البتہٕ غالبس پتہٕ تہٕ رواجس منٛز رۄد۔ یہٕ چھُ اکھ پزر زِ ایہام، رعایت تہٕ باقی صنعتہٕ آسہٕ ''معنی آفرینی'' تہٕ ''طرزِ تازہ'' ہِکی وسیلہٕ تہٕ امیُک اہم ذریعہٕ اوس ''لفظِ تازہ'' یتھ ''نادرہ گوئی'' وننہٕ یوان چھُ۔

آبروہس متعلق چھُ میر حسن لیکھان :

''باید دانست کہ سخن سنجان آں زماں درپۓ صنعت ایہام بودند و تلاشِ لفظِ تازہ می نمودند'' [1]

یتھے کٔنی چھُ میر مضمونس متعلق وَنان:

''ہر چند کہ کم گو بود لیکن بسیار خوش فکر و تلاشِ لفظِ تازہ زیادہ'' [2]

غالبن چھُ مومنس اکثر جاین ''معنی یاب'' تہٕ ''معنی آفرین'' وونمت تہٕ میر تقی میر چھُ آبروہٕنٛدِس ''طرزِ تازس'' تہٕ تہنٛزِ معنی یابی متعلق لیکھان:

---

[1] اُردو ادب کے ارتقاء میں ادبی تحریکوں اور رجحانوں کا حصہ ص ۶۵۔۶۴۔

[2] نکات الشعراء۔ مرتبہ ڈاکٹر محمود الٰہی۔ صفحہ ۳۴

''شاعرِ نادر گوئے ریختہ''[۱]

رسول میر ، یُس یمہِ نے نادر گو شاعرن پتہٕ زاو تہٕ یُمِ کشیرِ منز فارسی ، اُردو تہٕ کأشرِ زبأنی ہنز لسأنی کشمکش ہُند مشأہد کوٚر تہٕ بقول محمد یوسف ٹینگ یُمِ ہندِس وقتس منز اُردوٗ ٔس لسأنی سطحس پیٹھ کشیرِ دستک دِوان[۲] کیاز چھُ پانس ''نادر سخن گو'' ونان؟

کیا تمی چھا یمن شاعرن (اُردو) ہنز دیکھا دیکھی منز یہ اصطلاح ورتأوِمژ ؟

کیا تہند زمانٕچ شأعری چھا اتھ تائید کران؟

کیا ہ تہنز شأعری چھا امہِ دعویٰ ہٕچ دلیل فراہم کران؟

اتھ پیٹھ چھُ سرُن سوچُن ضروٗری۔

☆

---

۱۔ میر تقی میرؔ ۔ نکات الشعراء ۔ مرتبہ ڈاکٹر محمود الٰہی ص ۳۴۔

۲۔ کلیات رسول میر ۔ (مرتبہ ٹینگ) ص ۳۸۔

(۳)

تتھ ادبی پۆت منظرس منٛز یٖلہِ کٔشیرِ منٛز فارسی شعر و شاعری ہُند زبردست چرچہِ اوس تہٕ دربارٕ سے یوت ستی اَسی درجنہٕ واد فارسی شاعر وابستہٕ۔ییٖلہِ غنی کشمیری تہٕ حُسّی نوشہری ہوٚن سبک ہندی کٕہن شاعرن ہنٛز شہرت سرحد پٔرٲٹھ ہندوایران تام واتھٕمٕژ اَس ۔ یہ کتھ چھےٚ ناممکن باسان زِ کٔشیرِ ہٕنٛدی تم شاعریم عام رجحانس برعکس فارسی بجایہِ کأشرِ زبانٕ منٛز شاعری ترجیح دِن کیا آسہٕ ہن فقط گلستان بوستانس تام محدود۔ اَسی چھِ وُچھان زِ کٔشیرِ تہٕ ہندوستانہٕ کٕہن مختلف اہم شہرن درمیان اوس پتھ کالہِ پیٹھ رٲبطہٕ۔خاص کٔرِتھ کٔشیرِ ہٕنٛدی جغرافیٲیی تہٕ موسمی حالات اَسی اکثر کأشرہن کٔشیرِ نیبر وندٕ گذارنس پیٹھ مجبور کران۔ اَسی چھِ یہ تہٕ زانان زِ ییتھٕ کٕنی حضرتِ امیر کبیرؒ سٕندِ وقتہٕ ہمدان تہٕ وسط ایشیا کیٚو مختلف شہرو پیٹھٕ مبلغین کٔشیرِ منٛز تشریف آور سپدی تتھے کٕنی روٗد یہ سلسلہٕ ہندوستانہٕ کیٚو مختلف شہرو پیٹھٕ تہِ چلان تہٕ اَزی کِس کمپیوٹر زمانس منٛز تہِ چھِ اَسی واریاہن مسجدن تہٕ خانقاہن منٛز ریاستہٕ نیبرم مبلغین وعظ پران وُچھان تہٕ بوزان۔ یتھ کتھِ پیٹھ یقین کرنہٕ ورٲے چھُنہٕ کانٛہہ تہِ چارٕ زِ رسول میرٕنی پیشِ روتہٕ تہٕنٛدی ہم کال اَسی شعوری سطحس پیٹھ اُردو اثراتو نِشہِ وارٕ وارٕ متأثر سپدان۔ وُچھتو محمود گأمی سُند یہ شعر ؎

بوز محمودِ کیاہ گٔے عشق بأزی
حقیقت دڑاو ظاہر از مجازی

امہِ پتہٕ نی تو اُردو کس ولی دکنی سُند یہ شعر ؎

شغل بہتر ہے عشق بازی کا
کیا حقیقی و کیا مجازی کا

پتہٕ سنٛز تو یمن شعرن منز 'عشق بازی' اصطلاحس۔ چونکہ حقیقت تہٕ مجازُک مشترک آسُن چھے نہٕ مشرقی شعری سماجس منز نو کتھ۔ البتہٕ عشق بأزی اصطلاحُک مشترکہٕ استعمال ہیکیاہ محض اتفاق أستھ؟۔

وچھتو ونی محمود گامی سٕندی یم ریختہٕ نما شعر ؎

ہم پی آیا پوچھا تم نہ پوچھا بات ہمارا
مارِ کوٚرتھس سنٛز یأسی ونی مرے گو پالہٕ امشب
تن تَل تن ملاوو منہ کے اوپر منہ لگاوو
خدا کے واسطے آج سون میرے نال امشب

یمہِ کتھِ نشہِ قطع نظر زِ گوڈنکس شعرس منز چھ ''پی'' ایہامی لفظ (شراب چوٚن تہٕ محبوب) تہٕ دوٚیمس مصرس منز چھُ سون (بمعنی شوٚنگن اُردو حسابہٕ تہٕ سون بمعنی سون گھر) یمن شعرن منز چھِ اَسہِ ژورن زبانن (فارسی، کأشُر، اُردو تہٕ پنجأبی) ہنٛز آمیزش نظرِ گژھان۔

رسول میر نہِ شاعری پٹھ تہِ چھِ اُردو اثرات نٔنی تہٕ گنٛز۔ یہ کتھ چھے

یِیمہِ ستیٚ تہٕ ثأبت گژھان زِ اَمہِ قسمکۍ ریختہ نما چھِ رسول میر ہِندِس کلیاتس (ا۔مرتبہ ٹینگ تہٕ ۔۲۔ مرتبہ شاد)منز باقی شاعرن ہِندِس مقابلس منز تعداد کنہٕ زیادٕ۔شاید چھےٚ یہے کتھ نظرِ تل تھأوِتھ کلیات رسول میرس (مرتبہ ٹینگ) منز سو غزل ابتداہس منز شأمِل یِیمٕک مطلع نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ اُردو لفظن پیٹھ مشتمل چھُ۔

جب آیا تو نے گھبرایا ہمارا من الا جانو
دیا دِل تو پرائی ساتھ رلائی تن الا جانو[1]

شعرک لسأنی فضا چھُ حیران کرن وول۔ الا جانو چھ ردیف، عجیب و غریب ردیف۔ اگر الا کأشر لفظ فرض کروتیلہِ چھ یہ الے یا الأے لفظن ہُند مترادف یِیمٕک معنی کأشرِ ڈکشنری منز چھُ درج کرنہٕ آمُت ''کُنہِ کتھِ پیٹھ پڑھ نہ یِنہٕ وِزِ یا زیادٕ حأران (حیران) سپدنس پیٹھ وننہٕ یوان۔ تأجب (تعجب) کرنچ آواز۔ اَمیُک مول چھُ لُغتہٕ مطأبق سنسکرت تہٕ اُردوہس منز چھُ لفظ ''ارے'' یُک مترادف۔ اگر یہوے لفظ ''الا'' عربی فرض کرو تہٕ تیلہٕ کنہٕ یہ قرآن کریمس منز تہٕ آمُت چھُ۔ اِلا اِنّ الاولیاء اللّٰہ لا خوف علیھم ولا ھم یحزنون۔ (یونس ۔۶۳) یا تیلہٕ کنہٕ یہ حافظن گوٚنڈمُت چھُ۔

---

[1] یہ شعر چھُ ٹینگ صأب تہٕ شاد صأب نٮ۪ن مرتب کردہ کلیاتن منز تیتھے کنہٕ درج کرنہٕ آمُت۔ یعنی۔ جب آیا تم نے...... اُلخ۔ مگر اَمہِ لحاظ چھُ شعر بےٚ معنی باسان تکیازِ اگر معنہِ مانو زِ یِیلہِ ژٕ آکھ تیلہِ چھُ لفظ ''نے'' زائد باسان۔ میانہِ قیاسہٕ کنہٕ گژھہِ یہ شعر تیتھٕ کنہٕ آسُن۔

جب آیا تم نہ، گھبرایا ہمارا من الا جانو دِیا دِل تو پرائی ساتھ رلائی تن الا جانو

یعنی یِیلہِ ژٕ آکھ نہٕ (جب تم آیا نہیں) میون دِل گابریوو۔ زِ (۱) ژٕ ےٚ ما دیُتھ وو پرینہٕ دِل تہٕ تس ستیٚ رلاوتھ تن۔ (۲) ژٕ یٚے ہے مےٚ دِل دیُتمت چھُی خبر وو پرینہٕ ستیٚ مارلاوتھ تن۔

**الا یا ایھا الساقی اَدِر کاساً و ناولھا**

تیلہِ چھُ اَمیُک معنی ''خبردار''''بوز'' تہٕ یہِ چھُ تتھ حالتس منز ندائیہ۔ ''جانو'' لفظ اگر کأشُر مانو تیلہِ چھُ اَمیُک معنی ''میانہِ زوا''۔ یتھٕ کنہٕ چھُ یہِ تہِ ندائیہ۔ ووٚنی اگر اُردو فرض کرٕہون ''جانو'' تیلہِ چھُ معنی نیران ''ژٕ زان'' اَتھ حالتس منز چھُ کلمہٕ امر بنان۔ رلائی لفظ تہِ چھُنہٕ دِلچسپی نِش خأﻟی۔ ''رلاوِنی'' یا ''رلاوُن'' چھُ کأشُر لفظ یعنی دون چیزن ہُند میُل بغل گیر سپدُن۔ اَمیُک فعلِ ماضی ہیکہِ رلأوِتھ بٕنتھ مگر میرن چُھ کأشُر لفظ اُردو گرائمر حسابہ ''رلائی'' بنأوِتھ استعمال کوٚرمُت۔ سُہ ہیکہِ ہے کأشرِ گرائمر تہٕ لفظیاتہٕ حسابہٕ ''رلأوِتھ'' استعمالِ کٔرِتھ ییمہِ سٕتی نہ شعرِ کِس وزنس منز کانٛہہ فرق ییہِ ہے نہ بدلہِ ہے شعرکہِ مضموٗنُک یا معنیُک فضا۔ اَتھ فضاہس ییہِ ہے نہٕ لفظ ''ملائی'' استعمال کرنہٕ سٕتی تہٕ کانٛہہ تبدیلی۔ تُہٕ ہیکو وٕنتھ زِ تتھ زمانس منز اٚس اُردو کٔشیرِ منز تازٕ تازے داخل گژھان تہٕ رسول میرس آسہِ ہے نہ پتاہ زِ ''رلاوِنس'' چھ اُردو پأٹھی ملانا ونان۔ جواباً ہیکو رسول میرن یہ شعر پیش کٔرِتھ یہ مفروضہٕ رَد کٔرِتھ۔

عالم گیلہِ تہٕ کیٛاہ چھُ پروا
میلہِ یوٚد سودا دون تہٕ لولو

''میلہ'' لفظُک کأشُر مرادف چھُ ''رلہِ'' ''بنہِ'' یہ چھُ ''مِلنا'' منزٕ درامُت۔ ووٚنی اگر رلائی قیاس یا اندیشہ فرض کرو (یعنی وہ ملائے گی)

تیٚلہِ چھُ ’’الا‘‘ لفظہِ کِس عربی معنیٰ ’’خبردار‘‘ (ندائیہ) آسنس تقویت میلان ۔یعنی اگر ووٚپریٚنہٕ دِل دیٚتھ خبردار سورلائی تنہٕ ستیٚ تن یہ چھُ اندیشہٕ تہٕ تہٕ اتھ منٛز چھےٚ ممانعت تہٕ ۔شعرکیاہ چھِ سراسر طلسم۔

دراصل چھےٚ یہٕ تمہِ لسانی غیر یقینی ہنٛز علامت یوسہٕ رسول میرٕ سٕندِس وقتس منٛز کٲشرِ منٛز موجود اُس ۔یعنی فارسی شاعرن ہنٛز بٔڈ جماعت اُس کاشرِ زبانیٚ کُن راغب گژھان، عربی زبان اُس بحیثیتِ مذہبی زبان پٔنُن تقدس ہیتھ سرس ۔اُردو اُس نہ صرف شمالی ہندوستانس منز ہر دلعزیز زبانیٚ ہُند درجہ تھاوان بلکہِ اُسی اَمہِ زبانیٚ جنوبس منٛز پننہِ جلالک تہٕ جمالک دبدبہٕ قایم کٔرِتھ ووٚنی کٲشرِ کُن رُخ کرن شروع کوٚرمُت ۔تہٕ پنجٲبِی زبان اُس امرتسر، گورداسپور تہٕ لاہورس منٛز مزوری کرن والین ہنٛدِ خاطرِ روزمرہ چہِ ترسیلچ زبان ۔تہٕ اَتھ لسانی کشمکشس تہٕ غیریقینی صورت حالس منٛز اوس رسول میر اکھ صلح پسندانہ تہٕ درمیانی وَتھ کڈان ۔تہٕ خُذ ما صفا ع ما کدر کِس اصولس پیٹھ پرٕتھ طرفہٕ چہٕ رٕژ کتھ اپناوان ۔یُتے یوت نہٕ بلکہِ اوس سُہ تمن لفظن ہنٛد تہٕ علم تھاوان ییم زٕ تہذیبہ رلنہٕ کِس صورتس منٛز لسانی لین دین کس اصولس تحت فاتح قومہٕ چہِ زبانیٚ پیٹھ مفتوحن ہنز زبانی منٛز داخل چھُ گژھان ۔مثلاً انگریزی لفظ officerاوس تمہٕ نٕے دوٚہن لسانی تصرفات( lingustic inflexion) کس اصولس تحت شکلہِ ہنٛز تبدیلی ستیٚ ’’افسر‘‘ بٔنِتھ اُردو

زبانٕی منز دٲخل سپد مُت تہٕ بہادر شاہ ظفر ہوی شاعرن اوس ورتو وُمت ؎

یا مجھے افسر شاہانہ بنایا ہوتا

یا مراتاج گدایا نہ بنایا ہوتا

تہٕ یہوے لفظ چھُ رسول میر ییمہِ آیہ شعرس منز استعمال کران۔

چھِے تاج حُسنُک باج برے راج مے چھُم چون

معشوقہِ شُبان حُسنہٕ گنجس چھِے ژٕے افسری

وننُک مُدعا چھُ یہ زِ رسول میرس بروٚنہہ اوس کٲشرِ ہنٛدِس ادبی پسِ منظرس پیٹھ فارسی زبانٕی ہُند سبکِ ہندی رائج تہٕ رسول میرن زمانہٕ واتان واتان اَس اُردو زبان ایہام گوئی ،رعایت ،مناسبت تہٕ باقی صنعتہٕ ہتھ معنی آفرینی ہنٛد تھوٚنگی سرٕ کران کران کٲشرِ منز قدم تڑاوٕنی ہوان۔ رسول میر تہٕ اہندی ہم کال کٲشری شاعر ( مثلاً محمود گامی، مقبول امرتسری ،ولی اللہ متو، ناظم تہٕ شاہ قلندر بیترِ )ٲسی نہ صرف فارسی چہِ کلاسیکی شاعری نِشہِ باخبر بلکہِ ٲسی تِم نوٚہن روٚین ہُند تہِ علم تھاوان تہٕ ستی ٲسی شعوری طورٕ تِتھی طرزس منز شعر ونہٕ نِچ کوشش کران۔

یتھٕ کِنٛی گوڈٕے ونہٕ آو زِ سنسکرت زبانٕی منز تہٕ ٲس شلیش النکارٕ رٔنگی شاعری منز ورتاونہٕ یوان۔ یہوے چھُ وجہ زِ کٲشرِ زبانٕی منز آے سنسکرت اثرس تحت لل دیدِ تہٕ شیخ العالم سٕنٛدِ پیٹھے ایہامی لفظ ورتاونہٕ۔ حد چھُ یہ زِ ہوٚنی سٕنز ووپھ رایہ تہِ چھُ حض شیخن معنی کڈِتھ ''وَوباوَ'' مونمت

(یعنی بیچ بولے، عمل کر)۔

ہون چھُی وناں وو باوو

یہِ کتھ تہٕ آیہِ بروٚنہہ ونہٕ آوزِ ایہامہٕ کِس رواجہٕ کِس زمانس منز۔ اَسی اُردو روزمرہ چہِ زبأنی منز تہٕ ایہامی لفظ ورتاونہٕ یوان۔ کأشرِ زبأنی منز تہٕ چھِ وارِیاہ تِتھی لفظ موجود یمن پنہٕ نو معنیو ہُرے مانہٕ فحش Cannotation تہٕ چھےٚ تہٕ یم چھِ عام پأٹھی طنزس (سُہ تہٕ فحش) منزس استعمال کرنہٕ یوان۔ لفظن ہُند ایہام چھےٚ نہٕ سنسکرت زبأنی ہنز خصوصیت تہٕ نہ اُردو زبأنی ہنز، نہ کأشرِ زبأنی ہنز، تہٕ نہ بیہِ کُنہِ زبأنی ہنز بلکہِ چھےٚ یژھ صورتِ حال پزٕ بتھ کُنہِ زبأنی منز تہٕ یہ چھُ زبانن ہنٛدس مزاجس منز شأمل۔ امی صورتِ حالُک فائدٕ تُلِتھ کُرنا درگو شاعرو تلاش لفظ تازٕ تہٕ کلامَس منز کٔرکھ معنی آفرینی پیدہ۔ حض شیخ العالمؒ ہنٛدِ خأطرٕ اُس نہ شاعری لطفُک تہٕ انبساطُک ذریعہ بلکہِ اُس یہ تہنٛدِ خأطرٕ پیغامُک وسیلہٕ تہٕ پیامی شأعری منز چھےٚ نہٕ عام پأٹھی معنی آفرین ورتاونہٕ یوان۔ مگر اَمہِ پتہٕ تہِ وُچھتو حض شیخہ سُند یہ ٹُکھ۔

یتہٕ تہِ میےٚ ژےٚ تتہِ تہِ میےٚ ژےٚ
میےٚ ژےٚ کرتم گلزار
سوٚرے تراٚوِتھ روٗٹھ مےٚ ژےٚ
مےٚ ژےٚ ہاوتم دیدار

اَتھ ٹُکھس منز چھےٚ ”مےٚ ژےٚ“ لفظچ ایہامی نوعیت وُچھنس لایق۔

اگر میژِ ے اکھ لفظ فرض کرو تیلہِ چھُ معنی نیران (مٹی ہی ، صرف مٹی) تہٕ ووٚنی اگر یم زِ لفظ مانومےٚ +ژے تیلہِ چھُ معنی نیران (مجھے تو ہی ، میرا تو ہی ہے) تہٕ یتھہٕ کٕنی چھ یہ طالب تہِ مطلوبہٕ سُنٛد دوگنیار ختم گژھنگ گوڈنیُگ پڑاو۔ گوڈنکس صورتس منٛز چھےٚ انسان ہٕنٛدِ اہم عنصرِ چ یعنی میژِ (مٹی) ہنٛز نشاندہی کرنہٕ آمٕژ۔

ووٚنی وُچھتو لل دیدِ ہنٛد یہ ٹُکھ ۔

پوٚت زونہِ وُتھِتھ موٚت بولہٕ نووم

دگ للہٕ نأوم دیہِ ہنٛزِ پڑیے

لٔلی لٔلی کران لالہٕ وُزِنووُم

میلتھ تس من شرٛوژم دِہے

اگر "لٔلی لٔلی کرن" گورِ گورِ کرنکس معنیس منٛز ہمو تیلہِ چھِ امیُک مطلب یہ زِ میےٚ وُزنوو پنُن معشوق گورِ گورِ کران، للہٕ ناوان ، آہستہٕ آہستہٕ ہُ محبتہٕ سان بیترِ تہٕ میون دِل سپُد تَس ستی میلتھ پاک۔ ووٚنی اگر یہوے لفظ خطابیہِ (ندائیہ) یعنی آلوٕکس معنیس منٛز فرض کرو تیلہِ چھےٚ اَمِچ نوعیت سراسر تبدیل گژھان۔ یعنی میےٚ دیُت آلوٗ ہے لٔلی ہے لٔلی" (خطاب چھُ پانس کُن) تہٕ تمہِ ستی گوٚو لالہٕ یعنی معشوق بیدار۔ گوڈنکس معنیس منٛز چھےٚ طألبس تہٕ مطلوبس درمیان دوگنیار زِ آہِ سحر گاہی ستی چھ خدا اتھِ یوان۔ بقول اقبال۔

عطار ہو رومی ہو رازی ہو غزالی ہو
کچھ ہاتھ نہیں آتا بے آہِ سحر گاہی

تہٕ تس پزِ دِلہٕ تہٕ عشقہٕ سان آلو دِنہٕ ستی چھُ سُہ راضی گژھان تہٕ دِلس چھےٚ کھےٚ ژلان۔ دۄیمس معنیس منٛز چھےٚ طالب تہٕ مطلوب سنٛز دوئی ختم گژھان۔ یعنی معشوق چھُ پانس اندر بُستھ البتہٕ چھےٚ یمہٕ کتھِ ہنٛز ضرورت زِ سُہ یِیہِ پرزٕ ناونہٕ۔ یہٕ چھُ **من عرف نفسہ فقد عرف ربہ** ہچ بہترین تشریح تہٕ اَمہِ تعبیرٕ ستی چھُ یہ ٹھ ادراکہٕ کبوٗ سرحدو منٛز نیرتھ عشقہٕ کِنہٕ آفاقی وسعتن تام واتتھ ژھالہٕ نوان۔ نادتہِ چھُ پانہٕ ہے دیُن تہٕ بیدار تہٕ چھُ پانے گژھن۔

اکہِ لفظہٕ منٛز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنی بروٚنٛہہ کُن انہِ نٕک رجحان رود کأشرس ادبی روایتس منٛز ہتہٕ بدٕن وٲرین موجود۔ مگر یِتہٕ چھُ پزر زِ خالص ایہام چھُنہٕ کُنہِ تہِ زبأنی زیادس کالس ساتھ ہیٚکان دِتھ تکیا زِ لفظن ہنٛدِ کثیر المعنوی مزاجہٕ باوجود چھِ زبانن منٛز تتھی لفظ کم آسان یمن ہنٛدی مختلف معنی بعید یا متضاد ہیکن آستھ۔ چنانچہ یتھہٕ کٕنہ اُردو زبأنی ہنٛدیو ایہام گوٚو شأعر وایہامہِ (خالص) کہ دۄیمہٕ تہٕ اہم پڑاو رنگی رعایت تہٕ مناسبتُک استعمال کوٚر تہٕ یتھہٕ کٕنہ تھاوٕ کھ متنس (Text) منٛز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ معنی۔ کأشری شأعرأ سہٕ وُنہِ اتھ کمالس واتی ہتی البتہٕ کوٚر تموٚ اندرونی قافیو تہٕ تجنیسی لفظو ستی نہ صرف شعرن ہنٛد پارٕ او بلکہِ گُرکھ متنس منٛز تناو پیدہ کرنٕچ

صورت حال رائج ۔ غلام نبی ناظرٓن چھِ اندرونی قاٗفیہ تہٕ تجنیس کس زمرس منٛز تھاوی مٕتۍ ۔ تجنیس ِکس ضمنس منٛز چھ ناٗظر صاٗب لیکھان ۔

''لفظ ورتاونس تہٕ لیکھنس منٛز چھُ لفظ ہوی تہٕ معنیٰ ِکنۍ مختلف آسان ۔ اَتھ چھِ صنعتِ تجنیس'' ونان یا لفظن ہنٛز جنسیت ۔ یعنیٰ لفظن ہُنٛد پانہٕ وأنۍ شکلہِ ِکنۍ ہشر تہٕ معنے ِکنۍ اختلاف آسن ۔ اَتھ چھےٚ باہ صورٕژ''[1]

تجنیس مفروقی ِکس ضمنس منٛز چھُ ناٗظر صاٗب رسول میرن یہ شعر مثالہِ رٕنگۍ تھاوان ۔

وَنن زیبا نگارس وَنن گۓ ماہ پارس
وَنن منٛز پان مارس کرس ہے مار کوٚت گوم[2]

تِتھے ٕکنۍ چھُ ناظر صاٗب اندرونی قاٗفیہ (۱) تجنیس زائد یا ناقص (۲) تجنیس مضارع تہٕ (۳) تجنیس لاحق زمرن منٛز تھاوان ۔ یتھ ٕکنۍ یِم ڈاکٹر یعقوب عامر صاٗبن تھاٗوی مٕتۍ چھ[3] ۔ ناظر صاٗب چھُ تجنیس لاحق (آخری ہشر) ِکس سلسلس منٛز رسول میرن یہ شعر مثالہٕ رٕنگۍ پیش کران ۔

ہایارٕ موختے ہارٕ گنٛڈ تھو بہٕ ہٹے لو
متہ میانہِ ماہ رخسارٕ وُچھ ہتھ بہ گٹے لو

---

[1] غلام نبی ناظر ۔ کاٗشر شاعری تہٕ بلاغت ۔ ص ۱۲۰

[2] کلیات رسول میر (مرتبہ ٹینگ) تہٕ کلیات رسول میر (مرتبہ شاؔد) کتابن منٛز چھُ یہ شعر یتھ ٕکنۍ ۔ وَنن زیبا نگارس وَنن گیاہ گۓ نے یارس  وَنن منٛز پان مارس کرس بو مار کوٚت گوم

[3] ڈاکٹر یعقوب عامر ۔ صنائع لفظی ۔ مشمولہ درس بلاغت (قومی کونسل برائے فروغ اُردو) ۶۹ تا ۶۲

حالانکہِ ہٹے تہٕ گٹے چھ سیٖود ساد قافیہ یِم "لوٗ" ردیفہٕ بروٗنہہ آمِتی چھِہ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ یعقوب عامر صأبن ذوقؔ سُند یہ شعر مثالہِ رٕنگی تھوومُت تہٕ یُس صحیح چھُ۔

ذوقؔ اس کو خود آرائی سے خود بیْنی سے شوق
آئینہ زانو پہ ہے زلفِ معنبر ہاتھ میں

اَتھ منٛز چھ ذوق تہٕ شوق تجنیسی الفاظ۔ البتہ چھُ ناظر صأبن احد زرگر صأبن یہ شعر ترصیع ہِکس زمرس منٛز تھوومُت یُس کلھم کأشرِ آہنگچ بہترین مثال چھُ تہٕ ییمہِ ستی سو روایت بروٗنہہ کُن یوان چھےٚ ییتھ تحت اندرونی قافیو ستی کأشرٕ شأعرو نہ صرف لفظٕ پأراو کوٚر بلکہِ کھنگالکھ زبأنی ہند امکانات۔ بےٚ مثال شعر چھُ۔

رنگ بأڑی ڈوٚلم تازٕ گُلس سُے میٚے دِلس کان
سنگ کأڑی ژوٚلم رازٕ بلس سُے میٚے دِلس کان

رنگ، سنگ۔ بأڑی، کأڑی۔ ڈوٚلم، ژوٚلم، تازٕ، رازٕ، گُلس، بلس۔ شعر چھُ پانے زنتہٕ ساز وایان۔ ووٚنی وُچھتو رسول میر سِندۍ پیش رو تہٕ ہم عصر شاعرو کتھٕ کٔنی چھِ لفظ ایہامہ تہٕ تجنیسہٕ رٕنگی استعمال کٔرۍمٕتۍ تہٕ مأرۍ مُندۍ لسأنی پیکر بارسس أنۍمٕتۍ۔ محمود گامی

مو مار مارٕ زُلفن گرٛاے یارو مارٕ کوٚر تھس بو
گٔیم چأنۍ سبٕھاہ رأے میٚے نومأے مشأنی

لفظ ''مار'' ترٚبن معنین منٛز بطور تجنیس استعمال کرُن باسہِ اَسہِ ییتھ زمانس منٛز عام کتھ تکیازِ یہِ صنعت واتہٕ نأو رسول میرن کمالس ۔مگر تتھ زمانس منٛز اوس ییتھ لسأنی پیکر بناون بڑی فن کأری۔ (مار بطور تجنیس کتھِ کِنی چھُ میرنَ ورتو وُمت تہٕ تمہِ سٟتی کم کم انسِلا کات چھ قائم سپدے مٟتی تتھ متعلق ییہِ برونٛہہ کُن کتھ کرنہٕ) ییتھے کِنی چھ گامٟن ییتھ شعرس منٛز لفظ گوشن (بمعنی کنن تہٕ بمعنی کوٗنن) دوٗن معنین منٛز استعمال کوٗرمُت ۔

متیو لُجم پوشن پھُلے سأری توشن دڑاے
گوشن ژٔے گوٚے نو بُلبُلو گوشن رٔٹتھ جاے

ییتھ کِنی برونٛہہ آو وَننہٕ زصنعتِ ترصیح تہٕ چھےٚ تجنیس سٟتی تعلق تھاوان ۔
اَمہِ لحاظہٕ چھِ گوڈنکِس شعرس منٛز راے تہٕ ماے ترصیحی لفظ۔ اَمہِ ہُرے مانہٕ ہیکون تژاے تہِ اُتھی زمرس منٛز تھأوِتھ تکیازِ امیُک لسأنی فضا ''اٮ۪'' چھُ باقی دوٗن لفظن سٟتی رلان ۔اَکس منٛز ''ر'' تہٕ بیٚیس منٛز ''م'' رلاونہٕ سٟتی چھِ یِم ترصیحی لفظ بنے مٟتی ۔ چنانچہ ''گراٮ۪''لفظس منٛز چھُ ''اے'' سٟتی گ تہٕ ر مگر یِم چھِ نہٕ زٕ الگ حرف بلکہٕ چھِ یِم اکھ اَکس منٛز مدغم سپدِتھ Consonent cluster بنے مٟتی تہٕ اَمہِ لحاظہٕ چھ یہ اکھ حرف یا اکھ آواز ''گراٮ۪'' لیس شعری وزنس منٛز ''ماٮ۪'' تہٕ ''راٮ۪''لفظن ہند ہم قافیہ بنان چھُ۔

دوٚیمس شعرس منٛز چھ ''گوشن'' کہ تجنیسی استعمالہٕ ہُرے مانہٕ یِمن

لفظن ہتۍ پوشن تہٕ توشن ترصیحی الفاظ ۔ یہ اوس محمود گامی ہنٛدِس زمانس (۱۷۶۵ء تا ۱۸۷۰ء یا ۱۸۵۵ء)[۱] تام کاشُرِ زبانۍ ہند صنعت کاری ہُند ابتدائی روہ رکانہٕ ۔ البتہٕ مقبول امرتسری[۲] ہنٛزٕ شاعری ہٕنٛد بن نمونن منٛز چھُ اَسہِ ایہامُک استعمال تہِ گاہے گاہے نظرِ گژھان ۔ وُچھتو یہ شعر ؎

کینٛہہ چھی روزِتھ قیلس قالس

حالس پنٕہ نِس گُن ہُشیار

مقبول امرتسری ین چھُ لفظ ''گُن'' استعمال کُرِتھ خالص ایہام پیدہ کوٗرمُت ۔ گُن بہ معنی طرف تہٕ بمعنی اکھ، واحد ۔ گُن بہ معنی طرف مجرا نِتھ چھُ معنی نیران زِ کینٛہہ لۄکھ چھِ قالس منٛز محوآسان ( بہ ظاہر کتھٕ کران تکیا زِ قال چھُ کتھٕ کرنُک معنی تھاوان تہٕ کتھٕ کرُن چھ دُنیاوی کاروبارس منٛز مست آسن تہِ ) مگر دراصل چھِ تم لۄکھ پنٕہ نِس حالس منٛز ہوشیار ۔ ''گُن'' بمعنی اکھ واحد حسابس نِتھ زِ کینٛہہ لۄکھ ( ظاہر پرست ، زاہد وغیرہ ) چھِ قالس ( معنی ہیٚکہِ قال اللہ ، قال رسول اللہ تہِ نیرِتھ ) ہتۍ مگر تم چھِنہٕ پنٕہ نِس حالس ہتۍ ہوشیار ۔ یعنی تہندِس قولس تہٕ فعلس منٛز چھُ تضاد ۔ ییٚتہِ نس ہیٚکہِ ''گُن'' بمعنی واحد پنٕہ نِس پانس گُن تہِ اشارٕ اَستھ ، پیغمبرِ صابس

---

[۱] عبدالاحد آزاد صابنہِ مطابق چھِ محمود گامی ۱۸۵۵ءہس منٛز رحمت حق سپد یومُت ۔ البتہ پروفیسر جی ایم شاد صابنہِ مطابق چھُ تہنٛد سالِ وفات ۱۸۷۰ء ( کلیات رسول میر ) تہٕ ناجی منور صابنہِ مطابق چھِ گامی سُنٛد زاسنہٕ ۱۷۶۵ء ( کلیاتِ محمود گامی )

[۲] ناجی صابنہِ مطابق اوس مقبول امرتسری محمود گامی سُنٛد ہم عصر ( پُرسان )

کُن تہِ ، پیرو مرشدس کُن تہِ تہٕ خدایس کُن تہِ۔ ''خُدا'' معنی چھِ یٖمہِ ستی تہٕ نیران زِ کُنبر چھےٚ خدلیہِ ہنٛز بنیأدی صفت ۔ اَتھ شعرس منٛز چھِ حال تہِ قال رعایتکھ لفظ تکیا زِ قال چھ کتھ کرُن معنی تھاوان تہٕ حال چھُ سماع چہِ محفلہِ منٛز ہاو ہو تہِ شور وغل کس معنیس منٛز تہِ ۔ وُچھتو مقبولہٕ سُنٛدُ ے بیٛا کھ شعر

مسا چھولولہٕ مَس دِیتھم رسے پأٹھی سوندرے بومبرو

مسا چھو روشہِ یکھنا پوشِ لاگے گوندرے بومبر

''مسا'' تہٕ ''مس'' لفظن ہُنٛد تجنیسی استعمال چھ شعرس منٛز نون۔ ''مسا'' لفظُک اَکھ معنی چھُ ''وُنی'' (ابھی ابھی ،تھوڑی دیر پہلے، ضلع ڈوڈٕ ہس منٛز چھِ ونان ''مسے'') لفظُک اَکھ معنی چھُ ''مت'' مساندائیہ چھُ اَمہِ لفظُک اوائیلی معنی۔ تہٕ ''مسا'' بمعنی وُنی (یا بیا کھ معنی چھُ مشکلاً) ستی چھُ شعرُک معنی بدلان یعنی ژےٚ دِیتھم لولہٕ مس رسہٕ پأٹھی۔ گویا کہ ''مسا'' چھُ ایہامی لفظ تہٕ دۄیمہِ معنی ستی (بمعنی مشکلاً ،ابھی ابھی) ستی چھ یہ ''رسہٕ'' لفظس ستی رٕلتھ مناسبت قائم کران۔ ''مس'' بمعنی شراب تہٕ ''رس'' بمعنی شراب (ہندی) چھ رعایت قائم کران۔ مقبولن چھ رعایت ،تہٕ مناسبتُک اہتمام یسلہٕ کۄرمُت تہٕ منٛزی چھُ باسان زِ سُہ چھُ اَتھ معاملس منٛز میرٕس لرِ لۄر۔ وُچھتو یہ شعر

میٛانہِ دُردانہٕ ہران اوش مےٚ گیم اُچھ چوصدف

ونتہٕ کُمی کن ژےٚ بُری دۄر رٕلتھ گو شہٕ متیو

دردانہٕ تہٕ کن لفظن منز چھےٚ مناسبت تکیازِ دردانہٕ گوموتی تہٕ کنہٕ کس زیورس تہِ چھُ فارسیس منز دُرٕ ونان۔ ''گوشہ'' تہِ ''کن'' لفظن منز تہِ چھےٚ رعایت تکیازِ گوش چھ فارسی یس منز کنس ونان۔ ''در'' بمعنی دور تہِ لفظ دور چھ نہٕ کانٛہہ معنوی تعلق شعرس منز تھاوان۔ مگر دردانہٕ بمعنی دور تہٕ دور (یُس کنہٕ کہِ دورک التباس چھ پیدہ کران چھ رعایتکی لفظ بنان تہٕ ءستی چھ یمن ءستی دردانہٕ (بمعنی کنہٕ دور تہِ گوشوارِ یعنی اکہِ دورُک ناو) تہِ چھ معنئیک التباس پیدہ کران۔ مگر ہپأرٕ چھُ دردانہٕ تہِ صدف لفظن منز تہِ مناسبت تکیازِ دردانہٕ (بمعنی موتی) چھ صدفس منز آسان۔ اگر أسی دُر+ دان دون لفظن ہنز ترکیب مانو تہٕ دان نمون بطورِ لاحقہ (Sufex) بمعنیٰ سُہ چیز ییتھ منز کینٛہہ تھاونہٕ ییہِ (مثلاً گلدان، شمع دان) تیلہِ گو دردان لفظُک معنہِ ییتھ منز موتی تھاونہٕ ییہِ تہٕ موتی خأطرٕ کوسہٕ جاے ہیکہِ صدفہٕ کھوتہٕ بہتر أستھ۔ امہِ لحاظہٕ چھِ دُردانہٕ تہٕ صدف ہم معنی لفظ تہٕ یم چھِ رعایت قائم کران۔ أچھن چھےٚ صدفس ءستی تشبیہہ دِنہٕ آمٕژ یمہٕ اوٚش ہران صدف ہشہِ خالی چھےٚ گامٕژٕ۔ اوٚش چھ موتی ہکی پأٹھی چمکدار آسان۔ ۔ییتھٕ ءکنی چھِ دردانہ اوٚش، أچھ تہٕ صدف مناسبتن ہُند الگ سیٹ (Set) بناوان۔ شعرس منز چھُ ''اوٚش ہران''، استعمال کرنہٕ آمُت یُس پننہِ جایہِ ٹھیک چھُ۔ مگر ہران لفظٕ ءستی چھُ ''ہرنہٕ'' ذہنس منز یوان (حالانکہِ شعرس منز چھےٚ نہٕ اَچھ کانٛہہ تہِ گنجأیش) ییمہِ ءستی ''ہرنہٕ أچھ''

ٲنتھ بیٚیا کھ تشبیہ چھےٚ قائم گژھان۔ یتھۍ کٔنۍ وننہٕ آو زِ رعایت خاطرٕ چھُ نہٕ ضرۆری زِ شعرس منز استعمال کرنہٕ آمتین لفظن منز آسہِ لازماً معنوی علاقہ۔ اگر یمن تیٚتھ کانٛہہ تعلق آسہِ یمہِ ستۍ بیٚیہ کُنہِ معنیُک شک (التباس) گژھِ تمہِ ستۍ تہِ چھےٚ رعایت بنان یُس شمس الدین فقیرن ایہام تناسب یا مراعات النظیر کس زُمرس منز تھووُمت چھُ۔ وُچھتو آبروٗ سُند یہ شعر۔

ناز‌ک پنے پہ اپنے کرتے ہو تم غروری

موسیٰ کمر پہ اتنے فرعون ہو رہے ہو

شعرس منز چھُ معشوقہٕ سنٛزِ نزاکتک ذکر تہٕ اتھ چھےٚ موئے والس ستۍ تشبیہ دِنہٕ آمٕژ (مو+سی)۔ یپاٚرۍ چھُ غرورُک ذکر تہِ چھےٚ فرعونس ستۍ تشبیہ۔ مگر موسی (وال ہیُو یا ہٕش) تہِ موسیٰ پیغمبرس درمیان چھُ نہٕ کانٛہہ تہِ معنوی علاقہٕ البتہٕ چھُ التباس، یمیُک فایدٕ تُلِتھ فرعون لفظ گنڈنہٕ آمُت چھُ تہِ یتھۍ کٔنۍ چھےٚ مناسبت (ایہام تناسب/مراعات النظیر) قائم کرنہٕ آمٕژ۔

بروٚنٛہہ تہِ آو وننہٕ زِ محمود گامیِن کۆر تجنیسُک استعمال تہِ مقبۆل امرتسری ین واتہٕ ناٚویہ ایہامس تہٕ رعایتِ لفظی تہٕ مناسبتس تام۔ وُچھتو سبکِ ہندی یکۍ شاعر حبّی نوشہرین کتھۍ کٔنۍ کۆر رعایتک تہٕ مناسبتُک استعمال کاٚشرس منز۔

ژٕنۍ پوشہِ رنگہٕ ہے میےٚ ڈٹھمس تن

ہا ژٕ نۆن ڈٲلۍ زبس بوزِ عالم

''ژنٛن تہٕ ژٕ نوٚن' چھُ تجنیسی لفظ ۔ تن تہِ نوٚن چھ مناسبت تھاوان۔ تکیازِ کائنسہِ ہٕنٛز تن وُچھنہٕ خاطرٕ چھُ اَمیُک بے لباس آسن ضروری (تنِ برہنہ)۔

میر سعد اللہ شاہ آبادی تہِ چھ زیادٕ پہن تجنیس تانی محدود۔

گورن ژٕے پوٚرے ناژٕ زیارت کرو گورن
کھورن کوو چھُکھ کھور مُرتھ وارٕ ٕسم اے دِل

فاخر:

اے مہِ سروِ قدِ من قدمن پاٚرٕ لگأیو
نکھے سوٕے من اَفگن وُچھنس پاٚرٕ لگأیو

قدِمن تہٕ قدمن چھ تجنیسی لفظ ۔ فاخرن چھِ دوٚیمس مصرعس منٛز نِگہ تہٕ وُچھن مناسبتٕکی لفظ استعمال کٔرٕمتۍ ۔ توتہِ ہیٚکو وٕنتھ زِ ''مہ'' چھُنہٕ کُنہِ تہِ رنگہٕ شعرٕکِس فضاہس ستۍ تعلق تھاوان ۔ البتہٕ قدِمن تہٕ قدمن چھِ تجنیسہٕ ہُرے مانہٕ رعایتُک التباس پیدہ کران۔

ناجی منور[۱] چھُ لیکھان زِ اَمہِ دورٕکی شاعر آسی اکھأ کِس ستۍ رأبطس منٛز تہٕ یِم أسی اکھأ کی ہِندِ کھوتہٕ لفظن ہٕنٛدی جودوگر (جادوگر) ۔ ناجی صأبن وَنُن چھُ بجا البتہٕ ہٮ۪کو أسی یہِ وٕنتھ زِ یِم أسی اکھأ کِس نِشہِ متأثر تہٕ ۔ یِمن برونٛہہ کنہِ أس سو ادبی روایت یٔمہِ مطأبق حقیقت تہٕ مجاز اکھ

۱۔ ناجی منور۔ پرسان ص ۱۸۰۔

أ کس منز مدغم چھِ۔ یم أسی نہٕ مضمونہٕ لحاظہٕ اکھ أ کس نِشہٕ فیض پڑاوان۔
بلکہِ أسی یم اکھ أکی ہنٛدِ کھوتہٕ لسأنی پیکر خلق کران۔ یمن أس نہٕ جرجانی
ہنٛدِ یِمہِ اصولچ خبر زِ معنی چھِ لفظن ہنٛز ترتیبہٕ ستی پیدہ گژھان نہ کہ محض
لفظو ستی[1] البتہ أس یمن تمہِ روایتُک مطالعہ یمہٕ مطابق شعرس منز لفظ
اکھ أکس ستی پیوستہٕ چھِ آسان۔ وُچھتو ناظم صأبن یہ نعتیہ شعر ؎

طوبٰے قدٕ نے سروِ آزادن
شۆب أنی عالمس توٚن ییٚلہِ دڑاو
لۆبہٕ ستی بندگی کر شمشادن
یا نبیؐ گوش فریادن تھاو

قدس تہِ سروس درمیان چھُ تشبیہُک رشتہٕ تہِ یہوے رشتہٕ چھُ قدس
تہٕ شمشادس تہِ۔ اَمہِ ستی چھِ یم رعایتکی لفظ بنان۔ سروس چھِ آزاد تہٕ ونان
تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھےٚ یمن تہِ رعایت۔ یم چھِ بروٚنہہ کنکی انسلاکات۔ وُچھتوٕنی
لُطف۔ آزاد تہٕ بندگی درمیان چھُ ایہام تضاد۔ تتھ طباق تہِ چھِ ونان تہٕ
اَمہِ حسابہٕ چھِ یم مناسبتکی الفاظ۔ وونی اگر یہِ مصرعہ مثلاً۔ تتھ کنی آسہِ ہے۔

۱ لوبہٕ ستی کیٛاہ کیٛاہ موٚنگ شمشادن۔

۲ لۆبہٕ ستی کارِ خم گوٚو شمشادن۔

۳ لۆب اَمہِ تھرٕ رُک چھُی شمشادن۔

---

[1] بحوالہ فاروقی۔ شعر شور انگیز۔ سوئم ص ۱۱۴۔

شعرِ کس لسانی یا موضوعاتی فضاہس منز ییہِ ہے نہٕ کانٛہہ تبدیلی۔ تکیازِ منگُن تہِ گئے بندگی ، کارِخم گرٛھُن گئے شرمندگی ستیٚ ستیٚ منگُن تہِ تھزرُک وننہٕ ستیٚ ییہِ ہے سو صفائی تہٕ سادٕگی یتھ سانٛی نقاد دیوانہٕ چھُ۔ مگر شعرس منز یُس لسانٛی تناوآزادٕ پتہٕ لفظ بندگی پیدٕ چھُ کوٚرمُت سُہ روزِ ہے نہ باقی ۔ وُچھتو ونی رسول میرن یہ شعر۔

لوبہٕ وُن چھُے شۆبان قدِ شمشاد

ختدٕ چانے سپدان بندٕ آزاد

ژھایہِ سنٛبلن چھی جا فری ہے لو

سوندری یے ہا سوندریے لو

اتھ منز تہِ چھُ موضوع ناظمہٕ سُندُ ے ( یا ناظمن چُھ مضمون میرس نِشہِ نیوٚمُت ) مگر توہہِ چھا باسان یمن منز چھُے کانٛہہ فرق؟ (اَتھ شعرس پٮ۪ٹھ ییہِ برونٛہہ گُن کتھ کرنہٕ ) نٛی تو ووٚنی ناظمہ سِندِ امی نعتُک یہ شعر۔

خمِ ابرویکی تیغِ فولادن

تشنہٕ کُری دِل آبِ رحمت چاو

قربان سپدے عید چھٔیم آدن

یا نبیؐ گوش فریادن تھاو

اگر سرسری پاٹھی وُچھو تہٕ باسان چھ زِ شعرِ کمن ژورن حسن چھُے نہٕ کانٛہہ ہم آہنگی تہِ یہِ چھُنہٕ " بھرپور استعارٕ"۔ خم ابرو تہٕ تیغ فولاد چھِ

مشابہ تہٕ اَتھ تہٕ تشنگی چھُ نہٕ کانٛہہ تعلق۔ ابروٚہس، تشنگی تہٕ عید چھِ بظاٗہر پانہٕ وأنی لاتعلق تہٕ ٹیپک مصرعہٕ چھُ نہٕ یمن سٟتی کانٛہہ واٹھ تھاوان۔ مگر وچھتو یہ شعر کتھہٕ کنٛی چھُ اَکھ مکمل اکائی، اکھ لسأنی پیکر تہٕ بھر پور استعارٕ۔

ابرو چھِ خم دار تہٕ تیغ فولاد تہٕ چھےٚ خم دار۔ یعنی خم چھُ ابروٚہس تہٕ تیغِ فولادس درمیان وجہِ شُبہ۔ تیغ چھےٚ چمک دار تہٕ "آب" لفظُک اکھ معنی چھےٚ چمک۔ گویا خم، ابرو تہٕ تیغ چھِ آب لفظہٕ سٟتی پانہٕ وأنی مناسبت تھاوان۔ ہپأری چھُ "آب" تہٕ "تژیش" پانہٕ وأنی مناسبت تھاوان۔ یتھہٕ کنٛی چھُ گوڈنیُک حصہٕ نازک خیالی ہنٛز رژ مثال۔ یعنی میأنس دِلس چھےٚ تشنگی تہٕ سو گژھِ آب رحمتِ سٟتی دور۔ تشنگی گژھِ ختم آبہٕ سٟتی (بمعنی پانی) تہٕ آب (چمک) چھےٚ تیغ فولادس تہٕ تیغ فولاد چھُ چانٛہن بمن ہُنٛد ۔ گو یہ تژیش چھےٚ نہٕ یوسہٕ آبہٕ (پانی) سٟتی دور گژھِ بلکہِ چھےٚ تشنگی یوسہٕ تیغِ فولاد دلس منٛز بوڈنہٕ سٟتی دور گژھِ تہٕ یُس چیز دلس منٛز بوڑٕ سو چھےٚ نہ تیغ فولاد بلکہِ چونِ خم ابرو۔ تیغ فولاد سٟتی چھُ جانور ذبح کرنہٕ یوان خاص کٔرتھ قربانی ہنٛد جانور۔ تہندِ خاطرٕ چھُ قربان گژھن سعادت یعنی عید۔ یتھہٕ کنٛی چھ عید تہٕ قربان ضلع قائم کران۔ شعرک لطف چھُ تمہِ وزِ گھرہ گژھان یلہِ یہ انکشاف چھ اَسہِ گژھان زِ خم ابرو چھُ ہلال عیدس سٟتی مشابہ۔ شعر چھا کنہِ رعایتن مناسبتن تہٕ نازک خیالی ہنٛد پیچیدہ طومار۔ بقول اُردو میرؔ۔

زلفُ ساپیچ دار ہے ہر شعر
ہے سخن میرؔ کا عجب ڈھب کا

اَمی نعتُک بیا کھ شعر چھُ ۔

مازاغ سُرمہ روشنائی سادن
ژھوپہ گیہِ عاشقن کرِہن گژاو
کم چھےٚ نہ بیمأری عاشق زادن
یا نبیؐ گوش فریادن تھاو

مازاغ (البصر) چھُ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم سٕنزن چشمان مبارکن متعلق قرآنِ کریمس منز وننہٕ آمُت ۔

ووٚنی چھُ لفظ مازاغ رسول اللہ صلعم سٕنزن چشمن ہُنٛد استعارٕ تہٕ یمن ہُنٛد خأطرٕ سرمہ (وجہ خوبصورتی) چھےٚ تِتھے ہٕنز یِتھٕ ہٕنز ساہٕ ورقس پیٹھ روشنائی چھےٚ ۔ہپأری چھےٚ سرِچ خصوصیت زِیہ کھیٚنہٕ ہٕتی چھُ ہوٚٹ بگران۔ گویا کہ رسول اللہ صلعم سُنٛد سرمُک (مازاغ) خوبصورتی تہٕ جلال و جمال ہٕتی چھِ عاشق خاموش سپدان (سرمہ در گلو انسان ۔ن۔م۔راشد) تہٕ یِتھٕ ہٕنز چھُ عاشق بیمار گژھان۔ یہ چھُ شعرک ییٚنز تہٕ ووٚنُن مگر وُ چھتو ووٚنی رعایتُک کرشمہٕ۔ ژھوپہ چھےٚ عاشقن تم چھ نہ گژاو ہبٕکان کٔرِتھ مگر توتہِ چھُ وننہٕ یوان گوشن فریاد تھاو۔ ژھوپہ تہٕ گوش تھاون (بمعنی بوزن) چھ ایہام تضاد۔ ’’زادٕ‘‘ بوٚزِتھ چھُ ذہن ’’زیادٕ‘‘ لفظس کُن گژھان تہٕ

یوٚ ہے نُکتہٕ نظرِ تَل تھاؤتھ چھُ لفظ کم" استعمال کٔرِتھ بیٚیہِ ایہام تضاد (طباق) پیدٕ کرنہٕ آمُت۔ ووٚنی اگر مصرعہ یتھٕ کٔنہ مثلاً آسہِ ہے۔

۱۔ لوٚچِ بیمأری عاشق زادن

۲۔ سوٚ ے چھےٚ بیمأری عاشق زادن

۳۔ کرژلہِ بیمأری عاشق زادن   یا یتھٕ ہیوٚ کانٛہہ مصرعہ۔

مضمون گژھِ ہے ادا۔ ۳ٕ مصرعہ ستی، یُس استفہامی چھُ، گژھِ ہے ایہام تہِ پیدٕ مگر یوٚسہٕ رنگینی "کم" لفظن پیدٕ کٔرمٕژ چھےٚ سو ہیٚکہِ نہٕ بدست یتھٕ۔ یہِ وُچھِتھ چھُ فاروقی سُندِ وَنُن صحیح باسان زِ رعایتگ وصف چھُ یہِ زِ یِیلہِ یہِ موجود چھےٚ آسان اَتھ پٮ۪ٹھ چھےٚ نظر پیوان تہٕ اگر یہِ چھےٚ نہٕ آسان اَچھ کمی چھےٚ نہٕ محسوس گژھان۔



(۴)

اَتھ رواٮِتس منٛز چھےٚ نظم (ٹُکھ ، وژن ، غزل) اکھ مکمل لسانی اکائی یوسہٕ لفظی تہٕ معنوی تعلقاتو ستیٚ وونہٕ یوان چھےٚ۔ رسول میر نو پیش روتہٕ ہم عصر شاعرو اوس اکھ اَکہِ سُند اثر قبول کوٚرمُت۔ تمہِ اَسی اکھ اَکِس نِشہِ یوان گژھان۔ مضمونن ہنٛدِ لین دینہٕ خاطرٕ نہٕ کینٛہہ بلکہِ اَمہِ دورٕکی شاعر اَسی اَکِس شعر یاتس تحت شعر ونان۔ اَسہِ وُچھ زِ مقبول امرتسری ہنٛدی شعر چھہِ واریاہس حدس تام اُردو کین تمہِ وقتہٕ کین نادر گو شاعرن ہنٛدِ ٹکرٕ کی۔ تہٕ اَتھی شعری پۆت منظرس منٛز کتھہٕ کنٛہِ واتہٕ ناوٕ رسول میرن کاشر شاعری (بشمولِ وژن) تتھ مقامس پیٹھ زِ تس باسے نہٕ پننہٕ خاطرٕ ”نادر سخن گو“ ورأے کانٛہہ تہِ اصطلاح شایانِ شان۔

میرن اوٚن اندرونی قافیہ پیمائی ہُنٛد نظام بروئے کار۔ یہِ نظام اوس نہٕ صرف تہٕ بدبوٗری یو پیٹھہٕ کشیرٕ ہنٛزٕ شاعری منٛز موجود بلکہِ اوس میرٕ سنٛدِ زمانٕک اہم فیشن۔ بلکہِ رود یہِ فیشن مہجورس تہٕ احد زرگرس تام کشیرٕ منٛز جأرۍ تہٕ سأری۔ یہِ اُس نہٕ چھرا موسیقیت پیدہ کرنٕچ کوٗشش بلکہِ اوس یہِ مناسبتس کُن گوڈنیُک پڑاو چاہے سو مناسبت کانٛہہ معنوی علاقہ آسہِ ہے نہٕ تھاوان۔ یہِ وَنُن زِ رسول میر اوس اندرونی قافیہ کُنہِ کوٗششہِ بغیر استعمال کران چھےٚ سراسر زیادتی۔ ژھری قافیہ پیمائی گےٚ الگ کتھ تہٕ سُہ قافیہ اَنُن یُس شعرٕ کس فضاہس ستیٚ سپہٕ بہہِ چھُ الگ۔ وُچھتو یہِ شعر۔

ونتہٕ روٗسلس کتھ پاٹھۍ مشے ہرنہٕ چھس برنہٕ آمتۍ اشے

اتھ تراوتم ہا سرکشے درٛسہٕ مولائے بُمن لگایو!۱

شعرُک مضمون چھُ یہ زِ روٗسلس (شاعرس/متکلمس) چھُ معشوقن کیاہ تام وونمت/کوٗرمُت یتھ پتھ تٔمۍ سخ ووٗد یہ نہٕ تٔمس وُنس تام مشان چھُ۔ ہرنہٕ چھُ یتہِ نس متکلمہٕ سنٛزن أچھن ہُنٛد استعارٕ۔ معشوقہٕ سنٛز کتھ کتھِ پتھ آیہِ تٔمس أچھ بربٕگہٕ سُہ چھُ مقدور یا محذوف (یتھ متعلق نہٕ کانٛہہ واضح بیان دِنہٕ آسہِ آمُت) تراونہٕ آمُت تہٕ یتھ کنٛی چھ واریاہن تعبیرن ہنٛز گنجایش تھاونہٕ آمٕژ ۔ پتہٕ (ممکن چھُ کینٛژٕ کالہٕ پتہٕ) چھُ معشوق تس پانس کن راغب کرُن یژھان تہٕ دِل لگی ہنٛدِ آیہِ چھُ بمن درٛسہٕ دِوان اُتھس تھپھ کران۔ اگر بمن معنی نموتیٚلہِ گومٕ کن تہٕ اگر بُمن نموتیٚلہِ چھُ معنہِ بُمہٕ درٛسہٕ۔ (دِل لگی ہُنٛد اندازٕ) مگر متکلمس چھےٚ سو کتھ یاد پیوان یتھ پتھ تٔمۍ واریاہ ووٗدمُت اوس۔ سُہ چھُ معشوقس سرکش ناو دِوان تہٕ روشنہٕ ٹکس اندازس منٛز اتھ چھڑاوان۔ اتھ منٛز چھِ ہرنہٕ تہٕ برنہِ علاوٕ مشے، اشے تہٕ سرکشے اندرونی قافیہ یا ترصیع الفاظ۔ متکلم چھُ معشوقس سرکش ونان

---

۱کلیاتِ رسول میر (مرتبہ ٹینگ) منٛز چھُ شعر یتھٕ کنٛی

ونتہٕ روٗسلس کتہِ مشے ہرنہٕ چھس برنہٕ آمتۍ اشے

اتھ تراوتم ہا سر کشے درٛسہٕ مولا یے بُمن لگیو

میانہِ قیاسہٕ کنٛی چھُ ٹینگ صأبن متن 'بُمن' صحیح البتہٕ چھُ اَمہِ حسابہٕ گوڈنیُک مصرعہٕ شاد صأبن صحیح تکیازِ سُہ چھُ وزنس منٛز۔

اَمہِ بدلہٕ ہیٚکہِ ہے شعرس منز بدل کانٛہہ قأفیہ تہِ استعمال سپدِ تھ۔ مثلاً

۱ اتھ ترٛاوتم چھُم پشہ پشے......الخ

۲ اتھ ترٛاوتم کیا چھِی نشے......

۳ اَتھ ترٛاوتم ہا پرُ نشے......

۴ اَتھ ترٛاوتم موکر کھشے......

۵ اتھ ترٛاون کتھٕ کٔنز ششے...... وغیرہ۔

یِمن منز چھُ ۱ تہٕ ۵ زیادٕ موزون باسان۔ ۱ پشہِ پشہِ بمعنی پڑ بتھ وِزِدٕ یُن ۔ یعنی نہ صرف یہِ زِمےٚ وٚودتمہِ ساعتہٕ بلکہِ چھُس وُنی کبس تہِ دِیان۔ ۵ ستیٚ چھے گوڈنکس مصرعس وضاحت سپدان زِ ژےٚ ترٛووتھ میون اَتھٕ ( دور بر ہیٚوتُھ ) یمہِ ستیٚ مےٚ اوش ہوریہ نہٕ مےٚ ژٕرتھ ہیٚوک۔ مگر وُچھتو اَتھ شعرس منز برمحل اندرونی قافیہ استعمال کرنہٕ ستیٚ کتھٕ کٔنز چھُ رعایتک لطف پیدہ کرنہٕ آمُت ۔ اتھٕ ، سرتہٕ بُمہٕ چھ مراعات النظیر تہٕ بُمن ستیٚ چھےٚ ہرنہٕ ( بمعنی اچھ ) الگ مناسبت تھاوان تہٕ اُچھن تہٕ اٚچھ مناسبت چھےٚ ظاہر۔ ''سرکش'' لفظس منز چھُ اکھ ''جُز'' کش یعنی دژسہٕ تہِ شعرس منز دژسہٕ تہِ سرکش استعمال کرنہٕ ستیٚ چھےٚ خوبصورت رعایت پیدٕ کرنہٕ آمٕژ ۔ میانو خود ساختہٕ مصرعو ستیٚ چھُ مضمون ادا سپدان مگر رعایت چھےٚ نہٕ پیدٕ ہیٚکان سپدِتھ ۔ اَتھ ہیٚکو نہٕ ژھری تہٕ بےٚ کدو کاوش قافیہ پیمائی وٕنتھ۔ بقول شاہ مُبارک آبرو

شعر کو مضمون سیتی قدر ہو ہے آبرو
قافیہ سیتی مِلایا قافیہ تو کیا ہوا

کلیاتِ رسول میرس منز چھِ اندرونی قافیہ جایہِ جایہِ نظر گژھان تہٕ یتہِ نس تہِ یم قافیہ چھِ استعمال سپدی متی تتہِ نَس چھِ یاتہٕ شعرس منز مناسبت قائم کرنہٕ آمژ نتہٕ چھُ معنیگ کانٛہہ نوٚو پہلو جلوہ گر سپدان۔ یہ نظام نہ سمجھُن چھےٚ قاری سنٛز شعر فہمی پیٹھ سوال تلان نہ کہ شاعرٕ سنٛز ہُنر مندی پیٹھ۔

نادرہ گوئی کُن اوس میرٕ سُند بیا کھ قدم صنعتِ تجنیسُک ورتاو تیٚچ ٹینگ صأبن کلیاتِ رسول میرکس مدلل دیباچس منز وضاحت کٔرمژ چھےٚ۔ صنعتِ تجنیسُک تعریف کران چھُ ناظر صأبن اکہِ کھوتہٕ زیادٕ لفظن ہنٛز ہشی شکل تہٕ وار یاہ معنی لیوٚکھمُت یتھ متعلق برونہہ کتھ کرنہٕ آے۔ أسی گژھو نہٕ زیادٕ تفصیلس منز بلکہِ کروأسی أکِس دون شعرن پیٹھ اکتفا۔ میرن چھُ "بر" پانژَن معنین منز استعمال کوٚرمُت۔

ییہِ نادِلبر مارس برٕ ہے
پیالہٕ برٕہس چھُم ارمان
برٕ اژ نے دیٚن کیا برٕ ہے
کأڈی برٕہے گژھ گلستان

۱ بر بہ معنی کھٔڈ۔ ۲ بر بہ معنی بھرُن (بھرنا)۔ ۳ بر بہ معنی درواز۔

۴ برن بہ معنی گٔذارُن ( وقت گٔذارُن ) تہٕ ۵ بٕر بہ معنی ززُرن (گُلستانس ہرُدیُن ) ۔ چنانچہِ شعرس منٛز چھُ دِلبر لفظ تہٕ استعمال سپُد مُت تہٕ یہِ چھُ دِل تہٕ بر لفظن ہُنٛد مجموعہ تہٕ اَتھ منٛز چھ بر دِلُک لاحقہ۔ یتھٕ کٔنۍ سمن برس منٛز چھُ 'بر' سمن لفظُک لاحقہٕ تہٕ نامہٕ برس منٛز چھُ یہِ نامہٕ لفظُک لاحقہٕ بہ معنی تُلن وول، ہٮ۪نہٕ وول ۔ یتھٕ کٔنۍ چھُ میرن یہ لفظ أکی سے جایہِ شمن معنین منٛز استعمال کوٚرمُت ۔ أتھی غزلہِ منٛز چھُ بیٚیس شعرس منٛز میرنٛ لفظ ذَرٕ (زٕر) ترٛین معنین منٛز استعمال کوٚرمُت ۔

ززٕر زأ جنس کوتاہ زرٕ ہے لولہٕ جگرس گوم بریان

عار و انصاف رۄدس نہٕ ذَرٕ ہے کأنٛی برٕ ہے گرشہِ گُلستان

یتھے کٔنۍ چھِ میرنٛ "ونن" "مار" "مژراون" ہوٚی لفظ مختلف معنی ین منٛز أکی سے جایہِ یکجا کٔریٕمتۍ ۔ چنانچہ یہ صنعت چھےٚ فارسی[1] تہٕ اُردو شاعروی یسلہٕ پأٹھی استعمال کٔرمژ ۔ مثلاً غالب چھُ ونان ۔

بھیجی ہے جو مجھ کو شاہِ جمجاہ نے دال

ہے لطف و عنایاتِ شہنشاہ پہ دال

تہٕ آبرو چھُ تمہِ بروٚنہہ ونان ۔

خداوندا اُٹھا دے درمیاں سے ہجر کے پردے

ہمارے دام میں صیاد کو لا یا ہمیں پردے

---

[1] کلیاتِ رسول میرس ( ٹینگ ) منٛز چھُ حافظ سُنٛد تجنیسی لفظن بنٛد شعر درج ۔

تہٕ تمہِ بروٚنٛہہ چھُ آسان لفظ ''پیا'' کم از کم ترٛبن معنین منٛز قلی قطب شاہن استعمال کوٚرمُت۔

پیا بن پیالا پیا جائے نا

پیا باج اِک تل جیا جائے نا

رسول میر اوس یِیمہٕ کتھِ نِشہِ باخبر زِ اندروٗنی قاٗفیہ پیمائی ستی ہیکہِ نہٕ سُہ تمہِ دورٕ کِس قافیہ پسند ادبی سماجس منٛز پٔنُن امتیاز قاٗیم کٔرِتھ تہٕ صنعتِ تجنیس ہیکہِ نہٕ تس زیادٕ کالس ساتھ دِتھ۔ تکیازِ زبانٕی منٛز چھِ ہم شکل مگر مختلف المعنی لفظ واریاہ کم۔ اِوٚ موکھ کٔڈی تٔمۍ تِتھۍ لفظ بدٕیم تلفظٕ کِنۍ رلہٕ وٕنۍ مگر مختلف المعنی آسن۔ مثلاً۔

بوٗ شرمہِ گجسو شرمےٚ گومو کرمیےٚ زوٗنم ہے

از کوٚرمےٚ کرمے لون سرے بال مرأیو

یتھ منٛز تہٕ چھِ اَمہِ قسمہٕ کہِ تجنیسکۍ زٕ سیٚٹ۔ گوڈنیُک سیٚٹ چھُ۔

۱ شرم۔ ۲ شَر+ مےٚ تہٕ دوٚیم سیٹ چھُ ۱ کرمے (زونم)،

۲ کوٚرمے (سرٕ) تہٕ ۳ کرمہٕ (لون)۔ حالانکہ یتھ شعرس منٛز تہٕ چھِ بال (بمعنی مَس یُس نہٕ ہرچند شعرکِس معنیس ستۍ کانٛہہ تعلق تھاوان چھُ البتہٕ چھُ التباس پیدٕ کران) تہٕ سر (بمعنی کلہٕ تیٚچ حالت تہٕ یژہے چھےٚ) مناسبت قاٗیم کران۔ اَمہِ ہُرے مانہٕ چھُ لفظ ''مےٚ'' تہٕ ''مہِ'' ترٛبن معنین منٛز استعمال گومُت۔

یتھٕہن لفظن چھُ غلام نبی ناظر تجنیسہٕ کِس دأیرِس منز تھاوان تہٕ یِمن ''متشابہ''، ''مفروق'' تہٕ زائد و ناقص لیکھان[1]۔ مثلاً ۔

تیم کر سرو قامت گیم برپا قیامت
لوٚبُم نے استقامت سُہ خوش رفتار کوٚت گوم

ناظر صأبن وَنُن چھُ زِ ''قیامت'' لفظس منز چھُ ''قامت'' کھوتہٕ اکھ حرف زیادٕ تہٕ دوٚیمس منز چھُ گوڈ نِکہِ کھوتہٕ اکھ حرف کم اسلئے چھِ ''زائد و ناقص'' ۔یعنی قیامت چھُ تجنیسِ زائد تہٕ قامت چھُ تجنیسِ ناقص۔ مگر ناظر صأبس چھُ نہٕ خیال روٗد مُت زِ شعرس منز چھُ یِمن لفظن ستی رلہٕ وُن بیاکھ لفظ ''استقامت'' تِہ استعمال سپُد مُت تہٕ سُہ کتھ زمرس منز یِیہِ تھاونہٕ[2]۔ یتھٕہن لفظن چھُ شمس الرحمان فاروقی ایہامہ کِس زمرس منز تھاوان تہٕ یِمن چھُ ایہامِ مکتوبی ونان۔ جدید لسانیاتہٕ لحاظٕ چھِ یِم صوتی مستجانسات (Phonotic Homonymes) ۔فاروقی چھُ اَتھس سلسلس منز گوڈٕ میر تقی میر سُند شعر انان ۔

اب لعلِ نو خط اُس کے کم بخشتے ہیں فرحت
قوت کہاں رہے ہے یاقوتیٔ کہن میں

---

[1] غلام نبی ناظر۔کأشر شاعری تہٕ بلاغت

[2] مرزا غالبہٕ سُند شعر چھُ۔ ترے سرو قامت سے اک قدم آدم
قیامت کے فتنے کو کم لکھتے ہیں

اَتھ منز چھِ قوت تہٕ یاقوتی لفظ بوزنہٕ ۔کنٕز رلہٕ وِنی باسان حالانکہِ یمن ہُنٛد معنی چھُ جدا گانہٕ۔ گُنہِ حدس تام یہنٛد تلفظ تہٕ یمن ہنٛز تحریری شکل رلہٕ وِنی آسنہٕ ۔کنٕز چھُ یمن منز معنیُک التباس تہِ نظرِ گژھان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ فاروقی میرانیسٓ سُنٛد بند پیش کران ییتھ منز حضرت عباس علمدارؑ شانہٕ زخمی گژھنہٕ پتہٕ آبہٕ مشکہِ دندو ستی چھُ گنٛڈِتھ تھاوان۔ امہِ بندٕک آخری زٕ مصرعہٕ چھِ۔

رکھے ہوئے ہیں مشک پہ منہ پیار دیکھئے
شانے کٹے ہیں ہیں شانِ علمدار دیکھئے

ییٚتہِ نَس چھِ شانے تہٕ شان الگ الگ معنی تھاوان۔ البتہٕ چُھ شانِ علمدار ترکیبہٕ منز نونس پتھ کسرۂ اضافتُک فائدہ تُلِتھ یم ایہام مکتوبی ۔کس دائرس منزانہٕ آمتٕ شانِ = (شانے) علمدار دیکھئے۔

رسول میرن تہٕ کٔڈی ییتھی لفظ کاشرِ زبٲنی منز بدِ تہٕ کھنگالِن زبٲنی ہنٛدی امکانات تہٕ ییتھٕ ۔کنٕز ترٛووُن معنی آفرینی ہُنٛد کُن تہٕ شعر بحیثیتِ اَکھ مکمل تہٕ پیوستہٕ اکائی بناونس کُن اہم قدم۔ وُچھتو یہ شعر

کیا ہ سنہ کمہِ سونہٕ ژٔنس دایے
سنہٕ گوم سونہٕ دور ینہٕ دریوٗوم
منہٕ وِنہِ سوزس ژونٛزتے دایے
ہا جگر گوش ییہٕ نا یے لو

اَتھ شعرس منز چھِ ترٛے سیٹ۔

ا؎ داپے ( دایٔ دٕپنہٕ، کن برنی ) تہٕ داپے ( نوکرانٔی ، دایٔ ) ۔
یم زٕ لفظ چھ تجنیسِ تام کِس زُمرس منز یوان۔ تکیازِ یمن چھُ املا تہٕ تلفظ
ہوی تہٕ معنیٰ چھُکھ بیٛون۔ یمن چھِ لسانیاتس منز Homonymes
ونان۔ چنانچہِ تِم لفظ یم ماد (مؤلہٕ) حسابہٕ کُنی آسن مگر معنی آسکھ الگ
تِمے چھِ متجانسات کس زمرس منز یوان مثلاً ''پھٹنا'' بمعنی شق گژھن تہٕ
بمعنی بیزار آسُن چھِ مادٕ لحاظہٕ ہوی تہٕ یم چھِ متجانسات مگر مثلاً ''تھان''
( کپرُک تھان ) تہٕ ''تھان'' بمعنی گُری گنڈنٕچ جاے چھِ ماخذ لحاظہٕ الگ۔
اسلئے چھ نہٕ یم متجانسات[1]۔ خیر سہولیت خاطرٕ ونو یمن مروجہ تجنیس تام۔
دوٛیم سیٹ چھُ ا؎ سنہٕ ( کیونکر ) ۔۲؎ سونہٕ (سوتن نے ) ۔۳؎ سنہٕ ( کاژھ،
دق ) تہٕ۴؎ سونہٕ ( دور )

اَتھ سیٹس مزید بأگرن کرنہٕ ستی چھِ ا؎ سنہ ( کیونکر ) تہٕ ۳؎ سنہٕ
( کاژھ، دق ) تجنیس تام کِس دأیرس منز یوان (یہِ خیال تہٕ تھاون زِ
یمن چھُ ماخذ الگ ) تہٕ ۲؎ سونہٕ تہٕ ۴؎ سونہٕ (دور ) ایہامِ مکتوبی کس زمرس
منز یوان۔

امہِ ہُرے مانہٕ چھِ شعرس منز گوم ( بمعنی ہُوا، دِق ہوا ) تہٕ دور یوٚم
لفظ تہِ استعمال سپدٕمتی تہٕ گوم لفظُک بیا کھ معنی چھ ''چلا گیا'' تہٕ تتھٕ کُنی چھے

---

ا؎ L.M.Malakhovski ۔مشمولہ Studies in laxieograpy

رعایت تہٕ قائیم سپدان۔ اگر گوڈنکس سنہٕ لفظس وارٕ سنو (کیاہ سنہٕ) یہ چھُ سنن بمعنی سونچن تہٕ معنی تھاوان تہٕ یتھٕ کنٔ چھُ یہ خالص ایہامی لفظ تہٕ اَمہٕ ستی چھِ شعرس زٕ معنی نیران۔

۱۔ اماسو کوسہٕ سون چھےٚ یمی میانس محبوبس داے ڈیپ۔ یہٕ چھُ سوال۔

۲۔ بہٕ کیاز سنہٕ زِ کمہِ سونہٕ وٕنی تَس داے۔ یہٕ چھےٚ بے نیازی یا بے خبری ہُند عالم۔ یا یہٕ زِ میانہِ خاطرٕ چھےٚ نہٕ سونہٕ ہُند آسُن اہم بلکہِ چھُ یہ اہم زِ بہٕ منہٕ ناون سُہ۔ یلہِ زَن گوڈنکس معنیس منٛز سونہِ (سوت) ہنٛز خبر تھاوٕنی چھےٚ اہمیت تھاوان۔ حالانکہ یم چھِ متضاد معنی مگر یم چھِ شعرٕ کہِ متنہٕ منٛز برآمد گژھان۔ شعرس منٛز چھِ مزید لطف تہٕ پیچیدگیہ تہٕ۔

داے دَپنٔ چھُ محاورٕ تہٕ امیُک مرادف چھُ بیاکھ محاورٕ کن برٕنی۔ "کنس ستی چھُ سونس ستی تعلق (سونہٕ دور) تہٕ یتھٕ کنٔ چھےٚ لطیف مناسبت تھنہٕ یوان۔ اُتھی مقابلہٕ چھُ ٹیپہٕ کس مصرس منٛز جگر گوش استعمال گومُت تہٕ گوش چھُ اکھ معنی کن تھاوان تہٕ گوشوارٕ چھُ اَمہِ منٛز درٛامُت یمیُک معنی چھ دور (کنک زیور)۔ یتھٕ کنٔ چھُ یہٕ مناسبتن ہُند بیاکھ سیٹ بناوان۔ یتھین شعرن ہندی فنی زاوی جارُ وُچھنہٕ ورأے یمن منٛز سعدی تہٕ حافظ ہندی مضمون ژھارٕنی ونونہٕ کوتاہ بینی تیلہِ گُس ناوہیکو دِتھ؟۔

اَمہِ قسمکی لفظ یم ایہام صوتی یا ایہام بکتوبی (Phonotic & Graphic Homonyms) کس زُمرس منٛز یوان چھِ چھِ رسول

میرن یسلہٕ پأٹھی استعمال کٔرِمتِ۔ یتھٕ نےٚ لفظن ہُنٛد اکھ سیٹھ چھُ میٚژ، موژٕن، مٔژ راون تہٕ یہ چھُ تتھ سلسلس ہتی واتھ کھوان یُس شیخ العالمن ؒ یمیٚتہِ تہِ میٚژ ے...... الخ وٕنتھ شروع اوس کوٚرمُت۔

رسول میرن تھوونہٕ پنُن پان صرف صنعت تجنیس تام محدود تہٕ تٔمی کوٚرنہٕ ایہام مکتوبی یا ایہام ملفوظی (صوتی) یَس پیٹھ بس۔ بلکہِ دیُت تٔمی ایہامس کن تہِ توجہ۔ یتھٕ کٔنی بروٚنہہ ونہٕ آو زِ یہِ خصوصیت اُس کٔشیرِ ہنٛدِس شعری مزاجس منٛز سنٛسکرت زبانٛی ہنٛدِ ذریعہٕ بروٚنہہٕ دأخل سپز مٔژ۔ یێلہِ فارسی لیس منٛز سبکِ ہنٛدی یک چلیے جاوٕ لوٚگ تہٕ کٔشیرِ پیٹھ وٕتھی حُبّی تہٕ غنی ہوی نامدار شأعر، اٚمی تژ وولامحالہ پأٹھی کأشرِ شأعری پیٹھ اثر تہٕ کٔشیرِ ہنٛدیو شأعرو دِژ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ پنہٕ نِس روایتس ژھأنٛڈ۔ تہٕ یێلہِ اُردوس منٛز ایہام گوئی ہُنٛد فیشن عام گوٚیتی شأعر اُسی نہٕ اَمہِ نِشہِ بےخبر۔

ایہام گوئی متعلق آو بروٚنہہٕ یہ وَننہٕ زِاَمِچ سیوٚد تہٕ ساد تعریف چھےٚ یہ زِ شعرس منٛز یمیٚہِ تیُتھ لفظ استعمال کرنہ یتھ زٕ معنی آسن۔ اکھ آسہِ نزدیک تہٕ اَکھ آسہِ دور۔ مگر شاعرِ سُنٛد منظور آسہِ دوٗر ئک معنی۔ مگر کینٛہہ لفظ چھِ تِم تہِ یمن متعلق نہٕ یہ طے سپدِ زِ نزدیک معنی کُس چھُ تہٕ دور ئُک معنی کُس چھُ۔ اَتھ چھِ ایہامِ مساوات ونان یتھٕ کٔنی ہیٚرِمس شعرس منٛز گوڈنیُک سنہ (کیاسنہٕ بمعنی ۱۔ کس نے وغیرہٕ تہٕ ۲۔ بہ کیا زِسنہٕ) چھُ شعرس منٛز زٕ مساوی الگ معنی تھاوان۔ یمیٚتہِ نَس چھُ اچار یہ ممٹ سُنٛد یہ

قول درج کرن ضروٗری یُس تمۍ ایہام مساوی کِس سلسلس منز وٗنمت چھُ ۔ شمس الرحمان فاروقی چھُ مذکورٕ اچار یہ سُند حوالہٕ دِتھ لیکھان ۔

"اگر کلام میں کوئی ایسا لفظ آئے جس کے دو معنی ہوں اور دونوں معنی کی ترسیل مقصود ہوتو ہم یہ فرض کرسکتے ہیں کہ دو مختلف لفظ ، جو شکل اور تلفظ میں ایک ہیں، بیک وقت ادا کئے جارہے ہیں ۔ (یعنی ہم ایک کے دام میں دو لفظ خریدرہے ہیں)"[1]

چنانچہ شاعری ہنز اکھ اہم ہُنر چھےٚ یہ زِ اَتھ منز چھِ کمہٕ کھوتہٕ کم لفظ استعمال کرنہٕ یوان یتھ کفایت لفظی ونان چھِ ۔ اَمہِ لحاظہٕ چھِ ایہامی شاعر اَکھ لفظ استعمال کٔرِتھ بہ یک وقت دوٚن مضموٗنن یا خیالن ہنز ترسیل کران ۔ وُچھتوٗنی میرٕ سُند یہ شعر ۔

یس کارِ تھزر آسہِ شمع روئے آتش خوئے

پروانہٕ تس یوٚد مارِ در احرام نگارو

لفظ پروانہٕ چھُ "پروانہ" بمعنی پوٚنپُر تہٕ یتھٕ کنی چھ اَکھ مکمل لفظ ۔ دوٚیم صورت چھےٚ پروا + نہ یتھٕ کنی چھُ یہ دوٚن لفظن ہُند مرکب ۔ یتھٕ کنی سوداہن "سولے" ورتومُت چھُ ۔

---

[1] شمس الرحمان فاروقی ۔ اُردو غزل کے اہم موڑ ۔ ۷۵ ۔

اے لالچی تو کیسہ غیروں کا مت ٹٹولے

جو کچھ تو چاہے یکشب مجھ پاس آ کے سولے

رسول میر سٕندِس شعرس منز اگر پروانہٕ شمع کہ مناسبتہٕ پوٹھٕ معنیٰ یس منز نمو تیلہِ چھُ یہ پامال مضموٗن زِ میون معشوق چھُ شمع روےٗ تہٕ بہ چھُس تس پروانہٕ۔ سُہ اگر مارِ تہِ تَس چھُ روا یا بہ چھُس توتہِ تس عاشق۔ دوٗیم معنیٰ چھُ (پروا+نہ) یعنی تس چھُنہٕ یہِ پرواے تہٕ زِ سُہ اگر مےٚ مارِ۔ وُچھتو ووٚنی شعرس منز مناسبتن ہُند زال کتھٕ کنی چھُ وہراونہٕ آمُت۔

گوڈنکِس مصرعس منز چھےٚ معشوقس شمعس سٟتی تشبیہ دِنہٕ آمٕژ مگر ''وجہ شُبہ'' چھِ ترٛےٚ۳ بیان کرنہٕ آمتی۔ کارِتھزر، حسین روےٗ تہٕ آتشیں مزاج۔ آتش خوےٗ آسُن چھُ مشرقہٕ کس روایتی محبوبہٕ سُنٛد رسومیاتی تصور تہٕ یمیُک اظہار سُہ قتل و غارت گری سٟتی کران چھُ۔ بقولِ غالب۔

تماشائے بہ یک کف بردنِ صد دِل پسند آیا

یپاٗری چھُ حرمہٕ کِس شمعس تقدس تہٕ حاصل۔ بقول خسرو

محمد شمع محفل بود شب جائیکہ من بودم

شمعس تہٕ احرامس چھےٚ شعرس منز مناسبت۔ چونکہ احرام گنٛدِتھ چھُ کانٛہہ ذی روحِ (ماسوائے موذی جانور) مارُن حرام۔ خاص کر کعبہٕ شریفہ چہِ چہار دیواری منز یتھ متعلق قرآنِ کریمس منز واضح ہدایت چھُ

اُحِلَّتْ لَكُمْ بَهِيمَةُ الْاَنْعَامِ اِلَّا مَا يُتْلٰى عَلَيْكُمْ غَيْرَ مُحِلِّى الصَّيْدِ

وَاَنتُم حُرُمٌ ط (المائدہ ۔۱)۔ مگر معشوق چھُ تیوٗت ستمگر زِ سُہ چھُ حرمہٕ کہِ تقدسہٕ باوجود تہِ قتل و غارت گری جارٕی تھٔوِتھ ۔ سأنِس زمانس منٛز تہِ چھُ پروانہٕ یِمہٕ نِے دوٚن معنین منٛز احد زرگرن استعمال کوٚرمُت ۔

پروانہٕ عالی شانہٕ کمیوٚ آنہٕ ڈٕزِتھ پیوکھ
پروانہٕ گوٚے اکھ دانہٕ کمیوٚ آنہٕ ڈٕزِتھ پیوکھ

مگر زرگر صابنِس شعرس منٛز چھےٚ پروانہٕ لفظُچ نوعیت چھرا تجنیسی تہِ باسان چھِ زِ زرگرن چھُ رسول میرس نِشہِ استفادٕ کوٚرمُت ۔ مگر یِمہِ شعرٕ نِش ۔

لیس پتہٕ چھبس دیوانے شمع زن ریوانے
کس ونہٕ تَس پروانے پروانہٕ کٔرِتھ ژوٚلمے

تکیاز اُتھ شعرس منٛز چھُ لفظ پروانُک تجنیسی استعمال[۱]۔

چنانچہِ ایہام حأصل کرنہٕ خأطرٕ چھُ "تلاش لفظ تازہ" ضروری تہِ لفظِ تازٕ ہچ تلاشہِ خأطرٕ پھٹرٲوی ایہام گوٚو شأعروزبانن ہنٛدی سرحد ۔ یِمو شاعرو کٔری دوٚہ پر زبانن ہنٛدی نامانوس الفاظ تہِ ایہام حأصل کرنہٕ خأطرٕ دریافت کٔرِتھ استعمال مثلاً ۔

---

[۱] اِہنِس جایہِ تہِ چھُ رسول میرن پروانہٕ ایہامہٕ رنگی ورتوومُت تہِ کارتھز رواس شعرس ستی چھس مضموٗن تہِ رلان ۔

چھےٚ کارتھز شمع صورت خوٚیہ آزرژے
پروانہٕ چھےٚ زوجانہٕ خوٚں آشام نگارو

مگر معنی چھس ہیٚرمہٕ شعرٕ کھوتہِ ڈٔکی پایہِ۔

تُم دیکھو یا نہ دیکھو ہم کو سلام کرنا

یہ تو قدیم ہی سے سر پر ہمارے کر ہے

اَتھ شعرس منز چھُ ''کر'' لفظٕکی ہندی تہٕ سنسکرت معنی تہٕ محمد حسین آزاد صأبن مُجرا ئمتی ۔ آزادٕ سٕندِ مطأبق چھُ ''کر'' ہندی یَس منز محصولس تہٕ سنسکرتس منز ''اَتھس'' ونان۔ یِتھے یوت نہٕ ''کر'' لفظٕکی معنی چھُ ''کمر'' تہِ تہٕ کُف (کُلچ خشکی) تہِ تہٕ 'شرط' پابندی تہِ۔ اگر بہ معنی شرط یا پابندی نموتیلہِ چھُ شعرُک معنی زِ ژٕ اگرمےٚ کُن وُچھکھ یا نہٕ وُچھکھ مگرمےٚ چھےٚ ژےٚ سلام کرنچ پابندی۔ کربہ معنی اَتھ چھِ معنی نیران زِمیون اَتھ چھُ پرٛانہِ وقتہٕ پیٹھے ژےٚ سلام کرنہٕ خأطرٕ کلس پیٹھ (یتھ کٕنی ماڈرن زمانس منز یا فوجی سیلیوٹ چھِ کران)۔

یہ اصول زِ أسی ہیکو ایہام پیدٕ کرنہٕ خأطرٕ وۄپر زبانن ہندی الفاظ تہِ پننہِ مفید مطلب معنی خأطرٕ استعمال کٔرِتھ وُچھتو میرٕ سٕنز غزل یتھ ''الا جانو'' ردیف چھُ اَمہِ کین لفظن ہندی عربی، فارسی تہٕ اُردو معنی مُجرا نتھ کتھٕ کٕنی چھُ ایہام حأصل سپدمُت سُہ چھُ وُچھنس لائق۔ اَمہِ غزلہِ ہندٕ بن لفظن ہنز کثیر معنونیت، تم تہِ مختلف زبانن ہندی معنی، چھےٚ یِیمہِ کتھِ ہتی تہِ پختہٕ گرٛھان زِ اَمہِ غزلہِ ہُند مطلع چھُ ریختہٕ نما۔ میرٕ سٕنز بیٚیس غزلہِ منز چھُ آرے آرے ظالموٹیک مصرعہ یا ردیف اَمیُک مطلع چھُ ۔

زُلفچہِ تارِ منز دِل گوم تارے

آرے آرے ظالمو

کلیاتِ رسول میر ( مرتبہ پروفیسر جی ۔ایم شآد ) کِس فرہنگس منز چھُ شادؔ[1] صاَب لیکھان زِ یہِ چھُ اصل فارسی آرِ آرِ مطلب اِو اِو (ہاں ہاں) تہٕ کُلیاتِ رسول میر ( مرتبہ محمد یوسف ٹینگ ) منز درج اَمہِ غزلہِ ہِنٛدِس حاشیس منز چھُ ٹینگ صأب لیکھان زِ یہِ چھُ آرے آرے (اَوِ اَوِ) تہٕ حافظن تہِ چھُ اُتھی معنیس منز ورتوومُت مگر یتھ وژنس منز ہیکہِ یہِ عارے عارے بنِتھ[2]۔ ٹینگ صأبُن چھُنہٕ مگر یہِ لیوکھمُت زِ یتھ وژنس منز عارے عارے کیاہ معنی چھُ تھاوان تہٕ شعرس ستی کیاہ تعلق چھُ اَتھ۔

سوال چھُ پیدٕہ سپدان زِ اگر نہٕ اَسہِ آرے آرے کِس فارسی معنیس پٮ۪ٹھ کانٛہہ اعتراض چھُ تہٕ اگر اَسی یہِ عارے عارے تہِ بنأوِتھ ہیکہِ ہون (امیُک کانٛہہ معنی نہ آسنہٕ باوجود) سانٛہن نقادن کیا زِ چھنہٕ یتھ کتھِ کن ظون پیومُت زِ یہِ ہیکہِ آرے اُردو ( آ + رے = ولہٕ = ندائیہ ) آسِتھ ۔ اَمہِ معنی ستی چھُ نہ صرف یہِ ترکیب ذو معنین بنیمژ بلکہِ چھُ پرٛتھ شعرس منز ٹیپہ کہِ مِصرعک یہِ معنی باقی متنس ستی معنوی واٹھ تھاوان۔

آرِے لفظس چھِ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ معنی ۱۔ اکہِ قسمُک میوٕ (اَر) ۲۔ چمرٕس ٹیب دِنک اوزار (اَر) ۳۔ ؤلتھ آسن۔ ۴۔ گاسُک یا بیٚیہِ کنٛہُک وول (یُس برونٛہہ کالہِ زنانہٕ آبہٕ نٔژس یا دوٕدِ منٛٹھس تل تھاوان آسہٕ ) ۵۔ سوندر دود۔ یمن

---

[1] کلیاتِ رسول میر ( مرتبہ شآد ) ص ۳۳۹۔

[2] کلیاتِ رسول میر ( مرتبہ ٹینگ ) ص ۱۹۲۔

منز چھِ ۲ ۳ سانہِ خاطرِ مُفید مطلب۔ اگر أسی أر (اوزار) مُجرا نموتیٚلہِ چھِ معنی نیران چانین زُلفن ہنز تارِ (ٹیب دِنہٕ کِس پنس چھِ تار تہٕ ونان) ستیٚ گومیون دِل بےٚ قرار زنتہٕ آسس واریاہ آرِ (مس وال) ٹیپہِ/ ترٛسی/ زخم دِوان۔ اگر ۳ حسابس نموتیٚلہِ چھُ معنہٕ نیران زِ چانہِ زُلفہٕ چھےٚ تارٕ تہٕ أکس أکِس والس ستیٚ آومیون دِل وارٕ وارٕ ولنہٕ۔

نی تو یہ شعر تہٕ وُچھتو زِ کاٗنہہ تیٚتھ لفظ یتھ دون زبانن منز الگ الگ معنہ آسن، ورتاونہٕ ستیٚ کوسہٕ صورتِ حال چھےٚ بروٗنہہ کُن یوان۔

از زلفِ سیہ مار وز کاکل خمدار
کم مار چھی بردوش پیچانہٕ مسہ روش

''از'' لفظس چھِ زٕ معنی ۱ ستیٚ (فارسی)۔ ۲ أز کہِ دوہہٕ (آج= کأشُر) ''مار'' لفظس چھِ زٕ معنی۔ ۱ مار بمعنی سرُپھ (فارسی) ۲ مار بمعنی مأرِتھ ژھٔن (کأشر)۔ ''وز'' لفظس چھِ زٕ معنی ۱ تہٕ ستیٚ (و+از= فارسی) ۲ بمعنی چوب دِنگ یا مارنُک امر (لوٗر وزٕ ناوٕنی، چھُری وزٕ ناوٕنی)۔

اگر أسی یہ شعر پورٕ پأٹھی فارسی معنیس منز نموتیٚلہِ چھُ اَمیُک نثر بنان زِ سرپھ ہیوٗ زلفو تہٕ خمدار کونکلو ستیٚ چھی کم سرپھ پھیکین پیٹھ۔ مگر یتھٕ کِنی چھُ شعر بالکل بے معنی بنان۔ اَمہِ خاطرٕ چھُ دۆیمہِ مصرعہٕ کہِ ''مار'' لفظُک کأشر معنی لامحالہ مجرانیُن۔ تیٚلہِ چھِ معنی نیران۔ چانوٗ سرپھ ہشو زُلفو تہٕ خمدار کونکلو کِنی چھِ چانین پھیکین پیٹھ (گردنہ پیٹھ یعنی تمن ہُند

گنہگار چھُکھ ) وار یاہن لوکن ہُنٛد موت ۔ یہ چھُ شعرُک اوائلی معنی وُنی اگرأسی از ( فارسی ) تہٕ مارتہٕ وز ( کاشر ) لفظ مُجرا نموتیلہِ چھُ معنی بنان ۔

سر پھ ہیوبو زُلفو ستی مار ( صیغہ امر ) تہٕ خمدار کونکلو ستی دِ چوب یا چھُرِ ہنٛدی پأٹھی وزِ ناو خمدار کونکل ( چونکہ چھُری، خنجر یا تلوار تہٕ چھےٚ خمدار آسان صیغہٕ امر ) تہٕ دوٚیمس مصرعس منٛز کم'' لفظکی زِ معنہٕ تہٕ چھِ اتھ کیٚثر معنوی بناوان ۔ یعنی کمن کمن لوکن ہنٛدِ مار ( خونِ ناحق ) چھُ چانہٕ گردنہٕ پیٹھ یا ۲ کم ( واریاہ کم قلیل ) خونِ ناحق چھِ چانہٕ گردنہٕ پیٹھ اسلیٔ مارسیہ زُلفو ستی تہٕ خمدار کونکل وزِ ناو تا کہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لوکھ ہیکہٕ ہکھ ژٕ مأرِتھ ۔ ممکن چھُ واریاہ لوکھ آسن یمو زُلفو تہٕ کونکلو ستی مرنُک تمنّا کران یتھٕ کِنی غالبؔ چھُ ونان ۔

عشرتِ قتل گہہِ اہلِ تمنّا مت پوچھ
عید نظارہ ہے شمشیر کا عریاں ہونا

حالانکہ رسول میر سنٛدِس شعرس منٛز چھُ مضمون زُلفن ہنٛدی تعریف کرِنی مگر لفظن ہنٛدِ خلاقانہ استعمالہٕ ستی تہٕ یمن ہنٛزِ ایہامی نوعتہٕ کِنی چھِ معنیکی نٔوی نٔوی تہہ نیران ۔ اگر پرن وول یژھ تہٕ زِ سہ کڈِ یمن لفظن فارسی معنی تہٕ نیہ تمہِ نِے یوت مجرالتس سپدِ ناکأمی ۔ تمِس چھِ یمن لفظن ہنٛدی سأری معنی ( فارسی کیٚو کأشری ) کُنہِ تہٕ حالس منٛز حسابس منٛز اَنٛنی ۔

اَتھ شعرس منٛز چھےٚ بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ خوٗبیہ ۔ دوٚش لفظُک بیاکھ معنی

(فارسی) چھُ راتھ (گذرا ہوا کل) تہٕ شعرِ کس ابتداہس منز چھُ لفظ "از" (کأشر معنی أز یُگ دوہ)۔ یتھ ءکنۍ چھےٚ مناسبت قائیم سپدان، حالانکہ یمن لفظن چھُنہٕ شعرس منز کانٛہہ معنوی علاقہ البتہ چھِ ذہن یمن معنین کُن تہٕ گژھان۔ پیچان تہٕ کاکل لفظ چھِ تشبیہ تہٕ وجہ شُبہ چھُ خمدار آسن مگر کاکل تہٕ پیچان چھِ الگ پأٹھی ضلع "کاکلِ پیچان" بناوان۔ یتھے کُنۍ چھےٚ کاکل، پیچان، زُلف تہٕ خمدار لفظن منز مناسبت۔ تہٕ اَمہِ ہُریمانہٕ چھُ زُلف تہٕ مسہ (مس) رعایتُک التباس پیدٕ کران یا شک گنز راوان۔ اَتھ وَنو نہٕ شأعری تیلہِ وَنہٕ وا رومی، حافظ تہٕ سعدی ہٕندی مضمون (حتیٰ کہ استعار) أنی کھلہِ استعمال کرنس شأعری؟ حد چھُ یہِ زِ یٖیلہِ رسول میر لفظن ہٕنز نوِ نوِ ترتیبہٕ (Combinations) بروٚنٛہہ کُن انان چھُ نقاد صاحبان چھِس ہدایت جأری کران زِ تَس پزٕ ہن سعدی تہٕ حافظ ہٕندی ہوی مضمون / استعارٕ ورتاوٕنۍ تہٕ یٖیلہِ سُہ حافظ تہٕ سعدی ہٕندی مضمون استعمال کران چھُ تس چھِ یمے لوکھ پامہٕ دوان زِ سہ چھُ فارسی اُستادن ہٕنز "غلامانہٕ تقلید" کران۔

من چہ سرایم و طنبورۂ من چہ سراید

رود سوال تقلیدُک۔ یُتھ کانٛہہ چیز چھُنہٕ کُنہِ تہٕ ادبی روایتس منز موجود۔ البتہٕ چھےٚ سأئنس ادبی سماجس منز زٕ اصطلاحہٕ۔ سرقہٕ تہٕ توارد۔ سرقہٕ گوٚ سیٚدِ سیوٚد ژورِ نٛین۔ یعنی کانٛسہ شأعرٕ سُند کانٛہہ فن پارٕ ہو بہو پننس

کھاتس منز تژ اوُن ۔ یہ چھُ متفقہ طور ناروا تہٕ ناجائیز ۔ البتہٕ چھےٚ "توارُدس" ادبی سماجٕچ خاص کٕرِتھ اُستادن ہنز حمایت حاصل ۔ (ییمہٕ مقالہٕ کین ابتدائی صفن منز آے تِتھی شعر پیش کرنہٕ یمن ہُند مضمون یکسان چھُ البتہٕ چھےٚ لفظن ہنز پیش کش الگ الگ )۔ توارُدٕکس زمرس منز چھُ بہتر طریقہٕ یہ زِ أسی ہمو کأنسہِ اُستاد سُند کانہہ فن پارٕ تہٕ معنی یا اسلوٗبہٕ رٕنگی دِموا اُتھ ترقی۔ سائنس ادبی روایتس منز چھِ پرٛانین شاعری ہٕندی مضمون چھِ نیوٗ شاعرو ترقی دِتھ پیش کٕری متی ۔ اگر نہٕ مضمونس پیش کش یا معنی رٕنگی ترقی تہٕ دِنہٕ ییہٕ مگر اَمہِ کھوتہٕ وٕسی پایہِ تہٕ گژھِنہٕ آسُن ۔ اگر پروفیسر ملک صأبُن[1] غلامانہٕ تقلیدٕ نِشہِ یِی مطلب چھُ تیٚلہِ وُچھو رسول میرن یہ شعر یس عبدالاحد آزادن فارسی مصرعس مقابلہٕ تھوومُت چھُ

من نامہ نمے فہم پیغام نمے دانم

رسول میر:

قاصد مےٚ سوزے جان پرٛژھتس حالِ دِل زار

نے خامہٕ زانے نامہ نے پیغام نگارو

فارسی مصرعہٕ چھُ چھرا بیان زِنہ زانہٕ بہٕ نامہٕ تہٕ نہ پیغام ۔ییلہِ زَن میرٕ سندِ شعرس منز لفظ "خامہ" استعمال کٕرِتھ ایہام چھُ پیدٕ کرنہٕ آمُت تہٕ یتھٕ کنی چھُ یہِ شعر معنی یاب بنیومُت ۔ نامہٕ تہٕ پیغامہٕ کہ، مناسبتہٕ کنی چھُ

[1] غلام رسول ملک: رسول میر (ساہتیہ اکیڈیمی مونوگراف) صفحہ ۲۳ ۔ ترجمہٕ مجید مضمر

خامہٕ لفظُک اوائیلی معنیٰ قلم۔ یعنیٰ نہٕ زانہٕ بہٕ قلم، نہ نامہٕ تہٕ نہٕ پیغام (یمن چھُ پرٕنس لیکھنس ستی تعلق تہٕ متکلم چھُ اَنپڑھ تہٕ زانہِ نہٕ ظاہری علوم مثلاً خطوط نویسی ییمہِ خاطرٕ پرن لیکھن ضروری چھُ )۔ ووٚنی اگر خامہٕ بمعنیٰ خام، ناتجربہٕ کار مانو تیلہِ چھُ معنیٰ نیران زِ متکلم چھُ عشقہٕ مکتبہٕ کیو رسمو یا علمو نِشہِ بے خبر تہٕ ناتجربہٕ کار (یہِ چھُ متکلمہٕ سنزِ پاکیزگی تہٕ معصومیتس کُن تہِ اشارٕ)۔ اِو موکھ چھُس بہٕ پٔنن زوٗ قاصد بنأوِتھ سوزان۔ تمہِ سے پژٹھ میانہِ دِلِ زارٕچ حالت۔ یعنیٰ میون ظاہری حالِ بد چھُ میانہِ دِلِ زارٕچ حالت بیان کرنہٕ خاطرٕ کأفی۔ اگر ''جان'' بمعنیٰ زُوٗ نمو تیلہِ چھِ ہیٚرِم معنیٰ نیران۔ ووٚنی اگر ''جان'' بمعنیٰ ''رُت'' نمو تیلہِ چھُ معنیٰ نیران زِمےٚ سوزٕ ے رُت نامہٕ بَر۔ (یتھٕ کٔنی اُردو فارسی لیس منز نامہٕ بر سنز روایت چھےٚ حالانکہ غالبؔن چھُ نامہٕ برس پیٹھ تہِ طنز کوٚرمُت)۔ رسول میرن شعر چھُ معنیٰ چہِ فراوأنی واریاہ تھوٚد کھولمُت ییٚلہِ زَن فارسی مصرعہٕ سبٹھاہ پست چھُ۔

یتھے کٔنی چھُ ملک صأبن حأفظ سنٛدِ اکہِ شعرُک مقابلہٕ رسول میرُن ڈوڈٕ شعر (سُہ تہِ دون غزلن ہُنٛد) نتھی کٔرِتھ میر سنٛز ''غلامانہٕ تقلید'' ثابت کرٕمٕژ[1]۔ حافظن چھےٚ معشوقہٕ سنٛزن اَچھن سحرس (جادو) ستی تشبیہ دِژٕمٕژ۔

---

[1] غلام رسول ملک۔ رسول میر (مونوگراف) مترجمہ مجید مضمر۔ صفحہٕ ۳۸

آں چشمِ جادوانہ ٔ عابد فریب بین

کش کا روانِ سحر بد نبالہ می رود

تہٕ اَتھ مقابلہٕ چھِ رسول میرٕ سُنٛد یہ ڈوٚڈ شعر دِنہٕ آمُت۔

چھےٚ چشمہٕ یا آہو۔ بادام یا جادو

دردورِ حُسنت چشمہٕ وُچھِتھ کاسہٕ گدا چائی

خورشید تے جمشید ہیتھ چھی جام نگارو[1]

یتھٕ کنۍ چھُ ملک صأبن دوٚن بے واٹھ چیزن گوڈٕ بزعمِ خود واٹھ دیُتمُت تہٕ پتہٕ ثابت کوٚرمُت زِ یِمن چھُنہٕ کانٛہہ واٹھ۔ فرماوان چھِ۔

"فرق صاف ظاہر ہے، رسول میر خورشید اور قدیم پارس کے شہنشاہ جمشید کو یکجا کرتے ہیں اور ساتھ ہی جادو اور بادام کو بھی جو اصل کشمیری قافیہ کی ضرورت کو پورا کرنے کے بغیر آپس میں کوئی نقطۂ اشتراک نہیں رکھتے۔ اِس کے برعکس حافظ کے شعر میں ایک بھرپور استعارہ ہے۔ آنکھ جوزاہدوں کو بھی جُل دیتی ہے اور اپنے جلو میں ایک پورے کاروانِ سحر کو لے آتی ہے"[2]

---

[1] غلام رسول ملک۔ رسول میر (مونوگراف) مترجمہ مجید مضمر۔ ص ۳۰

[2] ملک صأبن تہٕ ٹینگ صأبن چھُ دردورِ حُسنت لیوکھمُت یِیلہِ زَن شاد صأبن درگردِ چشمت درج چھُ کوٚرمُت۔

گوڈٕ وُچھولیس اَوڈ شعر ملک صأبن درج چھُ کیٚنٛہہ رُمت تمیُک باقی اوڈ (اکھ مصرعہ) کیا چھُ۔ پورٕ شعر چھُ۔

چھے چشمہٕ یا آہو بادام یا جادو
مسہٕ چھوٕ نیوٚتھم ہوش مستانہٕ مسارو شئی

گوڈٕنچ کتھ چھےٚ یہ زِ بادام تہٕ جادو چھ نہٕ قافیہ تیٚمہِ ضرورت رسول میرس پیٚیہٕ ہے۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہ زِ اَتھ شعرس تہٕ دردورِ حسنت (یادر گردِ چشمت) شعرس چھُ نہٕ کانٛہہ تعلق تکیازِ یم چھِ الگ الگ غزلو منٛزٕ ہِنہٕ آمٕتی۔ تہٕ یتھ شعرس منٛز چھ سارٕوے کھوتہٕ اہم نکتہ یہ زِ چشمن چھےٚ گوڈنکس شعرس منٛز ژورن چیزن سٟتی تشبیہ دِنہٕ آمٕژ، آہو، بادام، جادو تہٕ شراب (مسہٕ چھوٕ) تہٕ یمن ژورن شبہ یہ ہن چھ الگ الگ وجہ شبہ۔ شعر چھُ وُسی پایہ تکیازِ تشبیہات چھےٚ عام مگر غیر مناسب چھےٚ نہٕ کیٛنٛہہ۔ حأفظ تہٕ میرٕ سٕنٛدٕ ہن شعرن منٛز چھُ اُچھن ہُنٛد مضمون مشترک تہٕ میرٕ سٕنٛدِ ڈوڈٕ شعرٕچ اکھ تشبیہ چھےٚ حافظٕ سٕنٛدِس شعرس سٟتی رلان یم ہیٚکن نہ ہوی اَستھ۔

یتھے کنٕی چھُ نہٕ حافظ سٕنٛدِس "کاروانِ سحر" وأ لس شعرس میر سٕنٛدِس "کاسہِ گدا" وأ لس شعرس سٟتی اُچھن ہٕنٛدِ مضمونہٕ ہُریمانہٕ کانٛہہ اشتراک۔ حافظن چھُ شعرس منٛز وٕنمت زِ جادو چھُ معشوقہٕ سٕنٛزن اُچھن تعاقب

---

۳۲ کلیاتِ رسول میر (ٹینگ) تہٕ کلیات رسول میر (شاد) دوشوٕنی صأبن منٛز چھُ شعر یتھے کٕنی درج یلہِ زَن مجید مضمرن (مترجم) چھے چشمہٕ تہٕ آہو لیوکھمُت چھُ۔

کران یعنی تمہٕ چھےٚ جادو کھوتہٕ تہٕ جادو گر۔ میرٕ سٕنٛدِ چھُ شعرک مضمون چھُ معشوقہٕ سٕنٛز اَچھ پچھےٚ پیالوتہٕ بانو کھوتہٕ زیادٕ بھٔرِتھ۔ یِمن دون منز بییہٕ کانٛہہ اشتراک ژھانڈن کیاہ معنی چھُ تھاوان؟ بنیٲدی موضوع یعنی اَچھن ہٕنٛدی تعریف چھُ مشترک، تشبیہ، استعارٕ تہٕ مناسبتہٕ اگر نہٕ الگ آسن تیلہِ کتھ ونو شاعر سٕنٛز انفرٲدیت؟ شاعرو چھُ اَچھن ہُنٛد موضوع پنٕنٕ پٲٹھی الگ الگ استعارن ہٕنٛدِ ذریعہٕ بیان کوٚرمُت۔ مثلاً اُردو میرزچھُ ونان۔

میرؔ اُن نیم باز آنکھوں میں ساری مستی شراب کی سی ہے

یا بیٚیس جایہِ چھُ ونان۔

ہے چشمِ نیم باز عجب خوابِ ناز ہے
فتنہ تو سو رہا ہے درِ فتنہ باز ہے

تہٕ چھُ غالب چھُ ونان۔

کرے ہے قتل لگاوٹ میں تیرا رو دینا
تری طرح کوئی تیغ نگہ کو آب تو دے

تہٕ سون فاخرؔ چھُ ونان۔

نِگہے سوۓ من افگن وُچھنس پٲرٕ لگٲیو

ترٕیشوٕنی شاعرن ہُنٛد بنیٲدی موضوع چھےٚ اَچھ مگر معنی چھ الگ الگ وُنی کُس چھ مجرم مانن زِ ژٕے چھے نہٕ باقین ستی شعر رلان؟ خیر یہ اوس

جملہٕ معترضہ وُچھتو رسول میرُن شعر کتھ ٕ کنہٕ چھُ اکھ باقاعدٕ Structure یس فنہٕ کہِ بینہٕ تہٕ وونہٕ ستی چھُ مکمل کرنہٕ آمُت۔

معشوقہٕ سٕنز اَچھ چھےٚ بٕرِتھ (شرابہٕ ستی / نورٕ ستی / اشہٕ ستی) پیانہٕ۔ یمن بروٚنٹھہ کنہِ چھِ خورشید تہٕ جمشید جام ہتھ خیرات منگان۔ یعنی یم چھِ کمتر تہٕ معشوقہٕ سٕنز اَچھ چھےٚ برتر۔ یتھ ٕ کنہٕ چھُ میر سُند شعر مبالغہٕ کِس ترٛیمِس درجس یعنی ''غلوس'' پیٹھ واتان۔ وُچھتو اَمکی معنی۔

۱۔ اقدیم پارسہٕ کس بادشاہ جمشید سٕندِس پیالس منز اوس ونہٕ مطابق سورے دُنیا بوزنہٕ یوان، سُہ چھُ معشوقہٕ سٕنزن اَچھن بروٚنٹھہ کنہِ کاسہِ گدأیی کران۔ یعنی معشوقہٕ سٕنز اَچھ چھےٚ دُنیاہہٕ علاوٕ تہٕ وُچھان (شاید ماوراءتہٕ)

۲۔ خورشیدس چھِ ''چشمہٕ خورشید'' تہٕ ونان تکیازِ اَتھ چھےٚ ناگس ستی تشبیہ دِنہٕ یوان یتھ ٕ کنہٕ ناگ چھُ آبہٕ ستی بٕرِتھ خورشید چھُ زٕ ژٕو ستی بٕرِتھ (حد چھُ یہ زِ فیض احمد فیضن چھُ زونہِ تہٕ، چشمہٕ ماہتاب، وَنمُت)۔ مگر زٕ ژن ہٕند یہ ناگ تہٕ چھُ معشوقہٕ سٕنزن اَچھن بروٚنٹھہ کنہِ کاسہٕ گدأیی کران تکیازِ تہنزن اَچھن منز چھےٚ خورشید کھوتہٕ زیادٕ زٕ ژٕ (نور)۔

وُچھتو ونی اَتھ شعرس منز کم مناسبتہٕ چھےٚ۔

۱۔ معشوقہٕ سٕنز اَچھ تہٕ چھےٚ بانہٕ چالہِ یمن منز اوٚش، شراب، یا نور بٕرِتھ چھُ۔

۲۔ خورشید تہٕ چھُ بانہٕ چالہِ ییتھ منٛز زٕژ یا نور بھٕرِتھ چھُ۔

۳۔ جمشید سُنٛد جام تہِ چھُ بانہٕ چالہِ ییتھ منٛز دُنیا بھٕرِتھ چھُ۔

۴۔ کاسہٕ چھُ بمعنی بیچھِ بانہٕ یُس ژھۄر چھُ تہٕ بھرنہٕ یُن چھےٚ اَمِچ خواٗہش۔

۵۔ مگر خورشید تہٕ جمشید سٕندِس جامس چھےٚ محبوبہٕ سٕنٛزن أچھن بروٗنہہ کنہٕ بیچھِ بانٛک درجہ یعنی بانہٕ چالہِ (ژھۄر یا بھٕرِتھ) آسنہٕ کِنۍ چھُ خورشید تہٕ جام جمشیدس منٛز ہِشر تہٕ یم چھ شعرس منٛز مُشبہ کھوتہٕ کم ترمانہٕ آمتۍ۔ییتھ کِنۍ چھےٚ یِمن منٛز مناسبت ۔شعرس منٛز چھُ دورِ حسنت ونہٕ آمُت تہٕ دورک اکھ معنی چھُ حکومت۔اَمہِ لحاظہٕ چھےٚ جمشیدس تہٕ خورشیدس سٕتۍ بیاکھ مناسبت قائیم سپدان (تکیازِ خورشید چھ گاشہِ لحاظہٕ حکمران تہٕ جمشید سُنٛد حکمران آمُن چھُ ٹاکارٕ)۔مگر معشوقہٕ سٕندِ حُسنٕچ چھےٚ حکومت جأری۔ شعرس منٛز چھ دورِ حسنت تہٕ جمشید سٕندِ جامُک ذِکر۔دور تہٕ جام چھِ ییتھہٕ کِنۍ ضلع بناوان (دورِ جام)۔

حافظ سُنٛد شعر چھُ بجاپاٗٹھۍ اکھ بھرپور استعارٕ۔ استعارے یوت نہٕ بلکہِ چھُ یہ اکھ مکمل جمالیاتی اکائی ۔ اَوِ موکھہ نہٕ زِ اَتھ منٛز چھےٚ أچھن سحرس سٕتۍ تشبیہ دِنہٕ آمٕژ (یہ چھےٚ معمولی تہٕ پامال تشبیہ) بلکہِ اتھ منٛز چھےٚ لفظن ہنٛز زنتہٕ سلاۓ (Knitting) کرنہٕ آمٕژ۔شعر وُچھو بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ۔

آں چشمِ جادوانہ عابد فریب بین

کش کاروان سحر بدنبالہ می رود

گوڈنکِس مصرعس منز چھُ "عابدفریب بین" ستی ایہام (Ambiguity) پیدٕ کرنہٕ آمژ۔ اگر یہ اکھ ترکیب مانو تیلہِ چھےٚ یہ ندائیہ بنان یعنی اے فریب وُچھن والہِ عابدا۔ تمہِ أچھ چھےٚ جادوئی۔ وَنی اگر أسی عابد فریب + بین یعنی وُچھ مانو ( بہ بین ) ۔وُچھ عابدن فریب دِنہٕ واجنہِ تمہِ جادوئی أچھ۔ الخ۔ دُنبالہِ چھُ ایہامی لفظ ۔گوڈنِکس معنس منز پتہٕ پتہٕ پکن وول (متعاقب) تہٕ دوٚیِمس معنیس منز سرمہٕ لوٚٹ (سُہ لوٚٹ یعنی دُم یُس أچھن ہنٛد بن کوٚنن نشہِ سرمہٕ ستی بناونہٕ چھُ یوان)۔یتھٕ کٔنی ہیکو وٕنتھ زِ کاروانِ سحر چھُ مژگانن (أچھر والن) ہنٛد استعارٕ تکیازِ یم چھِ سُرمہٕ لٔٹس نزدیک تہٕ یم چھِ تعدادس منز واریاہ آسنہٕ کٔنی کاروان بناوان۔

''کش''، بمعنی کم ،کاتیاہ چھُ استفہامی لفظ تہِ استفہامہٕ ستی چھُ ایہام پیدٕ گژھان۔ وُچھتو وٕنی حافظ سُنٛد شعر ما چھُ فقط أکِس معمولی استعارس پیٹھ دٔرِتھ بلکہِ کتھٕ کٔنی چھےٚ اَتھ منز معنی تیچ فراوأنی۔

۱ ہے (فقط) فریب وُچھن والہِ عابدا تمن معشوق سٕنزن جادوئی أچھن پتہٕ پتہٕ چھِ سٕحرکی کأتیاہ (واریاہ) کاروان پکان۔

۲ ہے ( فقط ) فریب وُچھن والہِ زأہدا تمن جادوئی أچھن ہنٛدِس سُرمہٕ لٔٹس ستی چھِ سحرکی کم کم یا کأتیاہ ( مطلب واریاہ)

کاروان پکان۔

۳۔ وُچھ تمہٕ عابد فریب (عابدن فریب دِنہٕ واجنہِ) جادوئی اُچھ۔ تِمن پتہٕ پتہٕ یا تِمن ہِنٛدِس سُرمہٕ لِٹس سٟتۍ سٟتۍ چھِ سحرٕکی واریاہ کاروان پکان۔

۴۔ وُچھ تمہٕ عابد فریب اُچھ تہٕ (گنزر) زِ کاٗتیاہ سحرٕکی کاروان چھِ تِمن پتہٕ پتہٕ/ تِمن ہِنٛدِس سُرمہٕ لِٹس سٟتۍ سٟتۍ پکان۔

اَمہِ ہُر یمانہٕ چھےٚ شعرس منٛز جادو تہٕ سحر رعایتکی لفظ تہٕ یِمن چھےٚ فریب لفظس سٟتۍ مناسبت۔ یِتھےٚ کٔنی چھےٚ چشم تہٕ بین لفظن منٛز تہِ مناسبت۔ اگر عابد فریب بین اکھ اصطلاح مانو تیٚلہِ چھُ اَتھ منٛز قولِ محالُک تناو تہٕ موجود۔

شرحِ سُودیٚ (مترجمہ دکتور عصمت ستارزادہ) ہس منٛز چھُ اَتھ سلسلس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔

''دُنبالہِ دریں شعر بمعنی اثر و پُشت سرمی باشد''

''پُشتِ سر'' یعنی کلُک پٔتِم حِصہٕ مانٛتھ چھُ یہِ معنی زِ کاروانِ سحر چھُ معشوقس پتہٕ پتہٕ۔ ''اثر'' لفظُک معنی چھُ لُغتس منٛز یِتھٕ کٔنی۔ ۱۔ تاثیر۔ ۲۔ نشان۔ ۳۔ زخم کا داغ۔ ۴۔ نتیجہٕ۔ فائدہ۔ ۵۔ آسیب کا سایہ (جمع آثار)۔ یِمو لفظو منٛز کانٛہہ تہِ معنی فرض کٔرِتھ چھِ دُنبالس الگ الگ معنی نیران۔ خاص کٔرِتھ زخمُک داغ اگر فرض کرو تیٚلہِ چھُ نہٕ کاروانِ سحر معشوقس سٟتۍ بلکہِ چھُ یہِ عاشقس سٟتۍ تعلق تھاوان۔

رسول میرن چھےٚ نہ صرف لفظن ایہامٕچ کأم ہیٚژمٕژ بلکہِ تہند بن شعرن منٛز چھِ کیٚنہہ ناوتہٕ ایہام پیدٕ کرنس منٛز کامیاب سپدان۔ وُ چھتو یتھ شعرس منٛز لفظ ''رام''۔

سیتا یہ گتھ گری لولہٕ نارس بالہٕ یارس پتھ
کم گیت وٕنی وٕنی رام کوٚرن رام نگارو[1]

یتھ شعرس منٛز چھُ لفظ ''رام'' تجنیسی لفظ۔ أکِس معنیس منٛز بھگوان رام تہٕ بیٚیس معنیس منٛز وَتہٕ پیٹھ اَنُن، نرم کرُن، اپناوُن، تیز ر ختم کرُن وغیرٕ۔ مگر وُ چھتو ووٕنی یہ شعر۔

در جنگ کران کارِ خنجر دستِ رنگیں چأنی
ہم پنجہ دستاں چھی نہ رستم سام نگارو

دست رنگین گےٚ مأنزِ اَتھ یا رتہٕ رٔنگی مٕتی اتھ۔ چونکہِ یتھ شعرس منٛز چھُ جنگ وجدلُک منظر نامہٕ اوٚموکھ نمو رتہٕ رٔنگی مٕتی اتھ معنہِ مُجرا۔ مےٚ پرٛژھ کیٚنژن اُستادن ''ہم پنجہ دستاں'' ترکیبہِ ہُند معنی۔ تمو وٚون زِ ''پنجہ و دستاں'' چھےٚ تتھے کنی ترکیب یتھٕ کنی ''دست و بازو'' چھےٚ تہٕ امیُک معنی گوٚژھی تژاوُنی۔ یہ معنی مُجرا نتھ چھِ بجاپأٹھی اَتھ منٛز سنسکرتکی ''ویررس'' تہٕ ''شرنگارس'' اَکھ أکِس ستی ملہِ مِش گژھتھ صورت پذیر

---

[1] سودا سُند شعر چھُ۔
پوج مجھے اِس دیرِ کہن میں کیا پوجے ہے پتھر کو
مجھ وحشی کو سُنا برہمن بتوں نے اپنا رام کیا

سپدان'' یتھ کُن ٹینگ صأبن[1] اشارٕ کوٚرمُت چُھ۔ مگر شاد صأب[2] چُھ ''رستمِ دستاں'' کس معنیس منز لیکھان زِ دستاں اوس رستم ہِندِس مالس زال سُند بیا کھ ناو۔ لُغتس منز تہِ چھُ یی لیکھِتھ۔ دستاں لفظُک یہ معنی حسابس مأنتھ چھُ ہمِ تز اوٚنک مضمون قأیم روزان تہٕ ''ویررس'' تہِ رزمیہ ہُک انداز تہِ برقرار روزان البتہٕ چھُ معشوقہٕ ہِندِ بن حریفن منز بیٚیس أکس ناکام حریفہٕ ہِندِ ناوُک اضافہٕ گژھان۔ ووٚنی چھُ مصرعہٕ یتھٕ کٔنی بنان۔

ہم پنجہ دستاں چھُے ، نہ رستم سام نگارو

نفی ہُک لفظ '' نہ '' چھ یمن دوٚن نحوی اکائی ین منز مشترک روزان۔ یعنی

[1] دستاں چھُ نہٕ طاقتہٕ لحاظہٕ ژےٚ برابر۔

[2] رستم تہٕ سام تہِ چھِ نہٕ طاقتہٕ لحاظہٕ ژےٚ برابر۔

اگر ''دستاں'' صرف ''پنجہ و دستاں'' اصطلاحُک اکھ جز مانو تیٚلہِ چھِ دست تہِ دستاں تکرأری الفاظ یوٚ دوٚے أسۍ دستاں دوٚیمس معنیس (ژال) نمو تیٚلہِ چھ یہ ایہام مکتوبی بنان یتھ متعلق بروٚنہے وننہٕ آوزِ یمن چھُنہٕ معنوی تعلق بلکہِ اَمیُک التباس آسان۔

وُچھتو ووٚنی یہ شعر یتھ منز لفظ '' دست'' باقی لفظن ستۍ رٕلتھ رعایت تہٕ مناسبتکی کمال چھُ ہاوان۔

---

[1] کلیاتِ رسول میر (ٹینگ) ص ۸۴-۸۵  [2] کلیاتِ رسول میر (شاد) صفہ ۳۴۵-۲۔

پایہِ بڈٕو پیٚتہٕ پایس بہٕ تہٕ پیٚمے پاڑنے

سر بہ وندے دست میونے چون داماں اے صنم

یتھ شعرس منٛز چھُ ''پایہ'' تجنیسی لفظ۔ پایہِ بوٚڈ بمعنی تھزِ قدرِ وول تہٕ پایس پیوٚن بمعنی صحیح نتیجس پٕتھ واتُن۔ یتھے کٕنی چھِ یم ایہام مکتوبی کس زُمرس منٛز یوان۔ پایہِ چھِ فارسی لیس منٛز کھورن ونان تہٕ پاد تہِ گے کأشرس منٛز کھور۔ یتھ کٕنی چھُ یمن منٛز رعایتُک التباس پیدٕ گژھان۔ ووٕنی وُچھتو مناسبتہٕ۔

پاد/ پایہ، سَر، دست، اَمہِ ہُر یملنہٕ چھُ وندُن (سر وندُن) بوزِتھ وندٕ لفظس کُن ذہن گژھان بمعنی دِل یِیٚتہِ چھُ مناسبتن منٛز ہبکان یتھ۔ یُتے یوت نہٕ بلکہِ چھُ سر تہٕ دست رٕلتھ سرِ دست ضلع بناوان۔ وُچھتو یہ بیاکھ شعر۔

رسول میر ونے سوز کنے بوز شبا روز

مہ پاڑ کری تھم لولہٕ وندس پاڑ دِلبرو

اَتھ شعرس منٛز چھ وار یاہ التزام تھاونہٕ آمتی۔

۱ ونے تہٕ کنے ہُر یمانہٕ چھ سوز، بوز تہٕ روز اندرونی قافیہ۔

۲ ''پاڑ'' چھُ تجنیسی لفظ أکِس معنیس منٛز جگرُک ٹکرٕ تہٕ دوٚیمس معنیس منٛز زخم دیُن (پاڑ پاڑ کرُن)۔

۳ ونے (وَنُن) تہٕ بوز (بوزُن) چھےٚ مناسبت قأیم کران تہٕ تہٕ یتھے کٕنی چھِ روز، شب تہٕ مہ (بمعنی ربتھ) تہٕ مناسبتٕکی الفاظ۔

۴ شب تہٕ روز ژٕلتھ شب و روز یا روز و شب ( بمعنی وقت ) ضلع بناوان۔

سلسلۂ روز و شب نقش گرِ حادثات (اقبال)

۵ روز چھُ ایہامی لفظ، اوایٔلی معنیس منز چھُ بہ معنی دوہ تہٕ دوٚیمس معنیس منز چھُ روز ( بمعنی رہو ) امر۔ گوڈنکہِ حسابہٕ چھُ معنی بنان زِ بہ وِنے روز و شب سوز ( بمعنی ساز ) یاپنٕنِ حالِ بد تکیا زِ سوز چھُ فارسی لیس منز دزن معنہِ تھاوان یعنی ژٕ بوز پانہٕ گنو بہ وَنے عشقہٕ نارٕ ستی دزنٕچ داستان۔ تہٕ دوٚیم معنی چھُ ژٕ روز راتھاتہٕ بے وِنے سوز ( ساز وایے۔ یتھ خوش گرٕھکھ یا پنٕنِ حالِ بد وِنے ) ۔ یُتھ شعرس فقط تجنیس تام محدود تھاون گٔے بے شک رسول میرس ستی زیادتی تہٕ اَمکی اندرونی قافیہ نظر تل تھاوِتھ یہ وَنُن زِ میر چھُ آہنگس منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق چھُ شعرس، شاعرس تہٕ تنقیدس پیٹھ ظلم کرنس برابر۔ تکیا زِ اندونی قافیو ستی چھے میرن بہ یک وقت آہنگ، ترصیح، ضلع تہٕ ایہامچ کأم ہیٚژ ہژ۔ وُ چھتو یُتھے ہیوٗ بیا کھ شعر۔

مے نیوٗتھم ژورِ دِل مستورِ کوٚرتھم حورِ قصور
بدانس سور ملے دور ژلایو مدنو

ژورِ، مستورِ، حورِ، قصور چھ بظاہر اندرونی قافیہ یم نقادن ہنٛدِ وَننہٕ مطابق آہنگ پید کرنہٕ چہٕ مجبوٗری تحت اننہٕ چھِ آمتۍ۔ یمہٕ نٕے ستی چھُ

دۄیمس مصرعس منز رٲلہٕ وُن قافیہ دور گنڈنہٕ آمُت۔ غزلہِ ہٕندی قافیہ چھِ بلایو، ؤلایو وغیرِ اِو موکھ چھُ یتھ شعرس منز ژلایو استعمال سپُد مُت مگر اَتھ ہتیٚ رٲلہٕ وُن بیاکھ قافیہ ملے تہٕ چھُ ورتاونہٕ آمُت۔ باسان چھُ زنتہٕ چھ وارِیاہ ساز یکہٕ وَٹہٕ تہٕ ہم آہنگی سان وزان۔ سوال چھُ پیدٕ سپدان زِ یم قافیہ چھا محض مجبوٗری (موسیقی پیدٕ کرنچ) تحت اَننہٕ آمتی۔ ژوٗر چھےٚ ہمیشہٕ باقین ہٕنز نظرِ بچاوِتھ یوان کرنہٕ تہٕ مستور تہِ چھِ تُس زنانہِ وَنان یوسہٕ پردن منز آسہِ (باقین نِشہِ ژوٗرِ)۔ یتھ ہٕنی چھےٚ ژورِ تہٕ مستورِ لفظن منز رعایت۔ چنانچہ حور تہِ چھےٚ دنیاوی أچھن نِشہِ ژور تہٕ سوچھےٚ معصوم تہٕ پاکیز۔ مستورِ ہُند اکھ وصف تہِ چھُ معصومیت تہٕ پاکیز گی اَمہِ لحاظہٕ چھُ لفظ ''حور'' ''مستور'' ہتیٚ مناسبت قائم کران۔ قصور چھُ یتھ شعرس منز غلطی، خطا، دھوکہٕ وغیرِ معنین منز استعمال سپُد مُت۔ یعنی حورِ ہتیٚ کرِتھ غلطی یا خطا کوٚرُتھ یا دھوکہٕ دِیتُھ تہٕ مجموعی معنی چھُ نیران زِ مےٚ ہتیٚ کوٚرُتھ ظلم یاناانصأفی۔ قصور چھُ عربی ''قصر'' لفظُک جمع تہٕ معنی چھُ وارِیاہ محل خاص کرِتھ جنتکی محل یمن منز حورِ آسَن۔ یتھ ہٕنی قرآنِ مجیدس منز آمُت چھُ حور، ''حورٌ مقصوراةٌ فی الخیام (الرحمٰن)۔ امہِ حسابہٕ چھُ حور وقصور ضلع بناوان۔ یتھے ہٕنی چھِ دۄیمس مصرعس منز بدن استعمال سپُد مُت یُس گوڈنِکس مصرعس منز ''دل'' لفظس ہتیٚ مناسبت چھ بناوان۔

رسول میر اوس نہٕ صرف کلاسیکی روایتیس نِشہِ باخبر بلکہِ اوس تٔمس

یٚمہِ کتھِ ہُنٛد تہٕ پوٗرٕ احساس زِ کأشر شأعری، خصوصاً غزلیہ شأعری، چھےٚ وُنہِ اتھِ کھور وأینہٕ ۔کس ابتدأیی مرحلس منٛز تہٕ تِمس پٔتھ چھےٚ یہِ ذمہ دأری عاید سپدان زِ سُہ دِیہِ اَتھ صحیح طرح (Direction) ۔ تِمس اُس خبر زِ شأعری چھےٚ نہٕ قافیہ پیمأیی تہٕ نہ چھےٚ تجنیسی الفاظ یکجا کرٕنی ۔ تِمس اوس یٚمہِ کتھِ ہُنٛد احساس زِ شعر چھُ اکھ مکمل اکائی (خیالہٕ ۔کنہِ اوہے) ۔ یتھ منٛز استعمال کرنہٕ آمتی لفظ اَکھ اَکھ ہٕنٛدِ خأطرٕ جاے چھ ہموار کران ۔ تٔمِ آسہِ ہے نہٕ جرجانی سُنٛد مطالعہٕ کوٚرمُت تہٕ نہ اوس تہنٛدِس وقتس منٛز کمال ابوذیب ۔ مگر تہنٛدی خیالات چھِ میرٕ سٕنٛز شأعری منٛز شکلاونہٕ آمتی ۔ وجہ چھُ یہِ زِ یِم خیالات جرجانی ین علم معنی ۔کس زُمرس منٛز بیان چھِ کرٕ مٕتی تہٕ یِم رسول میرن عملی طور شکلأوِتم چھِ سأئنس ادبی روایتس منٛز موجود۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُ فاروقی لیکھان ۔

"کمال ابوذیب نے جرجانی کی اصطلاح "نظم" کا ترجمہٕ Construction کیا ہے ۔ طباطبائی اسکے لئے ترتیب کا لفظ استعمال کرتے ہیں، جو اُردو میں بہتر معلوم ہوتا ہے ۔"[1]

وُچھتو وونی اَتھ تناظرس منٛز میرٕ سُنٛد یہِ شعر یتھ معلم نقاد افرود ایتی وَنن ۔

وُٹھ چأنی وہ زلی لعلہٕ کھوتے قند زَن شیرین
فرہاد بوزتھ مارٕگو و بے چارٕ متیو وے

---

[1] فاروقی ۔ شعر شور انگیز ۔ سوئم ۔ ص ۱۱۴ ۔

گوڈنِکس مصرعس منز فرہاد تہٕ دوٚیمس مصرعس شریں آسنہٕ کِنی چھُ ذٕہن شیٖرین فرٕہاد قصس کُن گژھان تہٕ باسان چھےٚ یِمن منز چھے مناسبت زِشاعرن چھےٚ معشوقہٕ ہِنٛدٮ۪ن وُٹھن شیٖرینہ ہِنٛدٮ۪ن وُٹھن سٟتؠ تشبیہ دِژمژ۔ ہنا غور کرنہٕ پتہٕ چھُ نَنان زِ شرین (کردارس) چھُنہٕ وُٹھن سٟتؠ تعلق البتہٕ چھےٚ شیٖرین لفظ بمعنی مٕدریار (میوٹھ) یِیتہٕ نَس مقصود۔ معشوقہٕ ہِنٛدِ ٮ۪ن وُٹھن چھےٚ لعلس تہٕ شرینہٕ سٟتؠ بہ یک وقت تشبیہ دِنہٕ آمژ۔(شیٖرٕنؠ یوسہٕ کھاندرن پیٹھ چھےٚ چھکنہٕ یوان) ۔ وجہِ شبہ چھِ ووزجار تہٕ مٕدریار ۔ ووٚنؠ اگر مانو زِشرین لفظ چھُ شعرس منز مطلب تھاوان شیٖرین (کردار) تیٚلہِ چھُ معنی بنان زِمعشوقہٕ ہِنٛدؠ وٹھے یوت چھِ تیٖتؠ مٕدرؠ (قنٛد) ییژاہ پورٕ شرین (کردار) چھےٚ تہٕ یِم چھِ لعلو کھوتہٕ زیادٕ ووزٕلؠ۔ یہٕ بوزِتھے چھُ فرہاد مارٕ گژھان۔ تہنٛدِ مارٕ گژھنُک وجہ چھُنہٕ شیٖرینہِ ہنٛز جُدٲیی (یا یہِ بوزُن زشیٖرین موٚیہِ یتھٕ کِنؠ قصس منز آمُت چھُ تہٕ سُہ چھُ پانس ٹونگ والان) بلکہِ چھُ یہِ شاک (shock) زِ یتھ دنیاہس منز چھُ کانٛہہ شخص تیوٗت خوبصورت یٟمؠ ہِنٛدؠ وُٹھے یوت چھ تیٖتؠ مٕدرؠ چھِ یوتاہ شیٖرینہِ ہُنٛد پورٕ جسم چھُ۔ (باقی جسم کیا آسہِ) یتھٕ کِنؠ چھےٚ شعرس منز بے چارٕگی ہنٛز کیفیت ووتلان یٚمیُک اظہار شعرس منز لفظ ''بے چارٕ'' کہِ استعمالہٕ سٟتؠ کرنہٕ چھُ آمُت۔ چنانچہِ لفظ شیٖرین چھُ ایہام پیدٕ کرنس منز کامیاب سپدان۔ ۱۔ بمعنی موردٕ چیز تہٕ ۔۲۔ بحیثیتِ کردار۔

شیرین بہٕ معنی مدریار استعمال ؠتی کرنہٕ ۔ جھُ شاعرانہٕ چالاکی ( Poetic wit ) کامہِ منز اننہٕ آمٕژ۔ یتھٕ کٔنی میر تقی میر ؠندبن لفظن منز شعرک بہترین وصف چھُ یہِ زِ یُہ ڈالہِ پرن وأرلِس تہٕ کربس فند تہٕ ذہنس انبس چکر زِ اصل صورتِ حال کیاہ چھےٚ ۔ یہِ چھےٚ سو غیر یقینیت یوسہٕ معنی چہٕ فراوانی ؠتی پیدٕ چھےٚ سپدان ۔ میر تقی میر چھُ شعرس متعلق ونان۔ ے

اگر چہ سادہ ہے لیکن ربودنِ دل
ہزار پیچ کرے لاکھ لاکھ فند کرے
سخن یہی ہے جو کہتے ہیں شعر میر ہے سحر
زبانِ خلق کو کس طور کوئی بند کرے

زبأنی ہندبو پیچو ؠتی تہٕ یمؤ ے شاعرانہٕ چالاکیو ؠتی چھُ شعرس منز سحرک تاثیر پیدٕ گژھان تہٕ أتھی چھُ غالبؔ گنجینۂ معنی ہُک طلسم ونان ے

گنجینۂ معنی کا طلسم اس کو سمجھئے
جولفظ کہ غالبؔ مرے اشعار میں آوے

رسول میر ؠندِس اَتھ شعرس منز چھِ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ لطف ۔ فرہاد ، شیرین ، تہٕ مارٕ گژھن ( قصس منز چھُ فرہاد مارٕ گژھان ) چھِ مناسبت بناوان تہٕ اَمہ ہُر یمانہٕ چھُ یمن لعلس ؠتی تہٕ اکھ لطیف مناسبت زِ فرہادس چھِ کوہکن ونان تہٕ کوہو منز چھِ لعل و جواہرات نیران۔

یوہے مضمون چھُ رسول میرن بیٚیس جایہ تقریباً یمے مناسبتہٕ تہٕ

رعایتہٕ ہیتھ اُتھی پس منظرس منز ورتو مُت۔ ے

جانِ شیرین چانٔی وُٹھ یاقوتِ دِل فرہاد را

رشکِ یاقوتِ یمن لعل بدخشان اے صنم

البتہٕ چھُ یتھ شعرس منز جانِ شیریں استعمال کٔرِتھ معنیس منز مزید اضافہٕ کرنہٕ آمُت۔ یتی چھےٚ لعل تہٕ یاقوت لفظو یتی مناسبت پیدٕ کرنہٕ آمژ۔ شعر چھُ بہ ظاہر سراپا نگاری یتی تعلق تھاوان تہٕ عام نقاد ہنٛز یہ رائے زِ میر چھُ سراپا نگاری ہُند شاعر چھُ گوڈنچہِ نظر منز صحیح باسان۔ یتی چھُ شعرس منز یاقوت تہٕ یاقوتِ دِل فرہاد استعمال کٔرِتھ پرن وٲلس باسان زِ شاعر چھُنہٕ لفظہٕ کہِ تجنیسی استعمالہٕ ہُریمانہٕ کینٛہہ سوچتھے ہیکان۔ مگر وُچھتو ''یاقوت دِل فرہاد'' کتھٕ کٔنی چھُ حیران کران۔ کلیاتِ رسول میرس (مرتبہ شادؔ) منز چھُ گوڈنیُک مصرعہٕ یتھٕ کٔنی۔ ے

جانِ شیریں چانٔی وُٹھ یا،قوتِ دِل فرہاد را

(یاقوت = منزٕ باگ چھُ علامت وقفہٕ Comma) ۔یعنی چانٔی دِل چھا گُنہِ فرہاد سنٛدِ دِلُک قوٗت نہ کہِ قوّت۔ تکیازِ قوّت چھُ فعلن وزنس پیٹھ (مثلاً قیمت، ثروت وغیرٕ) مگر ییٚتہٕ نَس چھُ یہ فاع بنان (مثلاً پوٗت دوٗر، زوٗن، جام وغیرٕ) ۔اَمہِ لحاظہٕ چھُنہٕ قوّت وزنس منز یوان۔ تیلہِ چھُ مانُن زِ یہِ چھُ نہٕ یا+قوت (زٕ لفظ) بلکہِ چھُ یہِ اَکھ لفظ یاقوت (چنانچہِ رسول میر نہٕ عروض دانی نِشہِ چھےٚ غلطی ناممکن زِ سُہ گنڈِ قوّت قوٗت کس

وزنس پیٹھ )۔اتھ برعکس چھُ کُلیاتِ رسول میرس ( مرتبہ ٹینگ ) منز یہ مصرعہٕ یتھٕ کنۍ ۔

اے جانِ شریں چانٕۍ وُٹھ یاقوتِ دِل فرہادرا

گویا کہ ٹینگ صأبن چھُ یہِ یاقوت مونمُت یہ زَن عروضہٕ لحاظہٕ صحیح چھُ ۔ مگر اَمہِ باوجود چھُ ''اے'' لفظ وزنہٕ زائد۔ یتھٕ کنۍ ہکو ؤنتھ زِ مصرعہٕ چھُ یتھٕ کنۍ۔ جانِ شیریں چانٕۍ وُٹھ یاقوتِ دِل فرہادرا ۔

میانہِ خیالہٕ چھُ أزی کہِ زمانک مروجہ لفظ Sweet heart جان شیریں لفظُک صحیح مرادف۔مگر سوال چھُ پننہِ جایہِ باقی زِ فرہاد ہٕندِ دِلک یاقوت کیا معنی چھُ تھاوان تہٕ اَتھ کیاہ چھُ معشوقہٕ ہٕندبن وُٹھن ہٕتی تعلق؟

گوڈٕ وُچھو اُردو شأعر شاکرناجی سُند یہ شعر۔

جو کوئی اصلی ہے ٹھنڈا گرم یاقوتی سے کیوں کر ہو

نہ لاوے تاب تیرے لب کی جو نامرد ہے ذاتی

شعر چھُ بحرِ ہزجس منز (مفاعیلن ژورِ لٹہِ ) ۔ اَتھ منز چھُ لفظ ''اصلی'' ہُک ''ی'' دبان تہٕ پرنہٕ چھُ اصلِ یوان۔ ہٕتی چھُ ''یاقوتی'' ہُک ''ی'' تہِ دبان تہٕ پرنہٕ چھُ یاقوتِ (یہ آسانی چھےٚ اُستادو روامٕژ منٕز ) ۔ تِتھے کنۍ ہیکو ؤنتھ زِ رسول میرنس شعرس منز چھُ یاقوتی یاقوتِ وزنس پیٹھ گنڈنہٕ آمُت ۔ شاکرناجی ہٕندِس شعرس منز تہِ چھِ معشوقہٕ ہٕندۍ وُٹھ تہٕ یاقوتی کوسہٕ تام مناسبت تھاوان۔ یہِ مناسبت (یوسہ دراصل تشبیہ چھےٚ )

نہٕ تیلہِ ییلہِ یاقوتِ (یاقوتی) لفظُک معنی پتاہ آسہِ۔ میر تقی میرَن تہِ چھُ یہ مضمون لب، یاقوتی تہٕ قوت لفظ ہیتھ نظم کوٚرمُت۔

اب لعلِ نو خط اُس کے کم بخشتے ہیں فرحت
قوّت کہاں رہے ہے یاقوتی کہن میں

اسہِ چھُ ننان زِ ''یاقوتی'' لفظُک معنی چھُ اَکھ قوّت بخش دوا یُس جسمس منٛز جوش تہٕ حرارت پیدٕ چھُ کران۔ اَمہِ سٟتی چھُ میر تقی میر، ناجی تہٕ رسول میرُن مضمون اَتھِ لگان۔ ووٚنی ہکو نہٕ یہِ وٕنتھ زِ معشوقہٕ سٟندِ بن وُٹھن چھےٚ نہٕ صرف یاقوتِ یمن تہٕ لعل بدخشانس سٟتی تشبیہ دِنہٕ آمٕژ یُس زَن شعرُک اوائیلی تہٕ معمولی معنی چھُ۔ البتہٕ چھُ یہِ معنی تہِ نیران زِ چاٖنؠ وُٹھ چھِ سُہ دوا یُس فرہادٕ سٟندِس دِلس منٛز جوش تہٕ حرارت پیدٕ چھُ کران۔ حالانکہ بظاہر چھِ یم یاقوتِ یمن تہٕ لعل بدخشان ہوٚی۔ وٕنی وُچھو حافظ سُنٛد یہ شعر۔

ابلہاں راہمہ شربت زِ گلاب و قند است
قوتِ دانا ہمہ از خونِ جگر می بینم

اَتھ شعرس منٛز چھُ حافظَن لفظ قوٗت (فاع یا پوت یا زوٗن کِس وزنس پٹھ) گوٚنڈمُت تہٕ اَمیُک معنی چھُ غذا، روزی۔ چنانچہ غذا تہِ چھُ جسمس طاقت بخشان تہٕ اَمہِ لحاظٕ ہیکو وٕنتھ زِ شادصابَن درج کوٚرمُت شعر چھُ صحیح۔ مگر یا تہٕ قوت لفظَن منٛز چھنہٕ وقفہٕ۔

جانِ شیریں چاۓنی وُٹھ یاقوتِ دِل فرہاد را

یتھ ٲکِس چھُ معنی بنان زِ چاۓنی وُٹھ یِم بظاہر یاقوتِ یمن تہٕ لعل بدخشان ہوی چھ، چھِ دراصل فرہادٕ (یُس عاشقن ہُند استعارٕ چھُ) ہِنٛدِ دِلُک غذا۔ چنانچہ عاشقن ہِنٛدِ دِلُک غذا چھُ صوفین نزدیک عشق تہٕ یتھٕ کُنی چھِ شعرٕکی صوفیانہٕ معنی تہٕ اَتھِ لگان (تکیا زِ دمِ عیسیٰؑ چھُ وُٹھن ہُندُ ے کرٛشمہٕ)۔ میرن چھُ جانِ شرین تہٕ دِلِ فرہاد استعمال کٔرِتھ مناسبتُک التباس پیدٕ کوٚرمُت تہٕ پھُٹن شاعرانہ چالاکی ہِنٛدِ مظاہرٕ کوٚرمُت ۔یوٗہے گو۔

ہزار پیچ کرے لاکھ لاکھ فند کرے

رسول میرٕ ہِنٛز بٔڈ بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ اٰہنٛدی تنقید نگار چھِ اٰہنٛزِ غنایتہٕ ہِتی تیتی مرعوب گرٛھان تہٕ اٰہنزن تشبیہن ہِنٛدِ فوری پن ہِتی تیتی ووٚتہِ یوان زِ تِم چھِ اٰہنٛدی لاجواب اندرونی قافیہ بوزِتھ تہٕ جسمِ یارٕ کین عضون پوشن تہٕ لعل و جواہراتن ہِتی تشبیہ وُچھتھ یہ عاجلانہٕ نتیجہ کڈان زِ سُہ چھُ چھرا نغمأتی شأعرتہٕ تٔہنٛد موضوع چھُ صرف سراپا نگاری ۔ تِمو کوٚڈ یہ نتیجہٕ تہٕ زِ تٔہنٛز شأعری چھےٚ صرف تنٛگھ نار بن پیٚٹھ گوٚبہٕ خأطرٕ تہٕ اَتھ مٔنٛز چھےٚ فقط جسمأنی لذت پرستی ۔ حد چھُ یہٕ زِ ٹینگ صأبس ہوی محتاط نقادن چھےٚ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ گرٛھٕ زِ میر اوس موقدم آسنہٕ باوجود گوٚبن پارٹی ہِنٛز سربرآہی کران تہٕ اوس گامہٕ پتہٕ گامہٕ ہِنٛز بأتھ گوبان ییتھ بجاپأٹھی پروفیسر شاد صأبن تردید کوٚرمُت چھُ۔ دراصل چھُ رسول میرسانہٕ ادبی رواتچ اکھ

میلہٕ کُنیٚ تیمہٕ نہ صرف سون ادب خصوصاً شاعری فارسی، اُردو کلاسیکس ستی ہم سری کرٕنۍ ہیچھ ناوٕ بلکہِ کرہن پتہٕ والہِ زمانہٕ خاطرٕ Guide lines تہِ مقرر۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِنوٕ زمانٕکی وِجہِ واوَن تہٕ شاعری ہنٛزٕ افادیت پرستی ہنٛدی نظرین نہناوی یم خطوط۔ مگر شُکر چھُ یہِ زِصمد میر تہٕ احد زرگر ہِوِ شاعرو (یِم سانہِ نقادو صوفی شاعری ہنٛدِس الگ زُمرس منٛز تھاوی تہٕ یہنٛزِ شاعری پیٚٹھ کرِکھ صرف یہنٛدِ موضوعہٕ کہِ حوالہٕ کتھ۔ میانہِ خیال چھےٚ شاعری فقط شاعری، اَمِکۍ موضوعات ہیکَن الگ اَستھ تہٕ یہِ صوفی، رومانٛی، ترقی پسند تہٕ جدید خانن منٛز قید کرٕنۍ چھےٚ شعرس ستی زیادتی) رژھرو کلاسیکی شاعری ہُند یہِ تصور تہٕ مہجورن تہِ کرٕ اَتھ تصوّرس کُنہِ حدس تام آبیاری۔

خیر کتھ اَس چلان وُٹھن ہنٛدِ تعریفہٕ کہِ مضمونٕچ۔ درج ذیل شعرس منٛز چھُ بظاہر مضمون معمولی تہٕ معنی سپاٹ۔ یعنی وُٹھن چھےٚ غنچس ستی تشبیہ دِنہٕ آمٕژ یوسہٕ نزدیک آسنہٕ کنی پامال چھےٚ۔ رسول میر چھُ ونان ؎

روسلہِ یوٚ دوَے غنچہِ لبن پیٚٹھ ژٕ چھکھ بدنام

خوش روز عاشق کرژے نافرمان دپان چھی

اگر میر سُنٛد مدعا صرف یہِ آسہِ ہے زِ بہٕ چھُس غنچہِ لب والین محبوبن یا محبوبہٕ ہنٛدین غنچہِ ہوِہن وُٹھن پیٚٹھ بدنام مگر یہے چھےٚ اصل عاشقی (بدنامی یا غنچہِ لبن ستی عشق) تہٕ عاشقن ہنٛد گروہ (مجنون، فرہاد، وامق،

ناگی رائے وغیرِ ) چھِ اَتھ فرمانبرداری ونان تہٕ اَمیُک اجازت دِوان تیلہِ چھُ ''نافرمان'' یہ صورتِ حال اداکرنس منز ناکام ۔ وِنی اگر تھٕ وٕنو زِ یہ اُس شاعری منز قافیہ گنڈنچ مجبوری اُسی وَنو زِ رسول میر سٕندِس لفظیاتس منز چھِ بیٚیہِ تہِ واریاہ تِھی قافیہ یِم سُہ استعمال ہیٚکہِ ہے کٔرِتھ۔ مثلاً مصرعہٕ ہیٚکہِ ہے یِتھ کٔنہٕ تہِ اُسِتھ۔

۱ خوش روز عاشق صاحبِ ایمان دِپان چھی۔

۲ خوش روز عاشق لولہٕ کُے سلطان/ خاقان دِپان چھی۔

۳ خوش روز عاشق عشقہٕ باغُک جان دِپان چھی۔

اَمہِ علاوٕ چھِ قدردان، مہربان، عنوان بیترِ ہوی لفظ یِمو منز کانٛہہ تہِ لفظ بطورِ قافیہ استعمال سپدِتھ ہیٚکہِ ہے۔ میانہٕ خود ساختہٕ مصرعو منز ہیٚکہٕ ہن ۱ تہٕ ۳ زیادٕ تہٕ جان پٲٹھی مضمونٕچ ترسیل کٔرِتھ تہٕ مناسبتہٕ تہِ روزہن برقرار۔ مثلاً صاحبِ ایمان ہیٚکہِ ہے بدنامس مقابلہٕ تھاونہٕ یِتھ۔ یا عشقہٕ باغک جان ہیٚکہِ ہے غنچہ لبن مقابلہٕ زیادٕ مناسب روٗزِتھ۔ لفظ ''نافرمان'' چھُ رسول میرنٛ بییس جایہِ تہِ استعمال کوٚرمُت۔

کستوٗرٕ نافہٕ تہٕ کافور ملے کافر مویو دِل جویو

نافرمانے ہا غافلے ہا ژلہٕ کوتاہ ژالہٕ یو

سٲنی نقاد ہیٚکن وٕنِتھ زِ غافلے لفظ چھُ ''مَلے'' لفظُک ہم قافیہ تہٕ یہ اُس میرس شعری مجبوری۔ تِم ہیٚکن یہ تہٕ وٕنِتھ زِ میرن چھ کستوٗرٕ، کافر

تہٕ نافرمان ہوٚو لفظ استعمال کٔرِ ہٕتی یِمن نہ کانٛہہ تعلق چھُ۔ یعنی تم ہیکن کینٛہہ تہِ وٕنِتھ یہ تِمن بُتھِ ییہِ۔ مگر سوال چھُ پیدٕ سپدان زِ گوڈنِکس شعرس منٛز (غنچہ لبن پیٹھ بدنام) اگر 'نافرمان'' قافِیچ مجبوٗری اُس، دوٛیمس شعرس منٛز اُس نہٕ یِژھ کانٛہہ مجبوری تیٚلہِ کیازِ چھُ میرن یہ لفظ استعمال کوٚرمُت۔ سُہ اگر مثلاً یِتھ ہیوٚ کانٛہہ مصرعہٕ تھاوِ ہے تِمس ییہِ ہن مزید قافیہ اَتھ تہٕ خیالٕچ ترسیل تہِ گژھِ ہے۔

۱۔ روےٚ ہاوٕژھلے ہاغافلے

۲۔ آفتاب رویو ہاغافلے

۳۔ دیدارٕ بلے ہاغافلے

دراصل چھُ یہِ رسول میرنہٕ تمہِ ذہنی تربیتُک نتیجہ تہٕ تمہِ شعری روایتُک دیُت ییمہِ کنہ ہم قافیہ تہٕ تجنیسی الفاظ گنوٚن والین تہٕ عام بوزن والین پانس کُن یکدم متوجہ اُسی کران۔ حالانکہ شعرک بجر چھُنہٕ یہِ زِ ے

از دِل خیز د بردِل ریزد۔ مگر تمہِ وقتہٕ اُسی نہٕ تشہیرٕ کی ذریعہ تہٕ نہ طباعتٕکی وسیلہٕ۔ اَوٕ موکھ اُسی عام لوکھ یِمن بٲتن پننہٕ نٔن دِلن منٛز جاے دوان تہٕ کینٛہہ پرٕ ہٕتی لوکھ اُسی بقولِ ناجی منور یِمن بیاضن منٛز درج کران۔ مگر اصل تشہیرُک ذریعہ اوس چھرا گنوٚن وول۔ سآئی تعمیم پسند نقاد تہِ ہیکی نہٕ یِمن شعرن منٛز موجود معنی چہ فراوانی تہِ یِمن ہنٛدِس سٕرٕ کچرس کُن توجہ دِتھ (تکیازِ تم چھِ پانہٕ اَمہِ نِشہِ بے خبر تہٕ تم چھنہٕ گنوٚن والین ہنٛدِ سطحہ پیٹھ

تھوٚد ہبکان وٕتھِ تھِے )۔ تمو کوٚر رسوٗرے قوت مضمونس یا لفظن ہٕندِس ظأہری سطحس پیٹھ صرف تہٕ نتیجہ دژ او ''رسول میر چھُ آہنگس منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق'' یا ''رسول میر چھُ جسم یارٕ کٮ۪ن نشیب وفرازن منز مریضانہٕ حدس تام مستغرق'' ہوٕ فتویٰ۔

رسول میرنٮ۪ن درج بالا شعرن منز بظأہر غیر ضروری یا قأفیٖچ مجبوری وول لفظ ''نافرمان'' کتھٕ کٔنۍ چھُ یمن شعرن منز کلیدی رول تھاوان، وچھتو گوڈٕ سراج اورنگ آبادی سُند یہِ شعر ؎

بنفشی جامہ مت بر میں کروائے شوخ نافرماں
مرا دِل خوف کرتا ہے بلائے آسمانی سیں

اَتھ سلسلس منز چھُ فاروقی ونان :

'' بنفشی اور نافرماں میں رعایت ہے کیوں کہ نافرماں ایک پھول بھی ہے۔ بنفشہ تو پھول ہوتا ہی ہے...... آسمان اور بنفشہ کو یک رنگ فرض کرکے کہا کہ تمہارے لباس کے رنگ پر آسمان کو حسد ہوگا اور وہ بلائیں نازل کرے گا۔[1]

سراجن چھُ ''نافرمان'' پوشہِ کہِ رعایتہٕ سان استعمال کوٚرمت تہٕ رسول میرن تہِ چھُ دوٕنوٕنی شعرن منز غنچہِ تہٕ مُشکہٕ کہ مناسبتہٕ ورتومُت۔

---

[1] شمس الرحمٰن فاروقی۔ اُردو غزل کے اہم موڑ۔ صفہٕ ۴۹

نافرمان بہ بمعنی اکہِ قسمک پوش نظرِ تل تھاۓوِتھ چھِ رسول میرن شعرن پیٹھ میانہِ نام نہاد اصلاحہ تہٕ میانۍ خود ساختہٕ مصرعہ بہ یک قلم رد گژھان۔

میرٕ سٕندِس گوڈنکِس شعرس منز چھِ غنچہٕ تہٕ نافرمان مناسبت قائم کران تہٕ ہُپاری چھےٚ نافرمان (بمعنی فرمان نہ مانن وول، خطا کار) تہٕ بد نام لفظس پانہٕ وأنی مناسبت۔ شعرک اوائیلی تہٕ معمولی معنی ہیکہِ یہِ اُستھ زِ ژِ چھُکھ (غنچہِ لب معشوقن ستی عشق کرنہٕ موکھ) عام لوکن منز بدنام مگر یہے بدنامی چھےٚ ژےٚ عاشقن منز پیور کران۔ (ویسے چھےٚ یہِ عام کتھ تہٕ اَتھ منز چھُنہٕ نوبر کانہہ۔ اگر نہٕ غنچہٕ لبن ستی عشق کرنس پیٹھ سُہ (یا متکلم) عاشقن منز پیور آسہِ تیٚلہِ کیاہ مولوِین منز آسیا؟) شعرس چھُ بیاکھ معنی نیران زِ ژِ چھُکھ غنچہِ لبن پیٹھ بدنام (اغنچہِ لب بمعنی اَکس معشوقہٕ سٕندِ بن غنچہٕ ہوِ بن وُٹھن پیٹھ تہٕ ۲ واریاہن معشوقن پیٹھ یمن ہٕندی وُٹھ چھِ غنچہ ہوی) ژےٚ پزی خوش روزُن زِ عاشق تہِ چھِ یہِ مانان زِ ژِ چھُکھ غنچن پیٹھ بدنام نہ کہ (نافرمانن) پوشن پیٹھ۔ چنانچہ غنچہٕ تہٕ پوشک فرق چھُ واضح۔

نی تو دویم شعر۔ اَتھ منز تہِ چھُ نافرمان لفظس مرکزی اہمیت۔ کستوٗری نافہٕ کافورتہٕ نافرمانس (بمعنی پوش یتھ مشک چھُ) چھےٚ مناسبت تتھ چھےٚ نہٕ زیادٕ وضاحت کرنچ ضرورت۔ تہٕ "نافرمان" بمعنی (نافرماں بردار) تہٕ کاُفرس درمیان چھےٚ رعایت تکیازِ کافر گو سُہ یُس نہٕ خدا یہ ہٕندی فرمان مانہِ۔ چونکہ قرآنس منز چھُ کاُفرن "غافلون" تہِ وننہٕ آمت

اَمہِ حسابہٕ چھےٚ کأفرتہٕ غأفل ہنٛز رعایت ٹاکارٕ۔ اَمہِ لحاظٕ چھ نافرماں، کافرتہٕ غأفل رعایتکۍ لفظ۔ گویا کہ شعرس منٛز چھُ مشکہٕ والن تہٕ کُفرٕ والین لفظن ہنٛدی زٕ سیٚٹ تہٕ ''نافرمان'' چھُ پننہِ ایہامی نوعیتہٕ موکھٕ یمن دون سیٚٹن درمیان مرکزی رابطہٕ ۔اگر یوہے لفظ نبر کڈون تتہِ چھُ باقی روزان انتشار، عدم مناسبت تہٕ بے جوڑ لفظن ہُنٛد اجتماع ۔ وُچھتو میرن کم مزید لطف چھِ اَتھ شعرس منٛز تھأوی ہتی ۔ نافہٕ تہٕ نافرمان ، کافور تہٕ کأفر لفظن درمیان چھُ رلہٕ وُن تلفظ آسنہٕ ہٕکنۍ ایہام مکتوبی ۔ ہتی چھُ ٹیپہٕ ہِکس مصرعس منٛز (ردیفس منٛز ) ہاژلہ تہٕ ژالہٕ تجنیسی لفظ تہِ موجود۔ ''ہاژلہٕ'' تہِ چھُ بذاتِ خود ایہامی لفظ۔ ہا+ژلہٕ یعنی ہٕہ ہا ژلہٕ (میں بھاگوں گا/گی، میں چلاجاؤں گا/گی) تہٕ ہاژلہٕ بہٕ معنی حیلہٕ گر، ہانژھ لاگن والہِ۔ نافہٕ چھُ خونس منٛز آسان تہٕ ہتی چھُ شعرس منٛز ''دِل جویؠ'' موجود تہٕ یتھٕ ہٕکنۍ چھےٚ بیاکھ مناسبت قایم گرٕھان تِکیازِ دِل چھُ خونک مرکز دِل جو چھِ محبوبس ونان تہٕ دل جوئی ہُنٛد معنی چھُ دِل اتھس منٛز ثیٚن۔ تسلی دِنۍ ۔ یم چھِ مرکباب تہٕ جُو (مفرد) چھُ معنی تھاوان ،نہر کول، (مثلاً آب جو) تہٕ تلاش کرن وول ، عادی (مثلاً جنگجو) ۔ یتھٕ ہٕکنۍ چھِ لفظ دِل جو یو لفظ شعرس منٛز مختلف معنی پیدٕ کرنہٕ خاطرٕ کافی۔ اگر دِل جو( بمعنی نہر کول) ہموتہٕ نافس ہتی رلاوو تیٚلہِ چھُ معنی نیران زِ ژٕ چھُکھ میأنس دِلس منٛز خون ہٕنتھ تہٕ میأنہِ (عشقہٕ) ہتی بنکھ ژٕ کستوٗری نافہٕ۔ أتھی ہتی اگر

کافورۃ کافر (تجنیسہ تہٕ ایہام مکتوبی ہُر یمانہٕ) نمو ٔیمن تہٕ چھےٚ مناسبت۔ زُلفن چھُ کافر وننہٕ آمُت ۔کافر لفظس چھِ منکر خدا آسنہٕ ہُر یمانہٕ بیٚیہٕ تہٕ کینہ معنی دشمن ،محبوب ،افریقہ کین جنگلن منز بسن وول حبشی قبیلہٕ۔ چنانچہِ حبشی چھِ کرٛہنہِ رنگکی آسان تہٕ زُلفن چھےٚ رأژٕ ستی تہِ تشبیہ دِنہٕ یوان (واللیل موئے)۔ رسوٗل میرن چھُ کافر استعمال کُرِتھ شاعرانہٕ چالاٰ کی ہُنٛد ثبوت دِیتمُت تہٕ غأفل استعمال کُرِتھ چھُن بقولِ تقی میر فند کوٚرمُت ۔چونکہ شعرس منز کافر بمعنی کرٛہُن مُجرا ینہٕ ستی چھُ کافورِچ اہمیت واضح گژھان۔ کافورُک معنی چھُ اکھ تیز خوشبودار تہٕ سفید رنگک ماد۔ یتھٕ کنٕ دِلہٕ کِس خونس نافہٕ ستی خوشبو میلہِ تتھے کنٕ میلہِ کرٛہنن زُلفن سفید کافورٕ ستی خوشبو۔ یٚیتہِ نَس چھُ میرن ایہام تضاد پیدٕ کوٚرمُت۔

کستوٗری نافس مقابلہٕ چھُ دِل جو تہٕ کافورس مقابلہٕ چھُ کافر مو تھاونہٕ آمُت یتھٕ کنٕ چھُ یہِ لف ونشر بنان۔ ییٚمہِ شعرٕ کِس لف و نشرس پیٹھ کتھ کرنہٕ بروٚنہہ وُچھو زِ لف نشر چھُ کیا۔ ابوالفیض سحؔر چھُ لیکھان۔

"لف ونشر کے معنی "لپیٹنے" اور "پھیلانے" کے ہیں۔
اصطلاح میں مطلب یہ ہے کہ پہلے چند چیزیں ایک ترتیب
سے بیان کی جائیں (اس کو لف کہتے ہیں) اس کے بعد
وہی چیزیں یا اُن کے منسوبات اُسی ترتیب یا دوسری

ترتیب سے پھر بیان کیے جائیں (اِس کو نشر کہتے ہیں)[۱]

اَمہِ پتہٕ چھ سَحر صاًب لف ونشر کس ضمنس منز سودا سُنٛد شعر تھاوان

یُس مرتب چھُ۔

ابرو[۱] نے مژہ[۲] نے نگہ[۳] یار نے یارو

بے رتبہ کیا تیغ[۱] کو خنجر[۲] کو سناں[۳] کو

تہٕ پتہٕ چھُ غیر مرتب لف ونشر سمجھاونہٕ خاطرٕ نظیر اکبر آبادی سُنٛد شعر

تھاوان۔

رُخ[۱] و جبین[۲] و مژہ[۳] نیز چشم[۴] و ابرو کو[۵]

سنان[۳] و بدر و مہ[۲] و نرگس[۴] و ہلال[۵] لکھا

رسول میرٕ سٕنٛدِس مصرعس منز تہِ چھےٚ یژھ ہُنر مندی موجود۔

کستوٗری[۱] نافہ تہٕ کافور[۲] ملے کافر[۳] مویو دِل[۱] جویو

مگر یہ چھُنہٕ لف ونشر کس زُمرس منز یوان بلکہِ چھُ یہ صنعتِ عکس

کس زمرس منز تھاوٕنس لایق۔ صنعتِ عکس گۆو Refelexion۔ آئنس

برونٛہہ کنہِ کانٛہہ چیز تھاونہٕ سٟتؠ چھُ سُہ تمیُک عکس ہاوان۔ مگر اَمِچ ترتیب

چھےٚ بدلان یعنی ۱ ۲ چھ بنان ۲ ۱۔ یعنی گوڈنیُک چیز چھُ آخرس پٮ۪ٹھ

معکوس گژھان تہٕ دۆیم چیز چھ گوڈٕ یوان۔ مثلاً میر تقی میر سُنٛد یہ شعر چھُ

---

۱۔ ابوالفیض سحر۔ صنائع معنوی مشمولہ درس بلاغت۔ ص ۵۴۔۵۵

شمس الرحمٰن فاروقی ین[1] لف ونشرس منز تھوومُت مگر مےٚ کوٚر اعتراض[2] زِ یہِ چھےٚ صنعتِ معکوس۔ شعر چھُ ۔

رووخال و زلف ہی ہیں سنبل و سبزہ وگل
آنکھیں ہوں تو یہ چمن آئینۂ نیرنگ ہے

فاروقی سُند وَنُن چھُ زِ سنبل، سبزہ تہٕ گل چھِ تم خاکہٕ یمن رنگ بھرنہٕ ستی چھےٚ اصل شکل یعنی زلفِ، خال تہٕ بُتھ نمودار گژھان۔ مگر میٲنہِ خیالہِ چھُ یہِ معکوس الترتیب تہٕ میأنس اَتھ جرأتس (یوسہٕ بہر حال کمتر انسانہٕ ہنٛز جرأت چھےٚ) چھُ شعرس منز استعمال کرنہٕ آمُت لفظ ''آئینہ'' تصدیق کران۔ یعنی۔

آئینہ

رو، خال، زلف، سنبل، سبزہ، گُل

یہِ تاویل مدِ نظر تھٲوِتھ چُھ رسول میرِ سُند شعر تہٕ اُتھی معکوس ترتیبس منز۔

آئینہ

نافہ، کافور کافرمو، دِل

یعنی خون چھُ دِلس منز تہٕ نافہٕ چھُ خونس منز تہٕ نافہٕ ملنہٕ ستی گژھِ سوٚرُے دِل تہٕ تمہِ ستی سوٚرُے جسم مشکبار۔ تِتھےٚ کٔنی چھِ زلف کرٛہنی تہٕ کافور چھُ سفید تہٕ سفید کافوٗر ستی گژھِ کرٛہُن مَس مشکبار۔

---

۱۔ فاروقی۔ شعر شور انگیز چہارم صفہٕ ۳۹۹ ۔۲۔ شب خون۔

یژھ نظمہٕ (ترتیبہٕ یا Constructions) چھےٚ رسول میرنہٕ شاعری منز جایہِ جایہِ نظرِ گژھان خصوصاً چھ زلفکۍ تہٕ کفرٕکی سلسلہٕ میرن واریاہن جاین بنأوی ٕمتۍ تہٕ باسان چھُ زِیہِ چھُ میرِ سُند محبوب تہٕ مرغوب مشغلہٕ ۔ نی تو امی غزلہِ ہُند بیاکھ شعر۔

زلفِ زنّار چھُ سلسلے بے شک کافر عشقم من
دیوانہٕ گرتھس ہا پاک شلے ہا ژلہٕ کوتاہ ژالہٕ یو

۱۔ زلفس تہٕ زُنّارس منز چھ تشبیہُک رِشتہٕ
۲۔ زنّارس تہٕ کافرس درمیان چھُ مناسبتک تعلق۔
۳۔ کافر وَنوتَس یس نہٕ خدایس پێٹھ ایمان آسہِ ۔ یس ایمان آسہِ سُہ گو مومن تہٕ مومن چھُنہٕ شک کران (یومنون بالغیب) ۔اَمہِ لحاظہٕ چھےٚ کافر تہٕ بے شک لفظن درمیان مناسبت ۔
۴۔ اسلامُچ بنیاد چھےٚ صوفیو ٕکنۍ عشقس پێٹھ (اقبالہٕ سٕندِ فلسفُچ بنیاد تہٕ سانہِ عربی، فارسی اُردو تہٕ کأشرِ شأعری ہنٛز عمارت چھےٚ أتھی پێٹھ کھڑا) اَمہِ لحاظہٕ چھُ بے شک تہٕ عشق پانہٕ وأنۍ رعایتُک تعلق تھاوان۔ (ویسے تہِ یتھ منز شک آسہِ سُہ چھُنہٕ عشق بلکہِ ہوس)۔
۵۔صوفیانہٕ تصورٕ مطأبق چھِ عشقکۍ وار یاہ سلسلہٕ (اویسی ،قادری، سہروردی وغیرٕ) یتھ ٕکنۍ چھِ سلسلہٕ تہٕ عشق مناسبت قائم کران۔
۶۔ سلسلہٕ چھِ زنجیرٕ تہٕ آسان بلکہِ چھےٚ زنجیر سلسلن (سلاسل)

پیٚٹھی مشتمل آسان۔ گویا کہ زنجیر تہٕ سلسلہٕ چھ رعایتکی لفظ۔

۷ زنجیر چھےٚ دیوانس کرنہٕ یوان۔ اَمہِ لحاظٕ چھہِ زنجیرٕ تہٕ دیوانہٕ مناسبت بناوان۔

۸ عاشق (مذہب عشقس پیٹھ پکن وٲلی سُند دِل چھُ پاک آسان ستی چھُ عاشق دیوانہٕ آسان۔ شِل لفظُک اکھ معنی چھُ وانج، دِل۔ تہٕ عشق چھُ دِلس منٛز آسان۔ یِتھہٕ کنٛی چھہِ دیوانہ تہٕ پاک شِل رعایت قائم کران۔

۹ شعرس منٛز چھُ لفظ من (فارسی) بہ معنی بہٕ مگر کأشرس تہٕ اُردو/ ہندی لیس منٛز چھہِ دِلس من تہِ ونان۔ یہ لفظ چھ شعرس منٛز موجود 'دل' لفظس ستی رعایتُک التباس پید کران۔

۱۰ ''شل'' لفظُک معنی چھہِ کُنٛی بہأ ترٕ تہٕ وَٹھ تہِ۔ کأشرٕ ڈکشنری منٛز چھُ اَتھ شلا تہِ لیکھنہٕ آمُت تہٕ سندِ خاطرٕ چھُ لل دیدِ ہُند مصرعہٕ دِنہٕ آمُت۔

سوے شلا چھےٚ پٹس تہٕ پیٹھس

غلام نبی آتشؔ[1] صأبنہِ مطابق چھُ صحیح لفظ شیل تہٕ اَمہِ کِس تائیدس منٛز چھہِ تم لل دیدِ ہُند پورٕ ٹھ پیش کران۔

یوٗسے شیل چھےٚ پیٹھس تہٕ پٹس

سوے شیل چھےٚ پرٛبتھ وٗن دیش

---

۱ آتش صأبن کُر اَتھ سلسلس منٛز مے ستی فونس پیٹھ کتھ۔

سوے شیل چھے شوبہٕ وٕنس گرٛتس
شِو چھے کریوٗٹھ تہٕ ژین وو پدیش

اَمہِ لحاظہِ چھُ باسان زِشل چھ شِلا یا شیل لفظو منز دژ امُت تہٕ شوس ستیٚ انسلاک آسنہٕ کنہٕ گے یہِ مورتی (کنٛی ، وٹھ)۔ یتھہٕ کنی چھُ یہ لفظ ''شل'' مجرد اَستھ کفرس ستیٚ تہٕ مرکب (پاک شل) بٕنتھ اسلامس ستیٚ رعایت قائم کران۔ شل بمعنی مورتی تہٕ شِل بمعنی دِل چھُ یہ ایہام پید کران۔

اا شِل اگر مورتی فرض کرو تہٕ پاک شل مانو دِل صفا یتھ منز خدا بسان چھُ تیلہِ چھُ یہِ ایہام تضاد و تناسب بناوان تہٕ یتھہٕ کنٛی چھِ کفر و ایمانکی سرحد مِٹان۔

معنی ژھانڈن وألی ژھانڈن یتھن شعرن تتھے کنٛی معنی یتھہٕ کنٛی تم لڑی شاہ ہندٕ بن شعرن معنی کڈان چھِ یا یتھہٕ کنٛی تم مثلاً ''پیار کیا تو ڈرنا کیا'' ہوِبن فلمی بأتن معنی کڈن۔ تمن شعرن کیاہ معنی ییہِ کڈنہٕ یمن ہنٛد بن لفظن منز معنیک سیلاب آسہِ۔ کُس معنی نمو تہٕ کُس تراوو؟ أکی ہے شعرس چھِ وار یاہ معنی نیران یم گِہے اَکھ أکس متضاد تہٕ مخالف تہِ چھِ۔
رسوٗل میرن درج بالا شعر چھُ بظاہر روایتی مضمونک شعر یتھ منز معشوقہٕ ہنٛزن زُلفن زنار چھُ ونہٕ آمُت تہٕ اَمی زنارچہِ زنجیر منز چھُ عاشق قید۔ مگر اَمہِ کیٚن لفظن درمیان یم مناسبتہٕ تہٕ رعایتہٕ استعمال چھے گمٕژ تمن کُن وُچھِتھ چھُ یہِ مصرعہٕ صادق یوان۔

چو کفر از کعبہ بر خیزد کجا ماند مسلمانی

رسول میرٕنی شاعری پُرتھ چھُنہٕ یتھ نتیجس پیٹھ واتن کینٛہہ مُشکل زِ رسول میر اوس نہٕ مضمونٛس تیوت لور یوت سُہ معنیس فریفتہٕ اوس۔ تَس اُس فارسی/اُردو شعری روایتس پیٹھ نظر۔ تمیٚ اوس یہ محسوس کوٚرمُت زِ زبانٛی ہٕندی امکانات تلاش کٔری تھٕے ہیٚکن تمِ لسانٛی پیکر بارسس یتھ یِم معنی آفرینی منٛز اہم رول ادا کٔرِتھ ہیٚکن۔ تمٕہٕنٛزِ شاعری منٛز چھےٚ ایہامکو سأری قسم نظرِ گژھان خصوصاً ایہام تضادس پیٹھ چھُ تس مکمل دسترس۔ یتھٕ کنۍ ہیٚر مَس شعرٕ کس الٰہس منٛز وُچھنہٕ آو۔

یتھےٚ ہیوٚ ایہام تضادُک شعر چھُ۔

لب تشنہٕ چھبس در باغ بہتھ آب روانو

مےٚ جویہ اَشہِ کے آبہٕ بریمٚ چانہِ لولرے

لب، تشنہ، آب، جوےٚ چھےٚ تتھٕ مناسبتہٕ یمٚ پرن وألِس فوری طور پانس کُن متوجہ کران چھےٚ۔ آبِ روان چھےٚ بہر حال ترکیب تہٕ یہِ چھےٚ ترکیبہٕ ہٕنٛزِ ے شکلہِ منٛز بروٚنٛہہ کُن یوان۔ مگر آب تہٕ جویہ (جو) زٕ لفظ چھِ دوٚن مصرعن منٛز تہٕ یِم چھِ رٔلِتھ ضلع بناونس منٛز کامیاب گژھان۔ مگر شعرس منٛز موجود ایہام تضاد (طباق) چھُ وُچھنس لایق۔ شعرس پیٹھ کتھ کرنہٕ بروٚنٛہہ چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ تضاد چھُ قولِ محالہٕ ہتۍ تہٕ پیدٕ گژھان۔ مثلاً اُردو میرٕ سُند یہ شعر۔

باوٗ کے گھوڑے پہ تھے اُس باغ کے ساکن سوار

اب کہاں فرہادو شریں خسروِ گلگوں کہاں

شعرس منز چھُ یہِ بظاہر دنیاہ چہِ بےٚ ثباتی ہُند مضمون۔ باغ اگر دُنیا فرض کرو ساکن چھِ یتِکۍ لُوکھ ''باوٗ کے گھوڑے پہ سوار'' چھِ محاورٕ تہٕ معنی چھُ جلدی منز آسُن۔ ساکن گویُس ٹھہرتھ آسہِ تہٕ سوار گویُس کُنہِ سوارِ پیٹھ (مثلاً گُرِس پیٹھ) سوار اُستھ پکان آسہِ۔ یعنی یُس نہٕ ٹھٕہرِتھ آسہِ۔ پتہٕ یِیلہِ جلدی منز آسہِ تیٚلہِ چھےٚ سوار لفظچ شدّت بروٚنہہ کُن یوان۔ دُنیا کین لوکن ساکن تہٕ سوار (ٹھٕہرِتھ تہٕ پکان) وَنن چھُ قولِ محال۔ وُچھتو ووٚنی رسول میرن شعر۔ اَتھ منز چھِ ہِتھ تہٕ رواں لفظ استعمال آمتۍ کرنہٕ۔ مگر یہِ چھُنہٕ قولِ محال کِس زمرس منز یوان تکیازِ۔ قولِ محالس منز چھُ زِ متضاد صفت اُکۍ ہے جایہِ جمع یوان کرنہٕ یوان یمن منز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اشتراک چھُ آسان۔ مثلاً

دہکا ہوا ہے آتشِ گل سے چمن تمام

آتش (نار) تہٕ گل (پوش) چھِ زٕ مختلف چیز مگر یمن ہنٛز ووٚزُج رنگت چھےٚ یمن منز باہمی اشتراک پیدٕ کران۔ رسول میرنس شعرس منز چھُ ہِتھ تہٕ رواں موجود مگر یِم چھِ دوٚن الگ الگ کردارن سٟتۍ تعلق تھاوان۔ یعنی متکلم چھُ ہِتھ تہٕ معشوق چھُ رواں۔ حالانکہِ رواں چھُ سرٕوکس صِفتس منز موجود تہٕ سرو چھُ اُکِس جایہِ ٹھٕہرِتھ مگر ساٗنی شعری

سماجن چھُ سرو رواں معشوقہٕ ہِندِ استعارٕ رٕنگی قبول کوٚرمُت۔ اَمہِ لحاظہٕ چھنہٕ میرٕ ہِندِس شعرس منز قولِ محال بلکہِ چھُ ایہام تضاد موجود۔ یتھٕ کٔنی اُردو میرٕ ہِندِس یتھ شعرس منز چھُ۔

پاس مجھ کو بھی نہیں ہے میرا اب
دور پہنچی ہیں مری رسوائیاں

ییٚتہِ نَس چھُ ''پاس'' تہٕ ''دور'' کہ مناسبتہٕ ستی ایہام پیدٕ کرنہٕ آمُت۔ یتھٕ کٔنی رسول میرٕ ہِندِس شعرس منز بہتھ تہٕ رواں لفظو ستی اَمہِ قسمُک ایہام پیدٕ چھُ گومُت۔ رسول میرن بیٚاکھ شعر چھُ۔

چھُم خفہٕ لارے پتہٕ لایے برونٹھٕ نالس تھچھ
دامانہٕ رٹے محشرے بال مرأیو

ییٚتہِ نَس چھُ ''پتہٕ'' تہٕ ''برونٹھ'' لفظ استعمال کٔرتھ ایہام تضاد پیدٕ کرنہٕ آمُت۔ پتہٕ برونٹھ چھِ ضلع تہِ بناوان۔ ''نال'' تہٕ ''دامان'' چھُ مناسبتکی لفظ۔ تتھے کٔنی چھُ نالس تھچھ لاینٕ محاورٕ تہٕ یہ چھُ یوسفؑ تہٕ زلیخا تلمیح کُن ذہن پھران۔ وُچھتو ووٚنی خفہٕ تہٕ محشر لفظ یم بہ ظاہر بے جوڑ چھِ، کتھٕ کٔنی چھِ رعایت بناوان تہٕ شعرس منز اکہِ بھرپور ہنگامچ کیفیت ووتلاوان۔

خفہٕ چھُ خفقان (خَفقان تہِ چھُ لیکھنہٕ یوان) دادیُک مخفف (ژھوٚٹ شکل)۔ اَتھ تکلیفس منز چھےٚ دِلچ دُبہٕ رائے تیز گژھان۔ اَمہِ

علاوٕ چھُ اَمکی معنی جنون، سودا، گھراہٹ۔ یمو منٛز شعرٕ کہِ اوائیلی معنی خاطرٕ جنون/ سودا مفید مطلب چھُ۔ معنی چھُ نیران زِمےٚ چھُ جنون/سودا تہٕ مجنون یا سودائی (دیوانہ) چھُ لۄکن پتہٕ لاران تہٕ یہ تہِ لارے پتہٕ تہٕ ژھنے نالس تھپھ (یہِ چھےٚ دھمکی)۔ووٚنی اگرنہٕ اَمہِ ستی تہِ راغب گوکھ تیٚلہِ رٹے محشرس منٛز دامانہٕ (یہ چھُ زارٕ پارٕ) تہٕ پھرِتھ پانس کُن۔ گویا کہ شعرس منٛز چھےٚ دھمکی تہٕ زارٕ پارٕچ آمیزش۔ چنانچہٕ حقیقی معنی چھُ جنون/سوداتہٕ اَتھ چھےٚ محشرس ستی رعایت تکیا زِ دوشوٕنی حالتن منٛز چھُ شوروشر۔ بقولِ میر تقی میر

حشر کو زیر و زبر ہوگا جہاں سچ ہے ولے
ہے قیامت شیخ جی اس کارگہ کی برہمی

جنون چھُ اَندریم تہٕ محشر چھُ نبر یُم۔ یتھٕ کنٕ ہیکو وٕنتھ زِ متکلم کرِ پننہِ جنونہٕ کہ شورٕ ستی محشرک شور برپا۔جنون چھُ تقاضہٕ کران زِ نالس دیہِ تھپھ مگر محشرک تقاضہِ چھُ زارٕ پار (محشرس منٛز کرن ساٗری خدایس زارٕ پار) ستی چھُ بیاکھ نکتہٕ تہِ قابلِ دید۔ چنانچہ جنونہٕ کِس حالتس منٛز چھےٚ نہٕ دیوانس رٕتہِ تہِ خرانچ خبر آسان مگر متکلم چھُ شعرس منٛز معشوقس راغب کرنہٕ خاطرٕ پتہٕ لاران تہٕ نالس تھپھ دِوان۔ منطقی لحاظہٕ گوٚ ژھ سُہ تَس نالس پتہٕ کنی تھپھ دیُن۔ مگر سُہ چھُ بروٚنٹھ تھپھ لایان۔ یتھٕ کنٕ گوٚ ڈٕ اشارٕ کرنہٕ آو زِ یہِ چھےٚ تلمیح مگر نالس پتہٕ تھپھ دِنی چھُ ہوس تہٕ بروٚنٹھ

نال رٹن چھُ دعوائے عشق۔

چنانچہ اُردو دنیاہس منز میوٗل کلاسیکی دورٕ تہٕ نادرہ گوئی (خصوصاً ایہامہ) پتہٕ کلامس منز شستہ تہٕ صاف طرزِ بیانس رواج تہٕ کلاسیکی شاعری ہنٛدین وصفن آوٗ تصنعّ تہٕ تکلّف وُنتھ یمن ہُند چلن نہ صرف ترک کرنہٕ بلکہِ آوٗ یہِ طرز قابلِ نفرین مانَنہٕ۔ دراصل اوس یہ حاؔلی ہٕنٛدِ تنقیدُک نتیجہ یُس زیادٕ پہن مغربی اصولن پیٹھ استوار اوس۔ حالانکہِ مغربس منز تہٕ چھِ pun, ambigiuty تہٕ Aletration ہشہِ اصطلاحہٕ یِیمہِ کتھِ ہُند ثبوت زِ یم چیز چھِ تتھ سماجس منز تہِ مستحسن مانَنہٕ یوان۔ چنانچہ حاؔلی ین وُون زِ سادگی، صفائی تہٕ جوش چھُ کلامُک صفت۔ تہٕ اکہِ وقتہٕ گو یہِ طرزِ تنقیدی یوت نہٕ بلکہِ پہٕ طرزِ بیان تہِ کاشُرس منز رائج۔ خاص کرِتھ دیُت اتھ طرزس ترقی پسندی رواج۔ اَمہِ ستی آے شاعری خیالن ہٕنٛز ترسیل مانَنہٕ تہِ اَمہِ نِشہِ تبلیغ تہٕ پرور پگنڈاہچ کام ہینہٕ۔ سانیو نقادو کوٚر بیا کھ ظلم۔ تِموکر کاشُر شاعری دون حصن منز تقسیم ۔یعنی صوفی شاعری تہٕ لولہٕ شاعری۔ یعنی تنقیدُک سورُے زور گو موضوعس پیٹھ صرف تہٕ شاعری آیہِ نظر انداز کرنہٕ۔ معنی آفرینی، شاعرانہ چالاٗکی (Poetic wit)، نازک خیالی تہٕ خیال بندی ہشہِ اصطلاحہ آیہِ نظر انداز کرنہٕ۔ رسول میرنہِ شاعری منز تہِ چھےٚ یم سازی شاعرانہ ہُنر مند یہِ نظر گژھان۔ مگر اَتھ کیاہ ونو زِ سانیو نقادو دیُت نہٕ میرس نارِ پستان تہٕ روپہٕ قُبو نبر نیرنے۔ زیادٕ

کھوتہٕ زیادٕ وٚنکھ زِٹمُی چھُ پنہٕ نِمن اشکبارٕ اُچھن ''جنّت تجری تھتھا الانھار '' آیہ کریمس ستیٚ تشبیہ دِژٕمٕژ۔ اگر یہِ ونہٕ ییہِ زِ رسول میر چھُ کوتاہ بینی ہُنٛد شکار تہٕ آسہِ شاید بجا۔تھنٛزٕ شاعرانہٕ چالاکی (Poetry of wit) کُن آونہٕ توجہ دِنہٕ ییمہِ ستیٚ بظاہر سپاٹ تہٕ یک رنگ شعر چھُ غورٕ پتہٕ پیچیدہ تہٕ معنی یاب باسان ییمہِ ستیٚ نٔوی نٔوی انکشاف گژھان چھِ تہٕ پرن وول چھُ نٔوی نٔوی لطف حاصل کران۔ مثلاً غالبہ سُنٛد یہ شعر۔

کوئی ویرانی سی ویرانی ہے
دشت کو دیکھ کے گھر یاد آیا

سرسری قرأتہ ستیٚ چھُ باسان زِ شاعرن چھےٚ دشتہٕ چہِ ویرانی تہٕ پننہِ گھرِ چہِ ویرأنی منٛز مشابہتھ بدِ کڈٕمٕژ۔ تِس چھُ دشتس منٛز وأتِتھ گرٕ یاد پیوان تکیازِ تتہِ تہِ چھےٚ یژٕھے ویرأنی۔ (اکثر چھُ دۆیو مماثل چیزو منٛز اکھ وُچھِتھ تمیُک دٔویم مماثل یاد پیوان)۔ ہنا غور کرنہٕ پتہٕ چھُ باسان زِ شاعر سُنٛد مطلب چھُ گھرس تہٕ دشتس منٛز فرق ظاہر کرُن۔ مثلاً دشتٕچ ویرأنی وُچھِتھ چھےٚ گھرچہِ سہولیتہٕ تہٕ سرگرمیہ یاد پیوان۔ اَمہِ لحاظہٕ اگر اُسی دشت عشق فرض کرو تہٕ گھرٕ کرو فرض تمام دنیاوی زندگی تیٚلہِ چھُ دوٚیم معنی زیادٕ قرین باسان۔ یتھٕ کٕنی چھُ اکی شعرٕ منٛزٕ متضاد معنی تہِ برآمد ہیٚکان گژھتھ۔ گویا کہ صرف اکھ ایہامی لفظ چھُ معنی آفرینی پیدٕ کرنُک ابتدأیی ذریعہٕ تہٕ امیُک معراج چھُ ییٚلہِ لفظن ہنٛز ترتیبہٕ ستیٚ شعرس منٛز ابہام پیدٕ

گژھِ۔ یژھ شاعری چھےٚ چالاک ہنٛز شاعری تہٕ یہ چھےٚ عام قارِیس دھوکہٕ دِنس منٛز کامیاب گژھان۔

ییٚلہِ ایہام تہٕ ابہامہ بدلہٕ شُستہٕ تہٕ سہل طرزِ بیانس رواج میوٗل تمہِ ستی گوٚو سہل پسند تنقیدُک چلن تہِ شروع۔ نتیجہ دراو زِ نقادلگی معنی بدلہٕ مضمونس تہٕ موضوعس کن توجہ دِنہٕ۔ اَمہِ قسمہٕ کہِ تنقیدُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ نقصان اوس یہ زِ شاعر تہٕ تہنٛز شاعری آیہِ صوفی، غیر صوفی، رومانی، ترقی پسند تہٕ جدید ہوٚبن خانن منٛز تھاونہٕ۔ مثلاً میأنی أکی دوستن گٔر محمود گأمی سنٛزِ أکس غزلِہ صوفیانہٕ تعبیر ریڈیو کشمیرٕکس أکس پروگرامس منٛز تہٕ واتہٕ نأون یہ عشقِ حقیقی کِس أنتھس پیٹھ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر مےٚ أمِس فون تہٕ جتہٕ کران ووٚنمس زِ یہ چھُ نہٕ محمود گامی سُند بلکہِ رسول میرنٛ کلامہٕ۔ تمۍ ووٚن تیٚلہِ نیرِ اتھ رومأنی تہٕ تعشوقہٕ معنی۔ گویا کہ سأنی نقاد چھنہٕ متنس بلکہِ چھِ تم شأعرس تشریح کران۔ مثلاً رحمٰن ڈار سُند شش رنگ یُس سأنی نقاد تہٕ تہندس تقلیدس منٛز مےٚ ہوی ہیچمد ان صوفی شأعری ہُند ڈبکہٕ ٹکہٕ مانان چھِ، تتھ منٛز چھُ یہ رنگ تہِ۔

دپہ ہس تنہٕ مژر جامن تے تتھ چھُم نہٕ روےٚ سمن

خدانخواستہٕ یگاہ زن کرِ کانٛہہ محقق یہ ثابت زِ یہ چھُ رسول میرن مصرعہ پتہٕ کیاہ وَنن سأنی نقاد تہٕ سأنی تعبیر نگار کُس بُتھ دِن؟ دراصل چھےٚ کتھ سوے ییٚمہِ ستی ییٚمہِ مقالُک آغاز سپُد زِ متنہٕ منٛز ہیکن خبر کاتیاہ معنی

نیرتھ تہٕ یِم ہیٚکن اَکھأ اَکس ژٕٹتھ تہِ تہٕ اکھأ اَکس پشت پناہی تہِ کٕرِتھ۔
معنی بدلہ موضوعس کُن سورٕے توجہ دیُن (مےٚ کوٚر لفظ سورٕے
استعمال) چھُ سُہ موڑ ییٚتہِ شعروجہ سرور تہٕ ذہنی بالیدگی بدلہٕ Commodity
بنیو۔ اَمی افادیت پرستی کنی آیہِ شاعری منز تہٕ یک رنگی تہٕ تنقیدس منز تہِ۔
میون مقصد چھُنہٕ یہِ زِ موضوعس چھےٚ نہ کانٛہہ اہمیت۔ بہٕ چھُس مضمونہٕ چہِ
اولیتُک قائل مگر یمہِ مضمونہٕ کیوٚ لفظو ستی معنی آفرینی تہٕ لسان
Structural entities وجودس منز ین نہٕ سُہ چھُ ناقص۔ مضمون تہٕ
ترتیب الفاظ کس سلسلس منز چھ غالبہ سُند شعر سانہِ شعر یاتک آئینہٕ۔
یتھ منز عشق، مضمون، رومانیت، بالیدگی تہٕ سأنی رسومیات اکھ اکس ستی
آمیز چھِ گامتی۔

اسد اٹھنا قیامت قامتوں کا وقتِ آرائش
لباسِ نظم میں بالیدنِ مضمونِ عالی ہے

اُردو شاعری منز چھےٚ اُستاد تہٕ شاگرد سنز روایت ہتہٕ بدٕہو ؤریو
پیٹھٕ موجود۔ سوال چھُ پیدٕ سپدان زِ اُستاد کیاہ اوس ہیٚچھناوان تہٕ شاگرد کیا
اوس ہیٚچھان۔ اَسہِ چھُ ننان زِ اُستاد اوس شاگرد سُند مضموٗن بروٚنٛہہ کنہِ
تھاوِتھ وُچھان زِ اَمہِ خاطرِ کم لفظ چھِ ضروری تہٕ یمن ہنز ترتیب کتھٕ کنی
روز موزون۔ مثلاً قدر بلگرامی ہندِس شعرس پیٹھ دِژ مرزا غالبن اصلاح۔
شعر اوس۔

لا کے دنیامیں ہمیں زہرِ فنا دیتے ہو

ہائے اِس بھول بھلیاں میں دغا دیتے ہو

غالبؔ صابٔن کۆر ردیف ''دیتے ہو'' بدلہٕ ''دیتے ہیں'' تہٕ لیۆکھُن زِ ووٚنی چھُ خطاب معشوقن کُن تہِ قضا وقدرس کُن تہِ۔ تہٕ تتھے ءکنۍ چھُ غالبؔ مصحفیؔ ءسنٛدِ شعرک حوالہٕ دِوان۔ شعر چھُ۔

یاد گارِ زمانہ ہیں ہم لوگ

یاد رکھنا فسانہ ہیں ہم لوگ

تہٕ لیکھان ''یاد رکھنا'' ''فسانہ'' کے واسطے کتنا مناسب ہے۔[1]

میر تقی میرن چھےٚ پننہٕ نِس تذکرس منٛز واریاہن شاعرن ہٕنٛدِ بن شعرن متعلق پٔنٕنۍ رائے دِژٕمٕژ۔ مثلاً غلام مصطفیٰ یک رنگ سنٛد شعر۔

سچ کہے جو کوئی سو مارا جائے

راستی ہے گی دار کی صورت

میر چھُ لیکھان ''سچ'' کے بجائے ''حق'' بہتر تھا کہ مناسبت کے لئے صحیح بیٹھتا ہے۔ اتھ سلسلس منٛز چھُ فاروقی لیکھان۔

''دار کے لئے حق زیادہ مناسب ہے کیونکہ حضرت منصور انا الحق کہتے تھے۔ لفظ حق کے ذریعہ معنوی توسیع بھی ہو رہی ہے کہ ''حق'' میں ''سچ'' کے معنی بھی شامل ہیں اور حق اسمائے

---

[1] میر سنٛد شعر چھُ۔ شہمارٕ دٕ زُلفو نال وٕولُم رٕو دا فسانے ووٚنی ونتہٕ کم افسون پرے بال مرایو

الٰہی بھی ہے۔ لہٰذا ایک اور معنی یہ نکلتے ہیں کہ جو اللہ کا نام لے گا وہ مارا جائے گا۔[1]

یتھ ٲنِز ہیکو وٕنتھ زِ کلاسیکی شاعرن نِشہِ أس مناسب لفظ تہٕ لفظن ہٕنز مناسب نشست و برخاست اہمیت تھاوان۔ تمی ستی چھےٚ أکِس مضموٗنس منز نزاکت تہٕ پیدٕ گژھان تہٕ معنی ییچ کثرت تہٕ بارسس یوان۔ مثلاً حافظ سُند شعر (یتھ ملک صأبن بھرپور استعارٕ وٚون) کتھٕ ٲنِز چھُ مُناسبتو تہٕ ایہامہٕ ستی معنی آفرین بنان تہٕ وُچھ اَسہِ برونٛہمِن صفحن منز۔

کأشرس تنقیدس منز تہٕ چھُ ٹینگ صأب لفظن ہٕندِ ہن انسلاکاتن غورٕ سان سنان یمیُک مشاہدہ اَسہِ عشقنہِ واوٕ ہیوٚت نم نار۔ شعرس منز ہیرِ میمن سطرن منز کوٚر۔ اَتھ سلسلس منز چھُ ناجی منوٚر زٕ قدم برونٛہہ پوٚکمُت۔ کلیات رسول میر (مرتبہ شاؔد) کتابہِ پیٹھ کتھ کران چھُ ناجی صأب اَتھ منز درج کرنہٕ آمُت اکھ شعر لیکھان تہٕ پتہٕ چھُ کلیاتِ رسول میر (ٹینگ) کتابہِ منز بدل طریقہٕ درج کرنہٕ آمُت یوٚہے شعر برونٛہہ کنہِ تھاوان تہٕ مناسبت نظرِ تل تھأوِتھ چھُ ٹینگ سُند درج کوٚرمُت شعر صحیح قرار دِوان۔ ناجی صأب چھُ لیکھان۔

---

[1] فاروقی۔ شعر شور انگیز۔

پرون کلیات (مرتبہ ٹینگ)

مےٚ ووندٕ دوٗدم پڑاران وندٕ ہے
پوگل تہٕ پرستان
بہاری ژھانڈتھ پہارٕ دینگی
کوٗنگی ہاوتے پان

نوٚو کلیات (مرتبہ شاؔد)

مےٚ ووندٕ دوٚدم پڑاران وندٕ ہے
پوگل تہٕ پرستان
بہ ہأری ژھانڈتھ پہاڑ ڈینگی
کوٗنگی ہاوتے پان

وندٕ کہِ مناسبتہٕ گژھِہ دوٚیمس مصرس (مصرعس) منز بہار آسن نہٕ ہأری۔ ہارِ ستی گوٚ ژھ تیلہِ طوطہٕ آسن"[1]

اَمہِ بروٗنہہ چھُ ناجی صأب لیکھان۔

"اگر اَسہِ نِشہِ کانٛہہ امی پایُک رسُل میرنہِ لیکھتیُک بأتھ
اَنہِ أسی مانوٗسہٕ أچھ مُچھ ٹُوتھ زِ کتھ چھےٚ پزٕ"[2]

چونکہ تنقیدس منز چھےٚ نہٕ أچھ مُچھ ٹُوتھ کُنہِ چیزس پژھ کرنہٕ یوان البتہٕ ناجی صأبُن یہ وَنُن زِ اگر کلامہٕ اَمہِ پایُک آسہِ چھُ اَتھ کتھ کُن واضح

---

[1] ناجی منوٓر۔ کلام رسُل میر۔ مشمولہ "مراز" شمارہ ۴۔ وری ۲۰۰۶ء ص ۲۶-۲۵۔ [2] ایضاً ص ۲۲

اشارٕ کران زِ رسول میرنٛ کلامہٕ چھُ أکِس مربوط رسومیالتس ستی واٹھ تھأوتھ تہٕ مناسبتک حوالہٕ دِتھ چھُ ناجی صأبن یتھ کتھِ ستی اتفاق کۆرمُت زِ رسول میر نہٕ شأعری منٛز چھِ الفاظ اکھ أکی سٕندِ خأطرٕ وَتھ ہموار کران۔ أتھی تناظرس منٛز نموأسی رسول میرُن بیٛاکھ شعر:

لوبہٕ وُن شۆبان قدِ شمشاد
ختہٕ چانہٕ سپدان بند آزاد
ژھایہ سنٛبلن چھی جافری یے لو
سوندریے ہا سوندریے لو

شمشاد، سنٛبل ، جافری (گُلِ جعفر) چھ پانہٕ وأنی مناسبت تھاوان زِ یم چھِ باغس ستی تعلق تھاون وألی چیز۔ امہِ لحاظہٕ چھُ محبوب سراپا باغ تہٕ تہٕنٛد جسم چھُ یمن عنصرن پیٹھ مشتمل۔ امہِ حسابہٕ چھُ یہ معمولی تشبیہُک شعر باسان۔ ستی چھُ ختہٕ ، بندٕ تہٕ آزاد استعمال کٔرتھ مناسبتن ہُنٛد بیٛاکھ سیٹ (Set) ورتومُت۔ یمن منٛز تہِ چھُ باسان زِ ختہٕ تہٕ بندٕ چھِ قافیچ ضرورت پورٕ کرنہٕ خأطرٕ استعمال سپدی متی۔ مگر آزاد چھِ سروس تہٕ ونان یتھِ کٔنی ناظم صأبنس شعرس منٛز اَسہِ وُچھ۔

طوبےٰ قدٕ نے سروِ آزادن ،شوب أنی عالمس نۆن ییٚلہِ دژاو
لوبہٕ ستی بندگی کٔر شمشادن، یا نبیؐ گوش فریادن تھاو

ناظم سٕندِس شعرس منٛز چھِ سروِ آزادٕنی تشبیہ یتھ شمشادس تہٕ پتہٕ

قدسؔ ستؠ بیٛا کھ تشبیہ دِنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یتھٕ کٔنؠ چھےٚ یہِ تشبیہ درتشبیہ بنان۔ مگر میرٕ ہندِس شعرس منٛز چھےٚ سوٗ ئے شاعرانہ چالاکی استعمال کرنہٕ آمٕژ یوسہٕ پرِن وٲلِس فند چھےٚ کران۔ سرٕو لفظ بدلہٕ آزاد استعمال کرُن پتہٕ یہِ سرٕوِ کِس معنیس منٛز نیُن تہٕ اَخرس باغہٕ کِس عناصرن اَتھ ستؠ مناسبت قائم کرٕنؠ چھُ اَمہِ چالاکی ہُند ابتداء۔ بندٕ تہٕ خندٕ بناوِتھ چھُ یہِ ابتعارٕ معکوس بناونہٕ آمُت۔ بند چھُ غنچہِ آسان تہٕ تہند پھولُن چھُ دراصل تہنٛد خندٕ (مسکراہٹ۔ یتھ منٛز دنیاہچہِ بے ثبٲتی پیٹھ طنز چھُ آسان۔)۔

کہا ہم نے گل کو ہے کتنا ثبات
کلی نے یہ سُن کر تبسم کیا

غنچہ کہ خندٕ ستؠ چھُ سُہ پھولان تہٕ ووٗنؠ چھُنہٕ سُہ بندٕ بلکہِ یلہٕ بمعنی آزاد۔ وارٕ اگر وُچھو تہٕ غنچہ سُنٛد خندٕ چھُ تہنٛزِ آزٲدی پیٹھ ( زِ یہِ آزٲدی یعنی پھولُن چھُ تہنٛدِ فنا گژھنُک اشارٕ ) مگر یٖتہِ نِس چھُنہٕ غنچہ بلکہ معشوق خندٕ کران۔ چنانچہ لوب گئے خواہش تہٕ باغٕکی پوٗش چھِ یا سُہ جسم تیمِکی یم استعارٕ چھِ، چھِ دلس منٛز خواہش پیدٕ کران مگر معشوقہٕ سُنٛد خندٕ چھُ نہ صرف دنیاہچہِ بےٚ ثبٲتی کُن اشارٕ بلکہِ چھُ یہِ جسمہٕ کِس نشیب وفرازن تہِ کمتر درجہ دِوان۔ یتھٕ کٔنؠ گوڈٕ تہٕ وَننہٕ آو زِ اگر ناظم صأبنِس شعرس منٛز بندٕ تہٕ آزاد منٛزٕ اکھ لفظ کم کرو سُہ بنہِ وٗسی پایہِ۔ تِتھے کٔنؠ اگر رسول میرنِس شعرس منٛز بند تہٕ آزاد آسنہٕ باوجود خندٕ کم کرو سُہ بنہِ نہ صرف بے ربط بلکہِ روزِ تی

یتھ سأنِی عالم تشریح کران چھ۔ دراصل چھُ یہ تمہِ ایہامِ تضادُک نتیجہ یِیمہِ کہِ ذریعہِ مناسبتہٕ تہِ چھےٚ بنان تہٕ معنیس منز اضافہٕ تہِ سپدان۔ وُ چھتو أتھی ایہامِ تضادس پیٹھ مشتمل میر سُنٛد یہ شعر۔

چھے یوسفن انہار اگر بوزِ زلیخا
ثٔنی نیرِ دربازار لچھ پردٕ ژٹے لو

''ثٔنی'' تہٕ ''پردٕ'' لفظن منز چھُ ایہام تضادیس شروع ہے منز پانس کُن متوجہ کران چھُ۔ مگر ثٔنی تہٕ در لفظن منز چھ قولِ محال تہٕ ستی چھےٚ بازار لفظن اَتھ تقویت دِژمژ۔ گویا کہ ثٔنی، پردہ، در، نیرہ، بازار لفظن منز چھِ ثٔنی، نیرہ، بازار (یِم نیٚبرِمس حالتس کُن اشارٕ کرن وألی لفظ چھِ) تہٕ در، پردہ (یِم أندرِمس حالتس ستی تعلق تھاون وألی چھِ) تضادُک سُہ تناو پیدہ کران یُس غورٕ سان پرن وألس قأریس پیچ چھُ دِوان۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھُ در پردٕ ضلع تہِ بناوان۔ یتھے کُنی چھُ بیاکھ شعرٕ۔

ینبرزل چشمہٕ چھے سیوٚد روز موُچھ دولہٕ مےٚ کُن
بوٗ چانے لولہٕ چھبس بیمار بلایو مدٕنو

ینبرزل، چشمہٕ، بیمار تہٕ بلایو چھِ مناسبتکی الفاظ۔ چشمن چھےٚ ینبرزلہٕ ستی تشبیہ دِنہٕ یوان تہٕ ینبرزلہٕ چھِ نرگس بیمار تہِ ونان۔ بلہِ سُہ یُس بیمار آسہِ۔ مگر ستی چھُ میرن سیوٚد تہٕ دولہٕ لفظن ہُنٛد استعمال کٔرِتھ تضاد پیدٕ کوٗرمُت یُس وِچھنس قأبل چھُ۔

خیر کتھ اُس چلان بنٛدِ تہٕ آزاد لفظن ہٕنز۔ اَتھ تناظرس منٛز وُچھتو میر انیسؔ سُنٛد یہ بند ؎

یہ ذکر تھا کہ بجنے لگا طبل اُس طرف
مُشکل کشا کی فوج نے باندھی اِدھر بھی صف
تیروں نے رُخ کیا سوئے ابن شہہ نجف
سینوں کو غازیوں نے اِدھر کر دیا ہدف
تھا بس کہ شوقِ جنگ ہر اِک رشک ماہ کو
جوش آ گیا وغا کا حسینی سپاہ کو

پوٛرِ بندس منٛز چھُ تیرن، صفن، ہدفن، وغا ہٕک (جنگک) تہٕ جنگس سٟتی تعلق تھاوَن والین لفظن ہُنٛد استعمال کرنہٕ آمُت۔ سوال چھُ زِ یمن لفظن سٟتی کیاہ چھُ حضرت علی سُنٛد لقب "مُشکل کشا" واٹھ تھاوان۔ مثلاً یہ مصرعہ ہیٚکہِ ہے یتھٕ کٔنۍ تہِ اُستھ ؎

ع لختِ علی کی فوج نے باندھی اِدھر بھی صف

ع شیرِ خدا کی فوج نے باندھی اِدھر بھی صف

دوٚیم مصرعہٕ ہیٚکہِ ہے زیادٕ مناسب بلکہِ انسب اُستھ تکیازِ شیرِ خدا چھُ بہادری ہُنٛد استعارٕ۔ مگر اَسہِ چھُ ننان زِ مشکل کشا (بمعنی مشکل کھولن وول، اصطلاحاً مشکلن ہنٛدۍ گنٛڈ کھولن وول) ترکیبہٕ سٟتی چھُ باندھی (بمعنی بند کرن) ایہام تضادٕچ مناسبت تھاوان۔ یتھٕ کٔنۍ چھُ ننان زِ

اُستادہکن رعایتہٕ تہٕ مناسبتہٕ خاطرٕ کُنہٕ نہٕ حدس تام گژھتھ تہٕ یہٕ کامہٕ منٛز
اَنہٕ خاطرٕ اَسی تمہ زبٲنی ہنٛدی پوٗشیدٕ امکانات بدٕ کڈان۔ ایہامِ تضاد کہٕ
اَمہٕ استعمالہٕ سٟتؠ گو معنیس منٛز تہٕ ہُر بر۔ یعنی صفن ہُند گنڈٕ نُے چھُ مُشکلن
ہٕنٛدِس کھولنس (حل کرنس) برابر۔ نی تو وونی میرٕ سُنٛد یہ شعر

صبحِ نو روز روئے یٮ۪لہِ ہووٗن
شبِ قدرے موئے یٮ۪لہٕ ترٛووٗن
روزِ روشن کوٚرنم شامے
تنہٕ یور نَے آمے اُتؠ یے

مضموٗن چھ پامال تہٕ عام تہٕ تشبیہات چھےٚ معمولی۔ بُتھس چھےٚ صبحس
سٟتؠ گاشہ تہٕ چمکہٕ وُن آسنہٕ کِنؠ تشبیہ دِنہٕ آمٕژ تہٕ زُلفن چھےٚ سیاہی کِنؠ شبس
سٟتؠ تشبیہ دِژٕمٕژ۔ شاعرٕ سٕنٛدِ خاطرٕ چھُ دوہُک مطلب زِ محبوب تُلہِ بُتھِ پیٹھٕ
زُلفہٕ تہٕ راتھ گَے یٮ۪لہِ بُتھس پیٹھ مَس پریشان آسہٕ (زِ سُہ چھُ محبوبہٕ سٕنٛدِس
آفتاب رویس کھٹان)۔ صبح، روز، روشن، شام تہٕ شب چھےٚ ترتیبہٕ سان مناسبتہٕ
یِم پرن وٲلِس گوڈٕ ے متوجہ کران چھےٚ۔ صبح تہٕ روشن لفظن منٛز چھُ ضلعُک
التباس (صبح روشن) مگر شب و روز یا روز و شب چھِ باقاعدہ پٲٹھی ضلع بناوان۔
ہنا سنو تہٕ "روزِ روشن کوٚرنم شامے" مصرعس چھِ زٕ معنی نیران یِم شعرس
منٛز موجود الگ الگ بیانن سٟتؠ رٕلِتھ الگ الگ معنی چھِ دِوان۔ مثلاً

۱۔ صبحِ نو روز روئے یٮ۪لہِ ہووٗن روزِ روشن کوٚرنم شامے

۲۔ شبِ قدرے موئے یٮ۪لہِ ترٛووٗن روز روشن کوٚرنم شامے

گوڈنیُک بیان چھُ یہِ زِ ییلہِ معشوقن صبحِ نوروز روے ہوٗن میون شام بنیو و روزِ روشن ۔ دوٚیم چھ معنیٰ دِوان ییلہِ معشوقن شبِ قدر موے یلہِ ترٛ وو میون روزِ روشن گوشامس منز تبدیل ۔ یتھِ کنی چھِ زٕ متضاد معنیٰ نیران ییم ، اہمیتہٕ کنی مساوی چھِ ۔ مگر حیرانگی چھےٚ یہِ زِ دوشوٕنی صورتن منز چھ معشوقس تعریفُک پہلو نیران ۔ تکیازِ صبحِ نوروزتہٕ شبِ قدر چھِ ایرأنی تہٕ اسلامی کلنڈرٕ مطأبق بڈٕ دوہ ۔ تہٕ یمن چھےٚ بُتھِس (صبحِ نوروز) تہٕ زُلفن (شب قدر) تشبیہ دِنہٕ آمٕژ ۔ مگر ییتہِ مساوی معنیٰ آسنہٕ باوجود چھُ روزِ روشن مثبت معنیٰ تھاوان تہٕ شام چھُ منفی معنیٰ ۔ گویاہ کہٕ تٔمی ترٛأوی زُلف بُتھِس پیٹھ تہٕ مےٚ گو روزِ روشن شام ( کأشر محاورٕ چھُ منٛدنٛین شام گژھن یعنی ہنگہٕ منگہٕ مصیبت یُن ) ۔ مگر یہ بیلنہٕ ہکو أسی ووجہِ (ٹیپہ) کسِ منزِ عس ییتہِ رلأوِتھ ۔ یعنی ییٚنہٕ سہٕ گوٚو مےٚ نِشہِ دوٗر تہٕ مےٚ گوٚو منٛدنٛین شام تہٕ ییٚنہٕ آونہٕ واپس ۔ اَمہِ لحاظہٕ ہیٚکہِ یہِ معنیٰ تہِ نیرتھ زِ معشوق کتھ تہِ حالتس منز آسہِ ہے میانہِ خأطرٕ اوس رٕژرُک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پہلو نیران ۔ بُتھ آسہِ نوٚن تہٕ میانہِ خأطرٕ چھُ نوروز (ایرأنی کلنڈر مطأبق چھُ فروردین رہتُک گوڈنیُک دوہ تہٕ اَمہِ ییتہِ چھُ نوٚ ؤری شروع گژھان تہٕ خوشی ہنٛدِ مناسبتہٕ چھِ اَتھ عیدِ نو روز[1] تہِ ونان تہٕ ییتھِ کنی چھےٚ نوروز (بمعنی عید) تہٕ شبِ قدرِ درمیان

---

[1] ایرانس منز اوس آتش پرستی ہنٛدس زمانس منز یہ سمأجی تہٕ فصلی بوٚڈ دوہ تکیازِ اَمہ دوہہٕ اوس بہار شروع گژھان ۔ مگر ییلہِ اسلام ایرانس منز دأخل سپُد تہٕ حضرت علیؓ ہنٛدبن مانن والین ہُنٛد غلبہٕ سپُد تمو دیُت اَتھ ہنا مذہبی رنگ ۔ چنانچہ رسول صلعمن اوس ۱۸ ذی الحج ۱۰ ہجریس منز حضرت علیؓ ہنٛدِ ولایتُک اعلان کوٚرمُت تہٕ تقویمہٕ مطأبق چھُ سہٕ یوٚہے نوروز ۔ اَو موکھ چھ اَتھ عیدِ نوروز تہِ ونان ۔

تہٕ مناسبت ۔ ووٗنی اگر روۓ آسہِ زُلفن تل تیٚلہِ تہٕ چھُ میانہِ خاطرٕ خوشی ہُند مقام ۔ (یِتھٕ کنۍ اُردوس منٛز محاورٕ چھُ ہر روز روزِ عید ہر شب شبِ برات) مگر تہنٛدِ گژھنہٕ ستۍ گۓ میانۍ خوشی غمس منٛز تبدیل۔

میرٕن چھُ اکہِ قسمکۍ اسم جمع گٔرتھ تہٕ یمن ہنٛزِ ایہامی نوعیتُک فایدٕ تُلِتھ تہٕ چھُ پننہِ بے مثل چالاکی (شاعرانہ چالاکی ۔ یِتھنہٕ یِتھ لفظس شیطانی معنہِ کڈنہٕ یِن تہٕ مےٚ کرن کنہِ کنہِ تکیازِ نکتہٕ چینن ہنٛز چھےٚ نہٕ کمی) ہُند ثبوت دِیتھمت ۔ مثلاً ۔

مأری بُلبُل ہزار چأنۍ زیرو بمن بمن

ونتہٕ روسلہِ زارٕ پارٕ یارٕ یِتہٕ بمن بمن

کلیاتِ رسول میر (مرتبہ ٹینگ) منٛز چھُ یہ شعر یِتھے کنۍ درج مگر کلیاتِ رسول میر (مرتبہ شادؔ) کتابہِ منٛز چھُ یِتھٕ کنۍ ۔

زیبا خون بو ہارٕ یارٕ یِتہٕ بمن بمن

مارٕ کری بُلبُل ہزار چأنۍ زیرُ بمن بمن

تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ أتھی شعرس ستۍ لیکھتھ مصرعہٕ واٹنہٕ آمُت ۔

بوز رُسلس زارٕ پارٕ یارٕ یِتہٕ بمن بمن

اَتھ سلسلس منٛز چھُنہٕ صحیح متن بروٚنٛہہ کُن یوان ۔ مثلاً اگر ٹینگ صأبن متن صحیح مانو تیٚلہِ چھُ دوٚیم مصرعہٕ تقطیع نبر ۔ اَمہِ ہُریمانہٕ کیا چھُ اَتھ معنی ۔ اگر مراد چھُ اے رسولہٕ ژٕ وَن محبوبس زارٕ پارٕ تیٚلہِ گوٗژھ ونتہٕ بدلہٕ

''کرتہٕ'' آسُن تکیاز زارِ پارِ کرُن چھُ محاورٕ لحاظٕ صحیح نہ کہ زارِ ''پارونن''۔ ستی اگر یہ رؤسلس کُن خطاب چھُ تیٚلہِ کتھٕ کِنٛ مأری رؤسل میرٕنی زیرو بمن بلبُل ہزار۔ ووٚنی اگر شادؔ صأبن متن صحیح مانو تیٚلہِ کیاہ وجہ چھُ زِ اَتھ شعرس چھِ ترٛےٚ مصرعٕ یٚیلہِ زَن اَمہِ غزلہِ ہنٛدی باقی شعر دوٚنی دوٚنی مصرعن ہنٛدی چھِ۔ مارٕ گری بُلبُل ہزار پتہٕ چھُ بوزرُسلس زارِ پارِ صحیح بہمان مگر یارِ پتہٕ (شاید چھُ سہو کتابت صحیح چُھ یتہِ) بمن بمن کیاز شعرس منز دوٚیہِ لٹہِ۔ اَتھ سلسلس منز چھےٚ ناجی منورن یہ وُنُن صحیح باسان زِ مختلف گیوٚن والیو گیوٚو بأتھ یا شعر پننہِ آیہِ تہٕ سأنی محقق تہِ رؤدی یمہٕ نےٚ گیوٚن والین آویزہ۔[۱]

بہرحال شعرک صحیح متن کیاہ تہِ چھُ مدعا چھُ یہ زِ رسول میرن چھُ ''دبُلبُل''،لفظس ستی ''ہزار'' گوٚنڈمُت تہٕ ٹینگ صأبن یہ وُنُن چھُ صحیح زِ یہِ چھُ دوٚن معینن منز استعمال سپُدمُت [۱] بُلبُل ہزار دستان تہٕ [۲] ساسہٕ بُدی بلبُل۔[۲] اگر شادؔ صأبن متن صحیح مانو تیٚلہِ چھُ ہارٕ (بمعنی اوش ژالہِ ژالہِ ترٛاوان) ہارِ ہنٛد التباس پیٚدٕ کران یا ہارِ (بمعنی ہارٕ واتج) کُن ذُہن گژھان۔ ؎

سون کُن یکھنا ہارٕ واتج یے
لُج یے دورن گڑاے

(صمد میر)

---

[۱] ناجی منور۔ کلامِ رُسل میر۔ مشمولہٕ مراز شمارہ ۴۔ وٕری ۲۰۰۶ء
[۲] کلیاتِ رسول میر (ٹینگ) صفحہ ۱۰۷

تہٕ یتھٕ کٔنۍ تہٕ چھُ ہار/ ہارٕ واتِج ، بُلبُل تہٕ ہزار پانہٕ وأنۍ ژٔلتھ مناسبت قائیم کران۔ وُچھتو یو ہے اسلوٗب کتھٕ کٔنۍ چھُ ولؔی دکنی ین ورتو وُمت۔

آاے مہ دوہفتہ مرے پاس ایک روز
ہرآن تجھ فراق کی سینے پہ سال ہے

بظأہر چھُ یہِ بجرُک معمولی مضموٗن تہٕ اَتھ منز چھُ ''سال'' بمعنی زخم، خلش استعمال آمُت کرنہٕ۔ مگر غور کٔری تو زِ یہ کتھٕ کٔنۍ چھُ یا قاعدٕ کلنڈر بنان۔

۱ آن = لمحہ ( وقتچ سارِوے کھوتہٕ لوکٹ اکائی ) ۔ ۲ اکھ ( اکھ لمحہ ، اکھ بڑنز ، اکھ گر ) ۔ ۳ روز = دوہ ۔ ۴ دُو = زٕ ( زٕ دوہ ) ۔ ۵ ہفتہٕ ۔ ۶ دوہفتہٕ = پچھ ۔ ۷ مہ = رٕتھ ( ماہ ) ۔ ۸ سال = ؤری ۔ وُچھتو ووٕنۍ رسول میرن یہ شعر۔

عشقنہٕ واو ہیۆت نم نار پانس خاک مےٚ گو
اَشہِ کے آبہٕ نابد زَن گلآیو مدنو[۱]

۱ کلیاتِ رسول میرس ( مرتبہ شاد ) منز چھِ یہ شعر ییمہِ آیہِ درج۔
عشقہٕ دادِ ہیۆت نم نار پانس خاک مےٚ گود
لبتہٕ چھےٚ ٹینگ صأبن کلیاتس ( مرتبہ ٹینگ ) منز یہِ وضاحت کٔرمٕژ زِ گوٗن وأنلۍ چھِ عشقنہٕ دادِ پران تہٕ یہ غلط چھُ ۔ عشقنہٕ واوٕ سٟتۍ کتھٕ کٔنۍ چھُ نار تیزان تمہِ خأطرٕ چھِ فارسی تہٕ اُردو ہکۍ زٕ شعر حأضر۔
۔ آتش دِل شد بلند از کفِ خاکسترم     باز مسیحائے شوق جنبشِ داماں کیست (بیدؔل)
۔ افسردگی سوختہ جاناں ہے قہر میر     دامن کو ٹک ہلا کہ دِلوں کی بجھی ہے آگ (میر تقی میر)

رسول میرن چھُ یتھ شعرس منز بظاہر معمولی مضمون تھووُمت یعنی عشقہٕ ستی انسانہٕ سُند فنا گژھن، لاغر گژھن وغیرہ۔ مگر ستی چھِ اَتھ منز عالمکی ژور عناصر جمع کرنہٕ آمتی ۔۱۔ واو۔۲۔ نار۔۳۔ خاک۔۴۔ آب ۔ چنانچہٕ یم چھِ اسلامی فلسفہٕ مطابق آب و نار و خاک و باد عناصر یموٗ ستی عالم اکبر یعنی کائنات بناونہٕ آمُت چھُ تہٕ یمہٕ وٕے ستی چھُ عالم اصغر (انسان) تہٕ وجودس منز آمُت۔ ہیٚندی فلسفہٕ مطابق چھےٚ پرٛتھوی پانژن عنصرن پیٹھ مشتمل یعنی اگنی، جل، وایو، پرتھوی تہٕ شُنیہ ...... تہٕ اگر غور کروتہٕ پانژھ عنصر چھُ رسول میرنس شعرس منز موجود۔ گلایو یعنی فنا گژھن تہٕ فنا گژھتھ چھُ شُنیہ باقی روزان۔ وُچھتو ووٗنی اَتھ منز کُس دائیرٕ چھُ وجودس منز اَنہٕ آمُت ۔ عشقنہٕ واوٕ ستی چھُ اندریم نار تیزان تہٕ نار چھُ انسانس سوٗری کرنہٕ پتہٕ خاکس ستی رلاوان۔ (تہٕ یتھٕ کٕنی چھُ سُہ ختم گژھان تہٕ نابدٕ کی پاٹھی گِلتھ شُنیہ روزان) مگر شُنیہ پتہٕ تہِ چھُ سُہ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگس منز موجود یعنی خاک تہٕ خاک چھےٚ آبس ستی اُڈرنہٕ یوان۔ یتھٕ کٕنی قرآنِ کریمس منز وننہٕ چھُ آمُت وخلق الانسان من الطین (سورہ اعراف) تہٕ طین لفظک معنی چھُ التُراب المختلط بالماء یعنی میٚژ آبس ستی اُڈرِتھ۔ تہٕ یتھٕ کٕنی چھُ یہ انسان وجودس منز یوان۔ بیٚیہٕ چھُ عشقہٕ نار نیران...... الخ ۔ یہ زَن برونٛہہ تہِ وننہٕ آو زِ وٕلی ین کوٚر فراقہٕ کس مضمونس منز فراقہٕ کِس معنیس ستی ستی کلنڈر تہِ بیان تہٕ رسول میرن گرپٹنس (عشقہٕ ستی)

فنا گرٕ ھنہٕ کس مضمونس منٛز اَمہِ معنے ہُر یمانہٕ عناصر ترکیبی تہِ بیان۔ گویا کہ یموشاعر وتھاوی اَکس مضمونس منٛز ز متوازی (Parell) معنی۔ وُچھتو یژھے صورتِ حال رسول میرٕ نس یتھ شعرس منٛز ۔

چشمِ نیم خواب چھبس بےٚ بیم میم دہان کوکل جیم

خوےٚ سیماب ڈے سیم تن تے ونتے لو

بے بیم لفظُک بے (ب)، میم دہانُک میم (م) کوکلُک جیم (ج) ڈے لفظُک دال (د) تہٕ تے لفظُک (ت) یتھ ٕکنہِ چھہِ سراپا نگاری ستی ستی حروف تہجی تہِ اَکس جایہِ جمع کرنہٕ آمتی۔ یتھے ٕکنہِ چھہِ بیٚیہٕ کینژَن شعرن منٛز کینہہ حروف انہٕ آمتی ۔

الف سپدم قد چون ڈیشتھ دال
زلف چھس جیم تے میم دہان

یا

قد چون الف، لام زلف، میم دہن چھُی

یمہِ ستی کوٚر میرنَ پژی پاٹھی بقول محمد یوسف ٹینگ یہ (عربی/ فارسی/ اُردو) رسمِ خط کاشُرس منٛز مستحکم تہٕ قلعہ بند[1]۔

---

[1] کلیاتِ رسول میر (ٹینگ) صفہ ۴۸

درج ذیل شعرس منز تہِ چھ حروفِ تہجی آمتی نظم کرنہٕ مگر اَتھ متعلق چھِ کینٛہہ نکتہٕ غور طلب۔ کلیاتِ رسول میرس (ٹینگ) منز چھُ شعر یتھٕ کٕنۍ درج۔

وُچھتون لیۆکھ کٲمۍ اوستاد
ابرو دونوں چشماں دوصاد
لوحِ جبیں بینیٖ قلم
کن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

مگر شاد صابٕنس مرتب کردِ کلیاتس منز چھُ یہ شعر یتھٕ کٕنۍ درج۔

وُچھتون سُہ کٲمۍ کوٚر اوستاد
ابرو دو گوں چشماں دوصاد
لوحے جبیں بینیٖ قلم
کن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

حاشیس منز چھُ "دو گوں" لفظُک معنی دِنہٕ آمُت زِ کمانٛی۔ یِتھے یوت نہٕ بلکہِ چھُ شاد صاب چھُ "ساسن توسہٕ پن" عنوانس تحت پنہٕ نِس دیباچس منز اَتھ کُن اشارٕ کران وَنان زِ تِموٚ کر یہ متنی غلطی درست۔

چنانچہ لغتس منز چھِ گوں لفظٕکی یم معنہِ درج
"(ف۔ا۔ مذکر) رنگ، گُن، ارادہ
گوں چھُ لاحقہٕ تہِ تہٕ چھُ کُنہِ لفظس ستی رنگُک معنی دِوان۔ مثلاً

نیلگوں، شام گوں وغیرٕ۔ اگر گوں أسؠ ہندی ''گنا'' لفظُک کأشُر روٗپ مانو

تیلہِ چھِ اَمیُک معنی۔ چند، مرتبہ، بار، مثلاً دوگنا، چوگنا۔ کأشری پأٹھؠ تہٕ

چھِ ڈ وگُین بیترِ ونان۔ یعنی کنہِ تہٕ لغتس منز چھُنہٕ گوں لفظُک معنی ''کمان''

أسؠ کرو فرض زِ کأنٛسہِ لسم جوٗقسمکی لغت نگارن آسہِ امیُک معنی ''کمان'' درج

کوٚرمُت توٚ پتہٕ تہٕ چھےٚ نہٕ رسول میرٕنس شعرس سِتؠ اَتھ کانٛہہ مناسبت۔

شعرس منز ییم لفظ استعمال کرنہٕ آمٕتؠ تم چھِ سأری لیکھہٕ پرِ سِتؠ تعلق

تھاوان۔ اوستاد (اُستاد) دوصاد (زٕ ص)، لوح، قلم۔ اَتھ سِتؠ کس تعلق

چھُ کمانن۔ دراصل مناسبتس سِتؠ لوٗ ےٚ خوٗ ےٚ نہٕ آسنہٕ کِنؠ چھُ شاد صأبن

ابروکمان ترکیب نظرِ تل تھأوِتھ گوڈٕ معنی ژھونڈمُت تہٕ پتہٕ لفظ تھٔرمُت۔

اَتھ مقابلہٕ چھِ ٹینگ صأبنس متنس منز مناسبتُک خیال نظرِ گرٛھان بلکہِ

چھُ یہِ بقول ناجی تمہِ پأیُک کلامہٕ یُس أچھ مُچھ ژُتھ رسول میرن مانٛنہٕ ییہِ۔

دراصل چھُ رسول میرن چشمن دون صادن (ص) سِتؠ تشبیہ دِژٕمژ تہٕ

دون ابرُون دون نونن (ن) سِتؠ۔ یہ چھُ دونون نہٕ کہِ دونوں (اُردو

دونوٚ ے) یتھٕ کِنؠ چھِ چشمہٕ صاد، ابرونون، جبیں لوح تہٕ بینی قلم بنان تہٕ

جسمہٕ کِنؠ مختلف اعضاہن سِتؠ چھِ ووج کس مصرعس منز استعمال کرنہٕ آمٕتؠ

لفظ کن تہٕ رُخ مناسبتس مزید تقویت دِوان۔

درج ذیل شعرن منز چھِ مختلف اعضاد تہٕ مختلف زیور جمع

کرنہٕ آمٕتؠ

جانٛ ودِل قربان کرِس سر آلوس تیٚمۍ ژٕ ے دیٕتے
نستہٕ خنجر بُمہٕ و نٛجر تیرِ مژگاں اے صنم

ہژریک باوٹھ، کنٛگ دۄر، دِلُک محرم، شلک ژور
ہٹیُک چھُم چشم بد دۄر سٕہ مختے ہار کوٚت گوم

دۄیمس شعرس منٛز چھُ باوٹھ دور تہٕ مختہٕ ہار (زیورو) علاوٕ ہوژ، کن، دِل/ شِل تہٕ ہٹہِ علاوٕ چشم لفظ تہٕ ورتاونس منٛز انٛنہٕ آمتۍ۔ وُچھتو ووٚنۍ یتھ شعرس منٛز چھِ مختلف کھینہٕ چیز جمع کرنہٕ آمتۍ۔

خضر بادام بریوچندو شیریں ألہٕ تہٕ سپاری
کأشرِ نابد مصرکہٕ قندو ژٕ پرتو یا فتاح

یتھ شعرس منٛز چھُ "مِصرکہ" لفظ ایہامی نوعیتُک۔ کأشرِس نابدس مقابلہٕ چھُ مِصرُک قند تھاونہٕ آمُت مگر خضر، ألہٕ تہٕ سپاری مقابلہٕ چھُ "مِصری" ہُند تہِ التباس گژھان۔

یِم شعر چھِ "چشم" تہٕ "مصری" کہ مناسبتہٕ کہ التباسہٕ باوجود بیانیہٕ تہٕ میون دعویٰ چھُنہٕ یہ زِ رسول میر سُند پژھ یتھ کانٛہہ شعر چھ معنیٰ آفرینی ہُند شاہکار۔ البتہ میون موقف چھُ یہِ زِ رسول میرُن پانس نادر سخن گوون چھُ تتھی تناظرس منٛز یتھ منٛز فارسی کِنہ سبکِ ہندی تہٕ اُردو کِنہ ایہام گو شأعرن وننہٕ چھُ آمُت۔ مثلاً رسول میرنہٕ شأعری منٛز چھِ یتھ شعر تہِ

میلان۔

متہِ روز دَما روز درہمؔ چانہِ لولرے
شروَنہِ دار سونہٕ ہنز بنگرِ گریمؔ چانہِ لولرے
(کلیاتِ میر۔ٹینگ)

روزٕ درنس تہٕ بنگرِ گرنس چھُنہٕ کانہہ معنوی علاقہٕ۔ حالانکہِ پروفیسر شآد صأبن چھُ مطلع یتھٕ کنی درج کۆرمُت۔

مےٚ ہیہِ پوشن مالہٕ کرہمؔ چانہِ لولرے
مےٚ اَچھِ پوشن رَچھِ کریمؔ چانہِ لولرے

'چونکہِ چانہِ لولرے چھُ پورِ غزلہِ منز ردیف تہٕ یِمہِ لحاظہٕ چھُ کرہم چانہِ لولرے ردیف بنان۔ اَمہِ سِتی چھُ قافیس کھُر یوان تکیازِ مالہٕ تہٕ رَچھِ ہیکن نہٕ قافیہ أسِتھ۔

البتہٕ چھِ کلیاتِ رسول میرس (شآد) منز درج ذیلٕ زٕ شعر دِنہٕ آمتۍ۔ یِمہِ سِتۍ باسان چھُ زِ ٹینگ صأبُن چھُ دۄن شعرن ہنٛدی زٕ الگ الگ مصرعہٕ درج کری مِتۍ۔

عید آیہِ ژۄلُکھ روگہِ کتیو گوکھ گندنس مَس
متہِ روزمےٚ دۄ[1] روزٕ درہم چانہِ لولرے

---

[1] متہِ روز مےٚ دۄ چھُنہٕ سمجھ یوان

شبنمہ تہٕ داہ سامانہٕ مےٚ ژٕرےٚ کتہٕ پرٕ جانانے
شرونہٕ دار سونہٕ ہنٛز بونگرِ گربم چانہ لولرے

اَتھ مقابلہٕ چھُ رسول میر ہنٛدِس یتھ شعرس منٛز لف ونشر درپیٹھی گژھان۔

ہی تہٕ مسول بینہٕ ینبرزل برٕ گےٚ ژٕرےٚ کُن وُچھان
چشمہٕ سیاہ ، روخ وۄزاَلی جامہٕ چھُتی یے اُتی یے

اٰخر پیٹھ چھُ یہِ وَنُن ضروری باسان زِ ایہام، مناسبتو تہٕ رعایتو ہٕتی معنکیٚ نٔوی نٔوی تہٕ متوأزی تہٕ متضاد پہلو کڈن وول شاعر اگر نہٕ پانس "نادرِ سخن گو" ونہِ تیٚلہِ کیا ونہِ ہے۔ تہٕ اَتھی نادر سخن گوئی ہنٛدِس بل بوتس پیٹھ چھےٚ رسول میرٕنی شاعری نارٕ کتاب۔ رسول میرن ییٚلہِ پننہِ شاعری نارٕ کتاب وۄن تہٕ دیٚتُن پننٕین ہم عصر شاعرن چلینج مگر یہ چیلنج چھُ از تہٕ سانین نقادن ہنٛدِ خاطرٕ صلائے عام۔

میانہٕ خیالہِ چھُ امہِ چیلنجہٕ کنہٕ میر تقی میر سُنٛد یہ شعر رسول میرس پیٹھ صادق یون۔

طرفیں رکھے ہے ایک سخن چار چار میر
کیا کیا کہا کریں ہیں زبانِ قلم سے میر

☆

# اشاریہ

## ا

حافظ شیرازی = ۳۷، ۳۸، ۳۹، ۴۱، ۴۲، ۴۳، ۴۴، ۴۶، ۴۷، ۱۱۴، ۱۱۹، ۱۲۰، ۱۲۱، ۱۲۴، ۱۲۵، ۱۳۷۔

حالؔی الطاف حسین = ۱۶، ۱۷، ۲۰، ۶۶۔

حیات عامر حُسینی = ۳۳

**خ**

خانِ دوراں میر بخشی = ۶۷

خسؔرو حضرت امیرؒ = ۳۱، ۳۸، ۴۹، ۵۰، ۵۱، ۵۷، ۶۲، ۱۱۱

خوشدؔل دیارام = ۵۳، ۵۵، ۶۱۔

خیرآبادی فضل حق = ۱۸

**د**

دردؔ خواجہ میر = ۶۸

**ڈ**

ڈار رحمان = ۱۳، ۲۰

**ذ**

ذوقؔ شیخ ابراہیم = ۲۶، ۸۷

**ر**

راسین = ۴۲

راہی رحمٰن = ۱۲

رچرڈس = ۱۱

## ش



## ص



## ط

**ظ**



**ع**



**غ**



**ف**

## م

۶۳، ۶۴، ۷۵، ۹۶، ۱۰۵، ۱۲۲، ۱۳۴،
۱۳۷، ۱۴۵، ۱۴۶، ۱۵۱، ۱۵۳، ۱۵۴،
۱۵۹، ۱۷۰، ۱۷۷

میر حسن = ۷۵

میر صمد = ۱۳، ۲۱، ۲۲، ۱۳۹، ۱۶۹۔

**ن**

ناجی شاکر = ۳۶، ۶۸، ۱۳۶، ۱۳۷۔

ناجی منوّر = ۱۶، ۳۳، ۵۶، ۶۰، ۸۹، ۹۳، ۱۴۱،
۱۶۰، ۱۶۱، ۱۶۲، ۱۶۹، ۱۷۴۔

نارنگ گوپی چند = ۴۵

ناصر سرہندی = ۵۹

ناصر کاظمی = ۴۳

ناظر غلام نبی = ۸۶، ۸۷، ۱۰۲، ۱۰۵۔

ناظم صاحب = ۸۲، ۹۴، ۹۵، ۱۶۲۔

نافع مُلّا محمد زمان = ۵۳۔

نظم طباطبائی = ۱۳۲

نظیر اکبر آبادی = ۱۴۶

نعمہ صاحب = ۲۰

نواب عمدۃ الملک = ۶۷

نوشہری خواجہ حبیب اللہ (حُبّیؔ) = ۲۰، ۵۳، ۵۴، ۵۶، ۵۹، ۶۰،
۷۷، ۹۴، ۱۰۹،

**و**

ورجل = ۴۲
ولی اللہ متو = ۸۲
ولؔی دکنی = ۶۲، ۶۴، ۶۶، ۷۰، ۷۵، ۷۸،
۱۷۰، ۱۷۱۔
وہاب کھار = ۳۰

**ہ**

ہمدانی میر محمدؒ = ۱۹
ہمدانی میر سیّد علیؒ (امیر کبیر) = ۱۹، ۵۳، ۷۷

**ی**

یقین = ۶۸، ۶۹۔
یک رنگ = ۱۵۹

# کتابیات


| نمبر شمار | مصنف/مولف | کتاب | ناشر/مطبع | سنہ اشاعت |
|---|---|---|---|---|
| ۱ | آزاد ابوالکلام | تذکرہ | | |
| ۲ | آزاد عبدالاحد | کشمیری زبان اور شاعری | جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر | ۱۹۶۲ء |
| ۳ | برج کشن بے خبر وغیرہ (مرتبین) | بہارِ گلشنِ کشمیر | انڈین پریس الہ آباد ۱۹۳۱ء | |
| ۴ | ٹینگ محمد یوسف | کلیاتِ رسول میر۔ مرتبہ | جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر | |
| ۵ | جالبی جمیل | ایلیٹ کے مضامین | | |
| ۶ | سحر ابوالفیض | صنائع معنوی۔ مشمولہ درسِ بلاغت | قومی کونسل برائے فروغِ اُردو زبان ۔نئی دہلی | ۱۹۹۷ء |
| ۷ | سروری عبدالقادر | کشمیر میں اُردو | جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر | ۱۹۸۴ء |
| ۸ | شاد رمضان (پروفیسر) | اتھ ظلماتس لعل کیاہ چھِ تے | | ۲۰۰۵ء |
| ۹ | شاد غلام محمد (پروفیسر) | کلیاتِ رسول میر شاہ آبادی | اشرف بُک سنٹر ریڈ کراس روڈ سرینگر | ۲۰۰۴ء |

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| ۱۰ | شوقؔ شفیع (پروفیسر) | نادر سخن گو۔ رسول میر مشمولہ۔ شیرازہ | جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر | ستمبر، اکتوبر ۱۹۸۹ء |
| ۱۱ | فاروقی شمس الرحمٰن | شعر شور انگیز جلد اوّل تا چہارم | قومی کونسل برائے فروغِ اُردو زبان نئی دہلی | ۱۹۹۷ء |
| ۱۲ | فاروقی شمس الرحمٰن | اُردو غزل کے اہم موڑ | | |
| ۱۳ | فاروقی شمس الرحمٰن | جدیدیت کل اور آج | اے۔پی۔ آفسیٹ پریس لال کنواں۔ دہلی | ۲۰۰۷ء |
| ۱۴ | محمد حسن (ڈاکٹر) | دہلی میں اُردو شاعری کا تہذیبی اور فکری پس منظر | علی گڑھ | ۱۹۶۴ء |
| ۱۵ | محمود الٰہی (ڈاکٹر) | نکات الشعراء از میرؔ (مرتبہ) | دانش محل لکھنو | ۱۹۷۲ء |
| ۱۶ | مسعودی۔م۔م | کشمیر کے فارسی ادب کی تاریخ ۱۸۱۹ء۔۱۹۵۲ء | انڈین پرنٹنگ پریس ڈلگیٹ سرینگر | ۱۹۹۳ء |
| ۱۷ | ملک غلام رسول (پروفیسر) | رسول میر (ہندوستانی ادب کے معمار) مترجم مجید مضمر | ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱ | ۱۹۹۴ء |

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| ۱۸ | منظرؔ اعظمی (ڈاکٹر) | اُردو ادب کے ارتقاء میں ادبی تحریکوں اور رجحانوں کا حِصہ | اُتر پردیش اُردو اکیڈیمی۔ لکھنو | ۱۹۹۶ء |
| ۱۹ | ناجیؔ منوّر | پُرسان | جے کے پرنٹنگ پریس سرینگر | ۱۹۹۸ء |
| ۲۰ | ناجیؔ منوّر | کلام رُسُل میر۔ مشمولہ رسالہ مراز۔ شمارہ ۴ | مراز کلچرل سنگم شُپین | ۲۰۰۶ء |
| ۲۱ | ناجیؔ منوّر | کلیاتِ محمود گامی (مرتبہ) | جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر | ۱۹۹۲ء |
| ۲۲ | ناظرؔ غلام نبی | کأشری شأعری تہٕ بلاغت | چمن انٹرپرائزز | ۲۰۰۴ء |
| ۲۳ | یعقوب عامر (ڈاکٹر) | صنائع لفظی۔ مشمولہ درسِ بلاغت | قومی کونسل برائے فروغِ اُردو زبان۔ دہلی | ۱۹۹۷ء |


☆

# مُصنف سٕنٛز باقی کتابہٕ

۱۔ نغمہٕ زنجیریا (اُردو شعری مجموعہ) ۱۹۹۳ء

۲۔ غبار (عبدالرحمٰن آزادٕ سٕند بن خطن
ہنٛز سومبرن۔ ترتیب) ۱۹۹۲ء

۳۔ کلیاتِ عبدالرحمٰن آزادؔ (ترتیب) ۲۰۰۹ء

۴۔ سبوچہ (اُردو شعری مجموعہ) ۲۰۰۹ء

۵۔ اُردو لغت نگاری: روایت اوزارتقاء
(تحقیق وتنقید) ۲۰۰۹ء

# ۶۔ زیرِ ترتیب تہٕ زیرِ طبع کتابہٕ

۱۔ کشمیر میں اُردو معاصر شاعری۔

۲۔ اُردو میں لغت نگاری۔ اصول وضوابط

۳۔ اُردو اور کشمیری کے رشتے۔

۴۔ کأشرِ بن مضمونن ہنٛز سومبرن۔

☆

**ROSUL MIR: NADIR SUKHAN GO**

by

*Dr. Nazir Azad*



نا : نذیر احمد

لمی ناو : نذیر آزاد

والد سُند ناو : (مرحوم) عبدالرحمٰن آزاد

زہنۂ جاے : کوئل پلووم - کشمیر

زہنۂ دوہ : ۲۸ جون ۱۹۵۸ء (عیدالاضحیٰ)

تعلیم : پی ایچ ڈی (اردو)

پیشہ : ایسوسی ایٹ پروفیسر محکمہ اعلیٰ تعلیم - جموں و کشمیر

سکونت : ۱- آزاد منزل کوئل پلووم - کشمیر

۲- آزاد منزل، نزدیک سلسبیل اسکول ہمہ ہوم - بڈگام

فون نمبر : ۰۹۴۱۹۰۳۰۷۲۰ - ۰۹۷۹۷۹۵۷۹۴۸

**EDUCATIONAL PUBLISHING HOUSE**

3108, Gali Vakil, Kucha Pandit, Lal Kuan, Delhi-6 (INDIA)

Ph: 23216162,23214465 Fax : 0091-11-23211540

E-mail :info@ephbooks.com, ephdelhi@yahoo.com

Website: www.ephbooks.com

